# افسانک فن

خاص شمارٕ

۲۰۰۲ء



# انہار

کاشُر ڈپارٹمنٹ کشیر یونیورسٹی حضرت بل سرینگر

یونیورسٹی تحقیقی رسالہ

# انہار

۲۰۰۲ء

نگرانِ اعلیٰ

شفیع شوق

مجلسِ مشاورت :-

شاد رمضان

مجروح رشید

رتن تلاشی

محفوظ جان

ایڈیٹر :-

قاضی ظہور

معاون :-

معراج ترکوی

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، یُونیورسٹی آف کشمیر، حضرت بل سرینگر

# انہار

گوڈنیک چھاپ ــــــــــ ۲۰۰۲ء
سرورق / کتابت : ــــــــــ معراج ترکوی
چھاپ خانہ ــــــــــ میکاف پرنٹرس



ناشر:-
کاشُر ڈپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر، حضرت بل، سرینگر

# ترتیب

# سَرنامہٕ

اَفسانچ صِنف چھےٚ پَنٛژٕہَن وٕرِیَن دوران مختلف ارتقائی منٛزِ لو منٛزٕ نیرِتھ کاشُر اَدبُچ اکھ باوِقار ادبی صنف بنیمٕژ۔ یُہ زِ چھُ یہِ زِ فکشنس منٛز رُود اَفسانَے سارِوٕے کھوٚتہٕ مقبوٗل تہٕ کامیاب صنف تِکیازِ ناول ہیٚکیہٕ گینٛژ وتجرُبو وَرأے پَنٕنۍ جاے زٕٹِھتھ۔ عالمی ادبَس تہٕ کأشرِس اَدبس منٛز افسانچ اہمیت نظرِ تَل تھاوِتھ رُود افسانہٕ کأشرِ ڈیپارٹمنٹٕکِس نصابَس منٛز یِرِتھ سطحس پیٹھ اکھ اہم حِصہٕ۔ نصابُک یہِ کورس زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ مُفید تہٕ لگہار بناونہٕ خاطرٕ چھِ ڈیپارٹمنٹٕچ بروٚنٛٹھ تہٕ کینہہ کوٚشِشہٕ کرٕمژٕ۔ مثلاً اَز بروٚنٛہہ کینہہ وٕری کوٚر اَسہِ کأشرِس منٛز لیکھتہٕ آمتیٚن بہترِین اَفسانَن ہُند اکھ انتخاب تیار یُتھ "افسانہٕ مجموعہ" ناو اوس۔ یہِ انتخاب کوٚر طالِب عِلمَو تہٕ باقی پَرن والیو نہایت پسند تہٕ سانہِ ڈیپارٹمنٹُک اکھ اہم درسی ضروٗرت گو وپوٗرٕ۔ اَمہِ بروٚنٛہہ آسی کلچرل اکادمی تہٕ افسانَن ہندۍ زٕ انتخاب شایع کٔرۍ مٕتۍ یِم وۄنۍ نایاب چھِ۔ دِلہہ منٛز ساہتیہ اکادمی تہٕ کوٚر جدید کأشرِ افسانَن ہُند اکھ انتخاب شایع "کأشُر اَفسانہٕ۔ اَز" یہِ تہٕ آو نِصابس منٛز شامِل کرنہٕ۔

کأشرِس افسانَس یِمہِ رفتارٕ فروغ میوٗل تِمہِ رفتارٕ میوٗل نہٕ افسانس متعلق تنقیدس فروغ۔ یِلہِ زَن ضروٗرت چھےٚ زِ اَفسانہٕ چیٚن بدلوٚنٕ تراین پیٹھ یہِ مُسلسل لیکھنہٕ یِتھ زِ افسانَس منٛز صحت مند روایتھ قائیم سپدَن۔ یہِ ضروٗرت محسوس کٔرِتھ کوٚر یُہس کأشرِ ڈیپارٹمنٹن فاصلہٕ زِ تِم ساری مضموٗن ینِ اَکِس جِلدس منٛز

جمع کرنہٕ یم اَزتام افسانس متعلق لیکھنہٕ آے۔ یِمو مضمونو منٛز چھِہ کیٚہنہ مضمون برونٛٹھے انہارس منٛز۔ تہٕ شایع سپدی متی۔

توقع چھُ انہارُک دردس خاص شُمارہٕ "افسانُک فن" کرِ ساینٛن طالبِ علمن تہٕ ریسرچ سکالرن ہُند اکھ دیرینہٕ ضرورت پوٗرہٕ تہٕ افسانس متعلق سپدِ نوٚو بحث شروٗع تاکہ سون افسانہٕ سپدِ افسانہٕ کِس عالمی معیارن سٍتۍ روشناس۔

اَنہارُک آینٛدہٕ خاص شُمارٕ آسہِ "تقابلی ادب: موضوٗع تہٕ ہیٔت" یتھ منٛز یُہسہٕ کِس سالانہٕ سیمِنارس منٛز پرنہٕ آمتی مقالہٕ شامل یِن کرنہٕ۔

شفیع شوق
صدر۔ کاشُر ڈپارٹمنٹ

# اَزُک اَفسانہٕ عصریت

شفیع شوق

لفظ، از، چھُ ادبی معاملَن منز کم از کم اَکِس ڈٲلِس پیٹھ مشتمل آسان تہٕ چونکہ کٲشُر افسانُک رفتار چھُ سیٹھاہ سۄت لہٰذا چھُ یہِ اَمہِ کِنۍ وُہَن ؤہرِن ہِنز ہِن وُریَن وحاط کٔرِتھ۔ یِمنے ؤہرِ ہِن وُریَن ہِندِس افسانَس ہیکوٚ اَسی عصری اَفسانہٕ وَنِتھ تہٕ اَمِچ عصریت چھےٚ اَکہِ طرفہٕ اَمہِ کِنۍ داخلی ہیٔتی اصوٗلَن تہٕ رواجَن منز بٔدلیٛہ طرفہٕ اَتھ نیبر کٲشرِ لُکَن ہِندِس خاص پاٹھۍ تہٕ کُل عالمہٕ کِنۍ لُکَن ہِندِس معاشی، سماجی تمدنی تہٕ فکری صوٗرتحالس منز یُس اَتھۍن پاٹھۍ جہد لقاہ تہٕ تتھ اندر کامیابی یا ناکامی، آش یا فریب شِکِنۍ وۄتلہٕ سۍتۍ بدلان چھُ، اُدبِچ عصریت چھےٚ تتھ اندر تمہٕ کہِ زمانٕچ موجوٗدگی، ہٕکیارِ کانہہ تہٕ ادب پارٕ چھُنہٕ محض انفرادی ذہنی کیفیژ ہُند پاداوار آسان بلکہ تخلیق کارس اَندی پٔکھی یا کُل عالمس منز زِندٕ انسانن ہٕنز ذہنی کیفیژ ہُند تہٕ تہٕ اَمہِ رنگۍ تٔمیک ترجمان تہِ۔ چونکہ تخلیق کارس تہٕ تٔمۍ سِندِس مخصوص زمانس درمیان رشتہٕ چھُ لامحال، سُہ مخصوص زمانہٕ چھُ پانٕ پانے تخلیقہِ منز شامل گژھان۔

اَزُک افسانہٕ چھُ اَزی کِنۍ سارِنے افسانہٕ نگارن ہِنز اجتماعی صلاحیژ تہٕ کوٗششہِ ہُند نتیجہ۔ اَزکی سارٕی لیکھن وٲلۍ چھِ پَنُنہٕ پَنُنہٕ جایہِ فرد اَسِتھ پَنُنہٕ انفرادی صلاحیژ ہُند مظاہرٕ کٔرِتھ تہٕ بےشوٗنکی پاٹھۍ اَکھ جماعتھ بناوان۔ یِہندی انفرادی رویہ

تہٕ طور کٲتیاہ تہٕ بدٕلوٕن آسہٕ تن، کٲس بیٛٹھ چھنہٕ یِہندس فنَس منز۔ لازمن واریاہ قدرٕ
مشترک یِمہ یمن اُزکہ زمانٕچ پیٛٹھ زَنتہٕ چھِ دِوان تہٕ اُسی چھکھ تمہٕ کِسیٛ تناظرس منز۔ مولاناکوٚن
کران۔ یِہ بیٛٹھ کُنہٕ افسانس منز۔ چھُ بیک وقت اُزکین سارنی افسانہٕ نگارن ہُند ذہن
شامل تِکیازِ تخلیقی عملہٕ دوران چھُ یِہ بیٛٹھ کانہہ افسانہٕ نگار شعوٗری طور یا غار شعوٗری طور
پننین ہمکال افسانہٕ نگارن ہندی افسانہٕ نظر تل تھوان۔ تِہندی اسلوٗب تہٕ موضوٗع
تِہنز۔ پسند تہٕ ناپسند ترانان تہٕ چھُ افسانہٕ اوکُنہ تہٕ لیکھان زٕ شہٕ چھُ پننین ہمکالن منز پننہٕ
انفرادیت قایم پرٛٹھان کرُن یِتھ ساری تسلیم کرن۔ سُہ چھُ پننہٕ تجربہٕ تمن ستی باگراوُن
پرٛٹھان تہٕ تمن نِشہٕ اَمچہٕ نٔدرٕ ژٕ باپتھ داد پرٛٹھان پراوُن تہٕ پتہٕ پاسہٕ تمن قایِل کرناوُن
پرٛٹھان زٕ سُہ چھُنہٕ پننہٕ زمانہٕ ڈٲلتھ بلکہ مُوجہٕ نِہجہٕ تہٕ زوٗشہٕ ستی قدم بہ قدم۔

اُزکِس افسانس منز۔ چھِ پرانین افسانہٕ نگارن ہندی ذہن تہٕ کارفرما تِکیازِ
اُزیُک افسانہٕ چھُ تیٚلی اُزیُک ییلہٕ یہٕ پرانہٕ نِشہٕ مختلف چھُ تہٕ یِتھ تراوُمتر روایژ نِشہٕ
ڈٲلتھ چھُ۔ تِمہٕ سارے خصوصیژ یِمہ ستی مِن افسانن منز۔ آسہٕ چھِنہٕ اُزکین افسانہٕ نگارن
ہِندِ خاطرٕ وُتن ہندی کھڑی تہٕ یم کھڑی دوٗر کرنچ شعوٗری کوٗشش چھنہٕ تخلیقی عملہٕ دوران
واریاہ دخل تھوان۔ پلاٹ سازی منز، کردارنگاری منز تہٕ لفظن ہندس انتخابس منز۔
چھُ پرانین لیکھن والین ہُند دخل تِکیازِ تمن ستی چھُ تصادم۔ تم سارے کردار تہٕ چھِ
اُزکِس افسانس اُزیُک بناوُنس منز۔ دخل تھاوان یم ستی مس افسانس
منز مقبول آسہ۔ اُزیُک پی ان،(پرالب) چھُ نبرشانس (دٕریاہٕ ہُند ییزار) نِشہٕ بیوٚن
تہٕ بدٕلوٕن پرٛٹھان بنُن۔ سُہ 'پی ان' چھُ بدٕلوٕن مگر تمہٕ سنز بدوٗنیت تمہٕ زاوٕنس منز چھنہٕ
افسانہٕ نگارن شعوٗری کوٗشش کرمژ۔ تمہٕ سنز یِہ بیٛٹھ حرکت، یِہ بیٛٹھ کُنہٕ چھنہٕ نبرشانس
نِشہٕ مختلف آسنہٕ باپتھ محنت کران، تمہٕ ہیوٚت نِشہٕ تہٕ بلکہ برسی واتلس دندوٕزن)
نِشہٕ تہٕ تہٕ پرانین افسانہٕ نگارن ہندین کردارن نِشہٕ تہٕ "یمبرٕ" افسانکی کھوسہٕ

کوٚب، پھوٚپھ، لوٚنگ، کون، زوٗر بیترِ تہٕ چھِ وۄتھ واشرس دوران پوشہٕ کجرِ تہٕ اکھ صاٲب تہٕ بیا کھ صاٲب تہٕ ہری کرشنہٕ نیٚن باقی کردارن سۭتۍ متصادم۔ گلشن مجیدُن درویش (کھشرِ ولد ہوٗنۍ نندس اردس منٛز اکھ سفر) تہٕ موہنگہ شاہ یا اسد صاٲب (ٹنگہٕ ڈوٗلمُت بر) چھِ اختر، کاٲمل، نرِدوش، بھارتی بیترِ افسانہٕ نگارن سۭتۍ متصادم۔ اتھ منٛز چھے گلشنٕنۍ محنت شاٲمل۔

یِم ساری محرکات تہٕ مداخلژ یوٚتام نہٕ اَزیکس افسانس منٛز آسن یہ آسنہٕ اَزیُک بلکہ ستہٕ افسانہٕ ییِٚ جوٲبی کارڈ، یا ییلہِ گاشِش پھوٗل، اوس۔ اَزیکس افسانس منٛز چھُ اَزتیلی شاٲمل گرٛژھان ییلہِ یِم ساری محرکات تہٕ مداخلژ کارفرما آسن دوران افسانہٕ نگار اَزیکس کردارٕ سُند اوٚند پوٚکھ پرزناوِ۔ جدیدستیٚس پیٹھ ژھوٗرے ایمان تھاوُن وول دِیہ ہے اوٚندکھس کیاہ چھُ کرُن، یا افسانہٕ احد زرگر نہٕ صوٗفیانُک بدل بناوُن وول پرژھہِ کردار چھُ شخصس اندر تہٕ اوٚند پوٚکھ کیاری آو مگر شخصس اندر گیٚتھ کردارس تام واتناور جہِ وٕ تہٕ کم چھنہٕ ؟ یہے اندی یکھی فضوٗل چیز، تمہٕ سُند گر گرویٹھ پلوٚ پوشاکھ، وۄتھنۍ بہنۍ طور طریقہٕ، تمہٕ سُند ذایقہٕ، تمہٕ سُند گفتار، کتھ ہند تلہٕ تراو۔ دفترس تہٕ گرس منٛز وطیر، تمہٕ سٕنز کتابہٕ یا کیسیٹ، تمہٕ سُند باتھ رُوٗم، ڈریسنگ ٹیبل یا طاقچہِ تہٕ صندوٗق۔ غرض تہٕ سورُے یہ نہٕ سُہ چھُنۍ مگر یہ تِس نیٚبری نیٚبری شخصیت بناوان چھُ۔ تتھۍ اندر چھُ تمہٕ سُند اندریُم کردار گیٚتھ۔ نیٚبریُم چھُ اندریمُک پھرتھ ریچھ مگر یہ پھرتھ ریچھ پرزناوِ تھے چھُ اندرِم گیٚتھ ریچھ تصورس منٛز یوان۔ امہِ روس اگر اندریم ریچھ باونیچ کوشش ییہ کرنہٕ، نتیجہ نیر خود کلامی یا واقعن ہند خلاصہ۔ مثلن وۄے کیوٚم (علی محمد لون) نژے چھکھ، نژے چھیکھ (اختر محی الدین) یا پتھ (غلام رسول سنتوش)۔ اَزیکس افسانس منٛز گیہ تہٕ فضابندی ہنٛز اہمیت ترک۔ فرق چھے یژے زرِ روایتی افسانس منٛز ییتہِ فضا تھے پاٹھی روٲیتی تہٕ مقرر اوس یتھ پاٹھی قدیم ڈرامس منٛز

سٹیجک سیٹ اوس آسان یا ہندوستٲنؠ فلمی بٲتن ہِندِ پس منظر، تہٕ چھُ نٔوِس افسانس
منز یہِ فضا یا پس منظر بلکل جُدا گانہٕ نا اندازی۔ اَتھ چھُ حوالہٕ جاتی رنگ ضروٗر مگر یہِ چھُ
مخصوٗص کردارن ہِنزن مخصوٗص تہٕ نا اندازی جذباتی تہٕ احساساتی کیفیژن ہُند
دیُت۔ لہٰذا چھُ اَز کس افسانس منز زبٲنؠ ہُند ہاوُن بل زیادٕ زیادٕ کامہِ لاگُن ضروٗری
(یُس بدقسمتی کنہِ کٲشرِس افسانس راوُن چھُن ہیوٚتمُت۔) ضروٗرت چھےٚ یمہِ کتھہِ ہُند
زِ سٲنؠ افسانہٕ نگار یِن زناوُن پرانہٕ افسانکی فکسچر تہٕ پننہٕ زبٲنؠ ہُند ہاوُن بل ورتاوُن
پوٗرٕ شدتہٕ سان یُس کردارن ہِندِن بے بدل صوٗرتِ حالن پیش ہیکہِ کٔرِتھ۔ پرانہٕ
افسانکی فرسوٗدٕ وٮ۪تہٕ تہٕ کلیشےٚ بدِ کڈنس تہٕ تموٗنشہٕ نوٚب ہینس منز تہٕ چھےٚ سانہٕ افسانچ
عصریت۔

اَز نیلہِ زن سانہٕ ادبہٕ کِس پوٚت منظرس منز کانہہ تہٕ شبقہ فکری تحریک یا اجتماعی
غارادبی رجحان یا جماعتی مقصد یا منشوٗر چھُنہٕ، انفرادی افسانہٕ نگارن پیٹھ چھےٚ
زیادٕ ذمہٕ داری۔ اَوتام اوس سُہ افسانہٕ کامیاب تصور یوان کرنہٕ یتھ منز یِمن
تحریکن، رُجحانن، مقصدن یا منشوٗرن ستی ہم رنگی آسہے۔ پٔرن وول یا نقاد اوس
تِتھہِ افسانس داد دِوان یتھ منز کانہہ تیُتھ مسٔلہ یا موضوٗع بہتر پاٹھۍ پیش آسہے
سپدمُت یُس وارِ ہیوٚر برونٹھے تُلمُت آسہے تہٕ پیش کرنس منز آسہٕ ہُس کینہہ کھوچرم
رودمُت۔ ۱۹۵۰ پیٹھ ۱۹۶۵ تام لیکھنہٕ آمتین اکثر افسانن منز اوس کردارن
ہُند حال سماجی حالک نتیجہ یوان زانہٕ نہٕ سماجک حال اوس مخصوٗص نظرِ وُچھنہٕ تہٕ
زانہٕ یوان۔ فرد اوس نہٕ کُنی۔ اَمہِ دورکی بیشتر افسانہٕ آسہ اکہٕ سیاسی منشوٗرکی تہٕ تحریکی
پاداوار۔ کردار آسہ کینژن تصوٗرن ہِندی آکار یا علامتی اظہار یِم تصور افسانہٕ نگارن
تھٔر دِمتہٕ آسہ تہٕ اَوِ کنہِ اوسے نہٕ یِمن کردارن ہِنٛز کانہہ داخلی وجوٗد صرف آسہ بے زو
کُھٹھ یا اکایہ۔ ترقی پسندی دیُت کٲشرِس افسانس زبٲنؠ ہُند ہاوُن بل ورتاونک

موقعہ ضروٗرتہٕ لکہٕ ڈٕلیلہٕ تہٕ پادشاہ کتھہٕ ہندۍ فرضی کردار تراوِتھ اٚندۍ کیٚچھو زندٕ زوٗ بنیہٕ تِتھے پاٹھۍ
علامژ یِتھ پاٹھۍ پرانہٕ لکہٕ ڈٕلیلہٕ منز، راژہ، راٗنی، وزیر، جِن، پٔری، چالاکھ بُڈٕ، راتہٕ موٗنل
کاو، ہاپتھ، پوژھ لوو بیتر آسۍ۔ یِم یتھ کردارس اوس علامتی معنے ہیٚک اہمارِیُس نسل
بہٕ نسل منتقل اوس سپدان۔ یِتھے پاٹھۍ آسۍ ترقی پسندی ہُند ذاٗلدار، موٗقدم، گرٕیوٚس
موٗرزور، مُلیسہٕ وول، پیٹھوارۍ، غلہٕ دار بیتر افسانہٕ نگار یہند ذاتی فرض کرِتھ مٔتۍ وجوٗد
یِم تِس طے شدٕ نتیجس تام واتناوان آسۍ۔

جدیدیت آیہٕ کاشرِس افسانس منز ۱۹۶۵ء پیٹھ یِیلہٕ ساٚنٛو افسانہٕ نگارو پلاٹ،
کردار، نقطۂ نظر تہٕ زبان پننِس ذاتی تجربس تابع ورتاوِ تہٕ بایتھ نٔوۍ نٔوۍ تجربہٕ کرِتھ، تکرِ
بدلہٕ آو فنس پیٹھ زور دِنہٕ۔ منشوٗر تہٕ جماعتی عقیدٕ تراوِتھ آیہٕ لمحاتی تہٕ داخلی پٔرزن
اہمیت دِنہٕ۔ ترقی پسند آسۍ زانان زِ افسانُک پلاٹ گرِتھ تِھیٚن اختراع کرِتھ تِیٚن
واقعن اغلب پاٹھۍ ترتیب وار ہاوُن یِم واقعہ افسانہٕ نگار سماجکِس حقیقی صوٗرتحالس
نظر تل تھوٗوِتھ کیٚنہٕ اکِس طبقس حمایت کرنہٕ بایتھ تاران اوس۔ افسانہٕ نگارُن فن اوس
اُتھی منز زِ سُہ کتھ حدس تام ہیکہٕ ہے پرٛن والی ستر پرٛتھ رنیتھ۔ سُہ اوس لہذا زندگیہ پیٹھ
پننہٕ ترتیبہٕ لاگوٗ کران۔ جدید افسانہٕ نگارن کوٚر گوڈٕ یِتھے ترتیب وار پلاٹس انکار تکیازِ
ترتیب وار قصہٕ چھِیی نہٕ کُنہٕ اصل زندگیہ منز۔ پرٛتھ زِ یہٕ چھِنے زندگیہ منز ترتیب نا اندازہٕ
پاٹھۍ بدلان روزان۔ واقعن ہُند اصل زمانی تواتر آو کردارُند ذہنی زمانی تواترُ
زانہٕ۔ خارجی زندگیہ منز موجوٗد علت تہٕ معلوٗلک رشتہٕ آو نہٕ منٛتر اوِ تہٕ مگر یہٕ رشتہٕ
چھُنہٕ یِمن سیٚو دِیمن درمیان چھُ اکھ ترٛیم چیز یُتھ انسانہٕ سُند شعوٗر وَنو۔ یُس رِوایتی
ڈٕلیلہٕ گوٚر تہٕ ترقی پسند افسانہٕ نگار منٛتر اوان اوس۔ جدید یو زون زِ یہٕ رشتہٕ چھُ:
علت ← شعوٗر ← معلوٗل اگر یہٕ رشتہٕ صرف علت تہٕ معلوٗلس درمیانے روزِ،
سُہ چھُ خالی طبعی دُنیہک رشتہٕ۔ مثلاً پیالہٕ پیوٚ واتھ منز۔ وۍ تہٕ پھُٹ۔ مگر یِیلہٕ

انسانی ذٕہنیچ کتھ آسہِ اَتھ منز چھُ سُہ کردار زیادٕ اہم ییٚمہٕ سٕندِس اَتھَس منز پیالہ اوس تہٕ افسانہٕ نگارٕ سُند موضوع گرشہِ ہُتے آسُن زِ تَس کیاہ سپُد تیٚمہٕ زِ سُہ وِنیسر پیوو، بابنہِ پیوو، خوش گوو یا حاُران گوو تہٕ یہِ زانُنہٕ باپتھ چھُ افسانہٕ نگارس ہرجایہٕ ہرآگاہ بنِتھ کردار سٕندِس شعورس منز وَسُن پیوان۔

پنڈت رامہٕ ژٕندرن دِیت گرگرداماہ تہٕ ووٚنُن: "یہِ
ژاس صحبس مُبارکس صحب اوس سونہٕ نِش بِہتھ۔ میم صحب
تہٕ آس اَتی۔ سونہٕ بوکَٹ اُسی ژور ــــ یِم اُسی سونہٕ کمِن
ہیتِ کھونکھن لاگی لاگی دوہ دِیوان تہٕ تُم زٕ بارٕ اُسی اُسان
منے کوٚر مُکھ مُبارک"۔ پنڈت رامہٕ ژٕندرن کرٕ اَسہٕ ہنا۔
تماگی دامہٕ ہنا چینِن تہٕ ووٚنُن:
"صحبن ترا اوٚنم اَسہِ وِنہٕ سونچہِ بِتھس کُن نظراہ، زِنہٕ کیاہ تام
حاُرتھاہ لوٚ بمُت اوسُن۔ منے ووٚنمُس ہِلہِ، محض ہِلہِ،
صحب اکھ بوٚ کِتی ہناہ دِژوَن میتہٕ۔۔۔۔۔"

(اختر محی الدّین: پرالب)

چونکہِ کردار سٕندِس شعورس تام رسائی چھنے دشوار تہٕ شعور چھُ نِراکار تہٕ بے ترتیب یادن احساساتن تہٕ خیالن ہُند گنُر، اَتھ کانہہ ترتیھ ترتیب دِنی زٕ یہِ ییٚمہٕ افسانہٕ پیٚتھ منز اکھ واقعہ آسہِ، بنیوو اکھ اہم جمالیاتی مسلہ۔ جدید افسانہٕ نگارن کوٚر یہِ مسلہ حل کرنہٕ باپتھ متوازی تمثیلن تہٕ تلمیحن ہُند استعمال۔ یَدس زمانہٕ کِس ذہنی صوٗرتحالس مقابلہ یا اَتھ متوازی گژھ ریمتہٕ زمانک کانہہ تواریخی، داستانوی یا فرضی واقعہ بیان کرنہٕ سیتہٕ آو عصری یَزرن ہُند صوٗرتِ حال زانُنہٕ تہٕ بے ترتیب تہٕ نِراکار تجربس آیہٕ ترتیب دِنہٕ۔ کردار تہٕ اَندی پکھی چیز بنے یہِ علامژٕ۔ مقصد بنیوو افسانہٕ نگارٕ سُند ییٚن تصوٗر پیش کرُن یا تجربس

متعلق پنُن ردِعمل ظاہر کرُن - اخترنی افسانہٕ "ژٕرے ژھکھ ژٕرے ژھکھ" ' ارتقا '، 'مُتہ کتھ'
یا ہردے کول بھارتی ہندی افسانہٕ 'ہمزاد'، 'شرز'، 'آخری سبق'، 'منے چھُ پینڈورایہٕ ہند
انتظار'، بیتر، فاروق مسعودی ہندی 'من تہٕ پون'، 'کوہہٕ قاف پیٹھ پری'، 'جن تہٕ ہرو
بیتر اوتار کرشن رہبر نی، 'تروان'، 'یلہٕ پرد ووتھ'، رتن لال شانتنی 'سخ'، 'ژھایہٕ گتِہ' تہٕ
حرکونحل بیتر تہٕ بیٚیہٕ کینژ افسانہٕ آیہٕ اُمی اندازٕ لیکھنہٕ یِمو علامتی، تجریدی یا استعاراتی اسلوب
دِیوٚدکۆرتہٕ کاشُر افسانہٕ کوٚرُکھ روایتی دلیلِہ ہندِ غلبہٕ نِشہٕ آزاد- یِمن افسانن ہندی عنوانے
ہاوان زِ یِم افسانہٕ چھِ دوہ دِہچہِ معروف زِندگیہٕ نِشہٕ ڈٲلتھ تخیلی زِندگیہ سٟتۍ تعلق تھاوان
یُتھ منز تحیلک پریتھ کانہہ عنصر کِردارن ہنز نفسیاتی تہٕ روحانی کشمکش چھُ پیش کران۔
یِمن افسانن منز چھُنہٕ کامیابی ہند دارمدار تجربہٕ کس قابل فہم آسنس یا ربطس پیٹھ بلکہٕ عمل
بروتھ ٹِکناوتس پیٹھ، علاوہ کیتھ موزون فضا تیار کرنس پیٹھ تہٕ کِردارن ہندِس مخصوص شناخت
اختیار کرنس پیٹھ۔

یہٕ ژِٕہنہٕ چھُ بس اُتی تس وٕٹھ گومُت - توٚے رتہٕ چھِ کورون
ہُندِ نیرٕ بردار سیاہ تیر- لایان تہٕ زٕ چھِ اکھ مینو تھک
یو ڈٕلتہٕ وزنی بیٚیہٕ لایتھ تس موہہٕ گوڈٕ پھٹراوِتھ ختم کران۔
ونٹھ گومُت یہٕ ژِٕہنہٕ چھُ علاوہ تہٕ انجامس ہنٛزٕ یہٕ حقیقت
چھےٚ صرف میانہٕ کم چہٕ لیہٕ تام محدود، یتھ پاٹھی زٕن
محمد بن علی بن اسحاق ہندِ زوال بیٹک فریمس منز بند
روزِتھ کلس الوند آسُن صرف میانہٕ کم چہٕ لیہٕ ہنز حقیقتھ
چھےٚ، یوہہٕ صرف میانس تام محدود چھےٚ. . . .

(ژکرِوِہہٕ : ہردے کول بھارتی)

یُس اُمہٕ قسمہٕ کس بیانس منز کانہہ منطقی انجام ژھارُن یتھ رٕگرتھ نا وومید۔

یوٗدوَے نٔثری جملہٕ سیٚدٕ سیوٚد ووتھ واتہٕ رسان عملہٕ بروٚنٹھ پکناوان چھہٕ، مگر احساس تہٕ یاد چھِنہٕ تِتھہٕ پأٹھۍ بے تسلسُل، متواتر پأٹھۍ ہُران تہٕ معنی ہیتھ برٛتھ زِیرَن وول چھُ مُسلسل احساس تھوان زِ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شبقہٕ انجام، بلکہ یہِ عمل چھِنہٕ پانٔنۍ پننٕہ مقصدَس تہٕ پرِتھ کانٛہہ جُملہٕ چھُ واقعہٕ سَبزٕ کُنہِ فکری حلقس منٛز معنی ژھاران۔ یہِ چھُ افسانہٕ نِگارہٕ سُند فن زِ اَمہِ باوجوٗد چھُ افسانکُ واقعاتی مزاز برقرار تھاوان تہٕ آمُت تہٕ اگر کُنہِ کُنہِ افسانَس منٛز واقع عملہٕ سٕتۍ نتیجہٕ رُوٗد نہٕ، سُہ افسانہٕ روٗد صرف خود کلأمی تامہِ محدوٗد تہٕ سوٗ تہٕ تَس رأوی سٕنز یَس سطحس پیٹھے پانہٕ افسانہٕ نِگار چھُ۔ سوانحی عنصر چھُ افسانہٕ باپتھ لأزمی مگر ییلہٕ سوانحی عنصر کل عبارژ ہُند حاصل بنیوو، سُہ رُوٗد نہٕ افسانہٕ بلکہ ذأتی روٗداد، مثلاً علی محمد لونُن "شٔشتُ" یا غلام نبی شأکرُن "آدم تہٕ حوا"، یا اختر محی الدینُن "ژٕرے چھُکھ ژٕرے چھُکھ"۔ یِمَن تہٕ پِتھین وارہٕ ہین افسانَن چھُ وکانہٕ یہِ گوٚمُت زِ افسانہٕ کَس واحد متکلم راوی سٕنز شناخت چھِنہٕ کُنہِ مخصوص زمأنی تہٕ مکأنی فضہِ منٛز ظأہر سپدان تہٕ اگر اَمِس مرکزی کردارس کُنیتھ اکھ فرضی فضا دِنہٕ تہٕ چھُ آمُت، تتھ منٛز چھُنہٕ پیٚتھ کانٛہہ تہٕ واقعہ یا وِتش نظر گژھان یُس تَس کردارس شعور وُزناوِتھ ہیٚکہِ ہے تہٕ لہٰذا چھُ کردار ہنگہ تہٕ منگہ ژٕ تہٕ وُترِس پھیٚر دِوان۔

یہِ گوو نہٕ ووٚنۍ زِ مےٚ ہیٚژن نظر موکلنہٕ۔ یہِ نہٕ زِ مےٚ چھُ کینٛہہ
بوزنہٕ یوان یا کُنہِ کہِ آسنُک باس چھُم لگان۔ ہرگز نہٕ مگر سُہ اَنہٕ
گوٚٹ تہٕ یُس کھوژناوَن وول اوس۔ یُس وُتھ راوٕ راوَن
وول اوس۔ کیاہتام ژٕ ہیتُر ہیوٚ چھُم زِ لبہٕ اَپارِ چھُ کُتام، کُنہٕ
کیاہتام "یاہوٗ، ہاہوٗ" شاہ کھالان تہٕ والان۔ اَما اَتھ
لبہٕ اپارِ کُنہٕ کُس آسہِ یا کیاہ آسہٕ؟ مےٚ ووٚن تہٕ وُنہٕ چھُم اَنہٕ..
میانِین اَچھِن چھُ اَزتہٕ کرٕ ہنیارُک باس مگر ووٚنۍ چھُم اَتھ

کرٚنِہیارس منٛز سفیدٕک تہٕ احساس گنان تہٕ اُمی احساس
مورُس نۄتہٕ کیاہ ییمہٕ یورٕ اوسمہٕ کانٛہہ مٔنز......

(اختر محی الدین: ژٔرِ چھکھ ژٔرِ چھکھ)

یِمہٕ بلاوجہ کتھ کرن وٲلِس چھِنہٕ جاۓ کانٛہہ تہٕ نہٕ چھُس زمانس کانٛہہ۔ کانٛہہ مخصوٗص جاے ژٔنٛدتھے چھُ کردار مخصوٗص بنان ییلہٕ سُہ جذبن، یادن، عقیدن تہٕ اخلاقی قدرن ستی جوڑنہٕ ییتھ یٔتی پرزنتھ چھُ لبان۔ اَمہٕ ورأے چھِنے اکایی تہٕ بے مکان فکری کردارس منٛز نۄو کلامی ظہوٗرٕ ‘‘فلسفہٕ’’ بنان۔ چوٗنکہ افسانُک تعلق چھُ وجوٗد دُنیہس ستی، یا اگر افسانہٕ خالص تجریدی تہٕ آسہٕ، تتھ تہٕ چھُ ظاہرُک باس یأدِ ییوان کرُن، کردار چھُ اتھ متاثر کران تہٕ یہ چھُ تس متاثر کران۔ اگر یہ رشتہٕ زٕژھ کھنجہٕ بدلاوٕ، افسانہٕ چھُنہٕ کُنی روزان یا چھُ نوٚو مگر کم ور افسانہٕ بنان۔

کأشرس جدید افسانس منٛز گیہٕ یہ غلط فہمی تمہٕ ساعتہٕ یأدِ ییلہٕ افسانہٕ نگارو افسانک بُنیادی واقعاتی مزاج منٛز وو تکیازٕ تم لگی خبر کیازٕ سونچنہٕ (شاید جدید نظم وُچھتھ) زٕ واقعاتی آسُن چھُ افسانس ناولہٕ تہٕ شاعری یہ مقابلہ کمتر صنف بناوان۔ سأنی افسانہٕ نگار لگی افسانک پرچھ کانٛہہ جملہٕ نظمہٕ ہندی پأٹھی استعاراتی بناوِتھ تخلیقی بناوِنچ بے حاصل کوشش کرنہٕ تاکہ افسانس زانہٕ نہٕ کانٛہہ کم درجہٕ صنف۔ تمن رُوٗدنہٕ ظوٗن زِ مشاعرن منٛز ییتھ پأٹھی واہ واہ چھُ میلان، تیتھ پأٹھی ہیکہٕ نہٕ (تہٕ نہٕ گژھہٕ) افسانس جملہٕ جملہٕ واہ واہ میلِتھ۔ افسانچ کامیابی چھِنے اکھ واقعاتی نوعیتُک تجربہٕ یٔتی ندرتھ تہٕ تیتھہٕ ہیتھ مکمل پأٹھی ظاہر کرنس منٛز۔ نہٕ زِ زبأنی ہندِس النکأری ورتاوس منٛز۔

جدید افسانس منٛز آو تمثیلہٕ تہٕ حکایتہٕ ہند دل تہٕ ریتی پأٹھی ورتاونہٕ۔ یِمن منٛز چھِنے مرکزی اہمیت واقعس یُس مناسب جایہ تہٕ زماتس منٛز۔ اغلب چھُ بناونہٕ یوان۔ ‘‘پھٔر’’ (ہری کرشن کول) افسانس منٛز چھُ کہن انگہ ہین کردارن ہند وجوٗد اغلب

بناوِنہٕ خاطرٕ ترٛتھِ اکِہ پتھرٕ ہُند ماحول بناوِنہٕ آمُت یِیتہِ یِم کردار پنٕنۍ اَکہٕ رنگکۍ پاٹھۍ ناکلی پٔھنِتھ فطرٕ ژٕ ستۍ ژٕلِتھ خاموش پاٹھۍ لوٚب کُن لسان بسان چھہِ۔

تمَن سارِنۍ آسۍ اکی رنگکۍ زیٹھۍ پاٹھۍ لاگِتھ۔ کمن چھُ
زاہنہٕ کالی لا آسِہے یِمَن پاژٕھین ہُند رنگ سفید، مگر
وہنۍ اوس ٹورِ یہ وادن ہِندِ ژٕلہِ کنۍ تمن بدرنگ
پاژٕھین ہُند موٗلہٕ رنگ بدِ کڈُن ناممکن بنیومُت۔
تہنزِ پتھرٕ منز اوس اکھ آہ وَسان۔ تم آسۍ اُمی آرِ
منز گاڈٕ رٹان۔ تمَن گاڈَس منز بُرزان تہٕ کھیوان۔
گاڈٕ آسہٕ بسیار تہٕ گاسہٕ اوس وفورٕ، لہذا اوسُن نہٕ کانہہ
کاسنہِ ہُند دُشمنے تہٕ نہ کانہہ کاسنہٕ ہُند دوستے۔۔۔

ہری کرشن کول : پتھرٕ )

حالانکہ اُمہٕ افسانُک فضا چھُ مکمل پاٹھۍ غارٕ عقلی، مگر زٕنَن افسانکۍ فرضی کردار تہٕ تہنز زندگیہ ہندۍ عجیب واقعہٕ اغلب بنِتھ ہیکَن تہٕ اکہٕ "پربلُک" یا حکایژٕ ہُند مزاژ نیتھ برقرار روزِ۔ یُوتام تہٕ حکایژٕ مناسب فضا دِنہٕ ییہ، سو روزِ قدیم حکایتھے تہٕ زٕ افسانہٕ۔ "پربل" یا حکایتھ چھے تمام واقعن ہُند خلاصہ یا متن پیش کران۔ یِتھِ زٕن افسانہٕ اَکہِ واقعس دیدمان بناوِنہٕ خاطرٕ صفہٕ واد بیانیہ دِوان چھُ یِمہِ ستۍ واقعہٕ اغلب باسہِ، کافکا تہٕ چھُ "پربل" ورتاوان مگر پریتھ واقعس ستۍ چھُ معمولی معمولی چیزن ہُند دوٗر یا نزدیک آسنس متعلق، تہُندِس رنگس تہٕ ویتھرس تہٕ صوٗرژ متعلق تہٕ تمن ستۍ کردارن ہندِس رٕوییَس تہٕ وطیرس متعلق تفصیلہٕ سان لیکھان اَمیک ضرورتھ چھنہٕ فقط اغلب بناوُنُک مقصد بلکہ کردارن ہنز نفسیاتی حالت زانُن تہٕ۔ استعاراتی طرح یوٗدوَے حقیقی طرحس پیٹھ غالب کرنہٕ آسہٕ مگر پریتھ کانہہ حرکت

گرٛتھِ ترٛتھ آہٕنہٕ یِتھ منز افسانٕک واقعہ تمثیلی واقعس تٕل رٹہٕ۔ نٔہ چھ پرٛن وول تمثیلی واقعچ اہمیتھ ےسنان تہٕ افسانک واقعہ چھُنہٕ کانہہ اہمیتھے تھاوان:

نمرُودس پٮ۪ٹھ اشتعال لوٗگ، تٔم تُل تہٕ چلوُون کان

اسمانس۔ دپان اسمانہٕ ووٗتھ خوٗن تہٕ کرٕ یکھ گیہ "مودہا!

موٗدہا!" سُہ نمرود ادُسس بےیٖمہِ کان لوٗے۔

(اختر محی الدین: ژٔے چھکھ تٔے چھکھ)

جدید افسانن ہیوٗ چھ واریاہ کیہنہ جدید ناولہِ نثرِ یِتھ منز تمثیلی واقعہ یا اساطیری واقعہ حقیقی واقعن ہنز اہمیتھ ہٮ۪کٕ ہٕ چھِ بنان مگر، انفرادی تجربہٕ یُس کردارس زمانی تہٕ مکانی حلقس سٮ۪تۍ گنڈتھ چھُ تھاوان، آوٕ نہٕ منٛزا وٕنہٕ۔ باقے چھ چیزٕ تہٕ تہندی معنوی حلقہ خارجی دُنیہس منز۔ لرِ لوٗر آسنہٕ بجایہ کردار سندس شعورس منز ےلرِ لوٗر آسان گمرا فسانہٕ زگارس چھُے تہند فضاہ تہٕ قصہس منز تہنز ترتیب تہٕ حقیقی انداز پیش کرٕنی ہیوان۔ جیمز جوائس چھُ یوٗلسز منز تیلی اساطیری حوالن کُن کردار سندس شعورس نوان پٮ۪ٹھ گوڈ بلوم، سٹیفن تہٕ مالی سُند واقعی اوند یوکھ یوٗر پاٹھۍ تعمیر چھُ سِدان ناولہِ منز چھُے امہِ قسمچ واریاہ گنجائش گمرافسانس منز۔ چھ واقعہ اکوٗے آسان، حوالس چھ ہر حال واقعی تفصیلن تابع روزٕن پیوان:

وُنان وُنان پھیر تٔمہِ بڈٕ احتیاطہٕ سان اَتھ منز ک جار

پشلس شیشہٕ منزس پٮ۪ٹھ دُبہِ تہٕ اَمہِ منز بیعہ ولیوٗدٕ

کاژرِ رنگہٕ پیچ، زندٕ پیچ۔ بیٖنہٕ ہٕ وِزِ آسہٕ اُمس زنگہٕ ہوٗر

کُن گامٕژ تہٕ ووٕنۍ اوس سُہ پشلس شیشہٕ منزس پٮ۪ٹھ

سیوٗد گرٛٹھنہٕ خاطر زنگہٕ ہوٗس منز ژھرٕ ٹہٕ وان، یوٗنٛز

تھٕرٕ تٕل پشُل شیشہٕ آسنہٕ موکھ.....     ہردے کول بھارتی: اخری سبق)

پلاٹ کس صحیح ورتاوس منز تہٕ پوٗک کاشُر جدید افسانہٕ ترقی پسند دورکس
افسانس مُقابلہٕ واریاہ برونٹھ ۔ چونکہ ترقی پسندن تِش اوس واقعہٕ خیالن تہٕ نظریَن یا
معتیٖن تابع تہٕ اُتھ آس نہٕ پنُنۍ کانہہ اہمیت ، لہٰذا آسہٕ نہٕ تِم اَمِچ عملی وحدژ کُن توجہہ
دِوان ۔ جدید افسانن پرزنادی افسانکی حد ۔ اُتھ منز چھینہٕ ناولہٕ ہندی پاٹھۍ واریاہ پاسل
تہٕ بِسیار سمتی پلاٹ ممکن ۔ یہِ چھُ مخصوٗص فردس منز مخصوٗص زندگیہ ہندس کُنہِ اَکِس
مخصوٗص تہٕ اہم واقعس ۔ اَکِسے واقعس ۔ بیٹھ مشتمل یتھ منز جان گیوٗد وحدتِ
مکان تہٕ آسِہے تہٕ وحدت زمان تہٕ ـــ جدید یوٗ کوٗر پلاٹس منز فنکارانہٕ ترتیبن ہُند
استعمال ۔ پلاٹ رُوٗدنہٕ وجوٗہی رشتن بیٹھ مشتمل واقعن ہنز ترتیب بلکہ کردارسنز
مخصوٗص ذہنی کیفیژ تابع واقعن ہنز ترتیب یتھ منز واقعن درمیان رشتہٕ زمانی
آسنہٕ بجایہ جذباتی چھُ ۔ ییلہٕ پلاٹ کردارسنز نفسیاتی کیفیژ تہٕ شعورکس ارتعاشس
تابع آسہ ، اُتھ منز ہیکہٕ نہٕ روایتی اندازک شیرتھ پیرتھ ترتیب وار پلاٹ آسِتھ تہٕ نہٕ
ہیکہٕ عبارت کُنہِ مقرر انجامس کُن عملہٕ پکناوِتھ ۔ گیہے تا چھ گیہے شُہلُ (اختر) چھُ راوی
ہندِس بدیونس جذباتی تہٕ احساساتی اندری فضس اندر ظاہر سپدن والین حالن
خارجی اوند پکھس منز تہٕ موسمہ کِس بدیونس حالس ستۍ مطابقت یادٕ کرِتھ حرکتھ یادہ
کران یوسہ پلاٹچ کمی پورٕ چھے کران ۔ تِھے پاٹھۍ چھُ "روتُل" (اختر) افسانس منز پلاٹک
مُتبادل تالوس بیٹھ اکہِ ہُرِی بھیتہٕ ستۍ بنیوٗمُت ہیٚرِ ووِل ذہنی ارتعاشک سبب
بنتھ اصل زمانس تہٕ فکشنل زمانس میُل کرنہٕ ستۍ بنان ۔

تِتھی تہٕ آیہ واریاہ افسانہٕ لیکھنہٕ یمن منز پرانہٕ افسانکی پاٹھۍ ترتیب وار
پلاٹ چھُ ۔ یمن منز افسانہٕ نگارو واقعن منز ربط یادٕ کرنہٕ موکھہ ساختک پوٗرپوٗر خیال
تھوو ۔ ساختس منز چھُ کردارن تہٕ واقعن ہنز بیٚس کاریہ منز مختلف حرکژن ، اشارن
ونتین ، مکالمن تہٕ بیانہن ہُند تکرار تہٕ ہِشر یمو ستۍ کردارن ہُند باہمی رشتہٕ ، تہند

سماجی حال، کلچرل سوٗتھر تہٕ ذہنی صوٗرتِ حال یا فکری مرتبہٕ ظاہر چھُ سپدان۔ ہری کرشن کولنس "شمشان وٲراگ" افسانس منز چھِ سماجکہ اکہٕ مخصوٗص طبقکی کردار اکی واقعچہ عملہٕ منز شامل گرٛھان۔ پدٕرٕ رٕوٕنہٕ ماجہ ہُندٕ مرُن چھُ ٹارزن، ڈاکٹر سیٹھ تہٕ پہلوانس گرٕ پیٹھٕ شمشانس تام سفرس منز آوران۔ مگر ہری کرشن چھُ واقعہٕ دلچسپیہ یا اُمہٕ کِس نورس یا اُمہٕ کِس المیہ یا ہرٛنیہ آسنس پیٹھ شعوٗری زور دِنہٕ بجایہ کردارن ہنزن حرکژن، کتھن، تہندین طور طریقن کُن پھِرٕ پھِرٕ اشارٕ کرِتھ اکھ واقعس منز تہند وطیرٕ ہاوان تہٕ تمہٕ چھِ ینٕ درٛوٗن کیو بیرٛوٗن ہیتھ ووتلان۔ امین کامل چھُ "سوال چھُ کلک" افسانس منز ٹیکسہٕ افسرس تہٕ راوِیس درمیان گفتگوہس تہٕ گزریمتہٕ واقعکۍ ماجرا دِنہٕ بجایہ قونوٗن پرس، بےحِس تہٕ بےروٗح افسرن ہُند ذطیرٕ ظاہر کران یُس پتہٕ علامتی اہمیت تہٕ اختیار چھُ کران۔ مگر باربط تہٕ شیرازٕ بند پلاٹ آسِتھ تہٕ چھُ یہ افسانہٕ پرٛانہِ افسانہٕ نِشہٕ مختلف تکیازِ امِچ شعوٗری ساخت چھِنہٕ کُنہِ خارجی مقصدس یا مدعاہس تابع۔ شنکر رینہٕ ہندی ساری افسانہٕ چھِ امی اعتبارٕ جُدا گاہٕنہٕ مقام تھاوان تکیازِ یِمن منز چھِنہٕ پلاٹ تہٕ ساخت کُنہِ مقررٕ خیالس یا نظریہس تابین بلکہ دگ تہٕ دوہکھ تُلن والین ہندس کرِس تابین یتھ کانہہ انجام دِین سراسر فضول چھُ۔ شنکر رینہٕ ہِن کونٛ کردار اتفاقی تہٕ ہنگامی نوعیت کیو واقعوٕ نِشہٕ آزاد تہٕ اُسی چھِنہٕ سنان زِ تِمن کیاہ بنہٕ یا تِمی سندس لاٗرس کیاہ چھُ لیکھتھ، بلکہ سُہ کیاہ چھُ تہٕ تِمس تہٕ تہندِس ماحولس درمیان کیاہ رشتہٕ چھُ۔

عمر تہٕ دِرٕ نظر۔ بوٗزٕ اوس سارِ کِہے ژٕنہٕ تہٕ سوٗر
وٕہراوِتھ تہٕ سے منزس اوس شاہ تُلِتھ کُل یوٗہے وُدان
ہیو۔ تتہٕ اوس پن چھینوٗمت تہٕ کھوٗتھر اُسس
نُنٛ دراتھ تہٕ سُہ اوس یوٗہے رٕنڈ ہیوٗ باسان۔ عمس

باسیوو سُہ یوٚہے اُڈٕ ہِ چھ کھنگر ہیوٚ۔ زن یہِ اوس
سلامہٕ بنیتھ نوٚتے ژٕتر ہوٚت دوٚدنی تمہٕ درِشیکدم سلامس
کنُن نظر۔ سُہ اوس بستر س پیٹھ خر ہیوٚ پیومُت تہٕ تس
آسہِ وَچھ کاکنی تھٕ دراہتی۔

(دوٚدنی کٕہنز و چھنے وارٕی)

جدید افسانٕس منز یوٚد وے کردار خارجی واقعہٕ جبر پٹھ تہٕ ہنگامہٕ پٹھ آزاد چھُ، مگر یہِ چھُنہٕ افسانہٕ نگارٕ سند شعوٗری حلقہٕ پٹھ آزاد یمہ کِنی یمَن افسانَن ہندی اکثر کردار علامتی یا استعارٲتی اہمیتھ چھِ رٹان۔ یمَن چھنے پننیٕ انفرادی حیثیت تراَوتھ اکِہ تہٕ بییہِ تصور چ ۔ خیالچ یا قدرہ منز ترجمانی کرنچ تراے۔ ہردے کول بھارتی، فاروق مسعوٗدی، گلشن مجید تہٕ اوتار کرشن رہبر نی اکثر کردار چھِ علامتی تہٕ استعارٲتی نوعیتکی۔ یتھے پاٹھی چھِ اختر محی الدینن تِم افسانہٕ تہٕ علامتی یم تمہٕ اَتھ دورس منز لیکھی۔ زبان آیہِ ترٛتھ ورتاونہٕ یتھ یِتہٕ کہِ افسانہٕ نگارٕ سند فنی ورتاو تہٕ تمہٕ سنز ہنر چھنے۔ البتہٕ یہِ چھُنہٕ تتھ پاٹھی ماہرانہٕ یتھ پاٹھٕ ترقی پسندن ہنز زبان آسہ زِ لفظن ہُند علامتی معنی اوس بروٚنٹھ ٹھے۔ جدید افسانہٕ کیٛن کردارن ہُند علامتی معنی چھُ ناقابلِ قیاس تہٕ افسانہٕ چھُ کلہم پاٹھی پننہِ ساختہٕ ذریعہ اَتھ پاتے واضح کران۔ کردارن ہندی پننہٕ مکالمہٕ تہٕ ہیکن تمن علامتی سوٚتھرس پیٹھ اَنِتھ تہٕ تمن متعلق لیکھن والی سُند بیانیہ تہٕ۔

یُژھ کرٕی زلو، مے آیہِ دوٚلہ تایہِ مندٕ ش تارکھ بوزنہٕ۔
بیٛیہ بوٗزم کرکھ۔ بییہِ آسہ واریاہ ژٕنی دوران۔ یہ بروٚنٹھ
بروٚنٹھ تم یِتہٕ یِتہٕ۔ تایُس منز دوٚرن اوس خوش کران۔
ساری تھکھ مگر یہ تہٕ .... یہ ووتُس دوران دوٚران
توٚتہٕ یینتھ محمد سُلطان اوس ہوٗنس ستِ کلامہٕ کران...

(اختر محی الدین : مٔتی کتھ)

نہ'۔ ماجہ ووٗنس۔ شاید سپز سوبے گوناہ قتل۔ ژٕنے
چھُنہٕ یاد زاُنزٕ ہکہ دوہہ اُسس بہ اکھ موج تھٔپنہٕ پیٹھ'،
نہٕ اُنزٕ چھُکینژاوژٕ ہویہٕ ہٕ ژییٕ سٕتہٕ سون سورُے
خاندان مرن وول۔

(فاروق مسعوٗدی : مَن تہٕ پوٗن)

امین کامل، بنسی نردوش تہٕ رتن لال شانتن لیکھ جدیدیت کِس دورس منز
تہٕ ضابطہٕ بند پلاٹ والی، غار علامتی تہٕ حقیقت پسند افسانہٕ، مگر کردارن ہُند اوٗندپوکھ
تہٕ تہندی جبلی تہٕ جذباتی مَنشہٕ پرزناوتھ۔ "اُنہٕ" (امین کامل) "پھاٹکھ" (امین کامل)۔
"ترکونجل" پنُن پنُن پگہہ (رتن لال شانت) "ہتک" (اختر محی الدین) اکھ صاب
بیا کھ صاب (ہری کرشن کول) بیتر، مگر یمن افسانن ہُند ٹاکارٕ دیُت چھُ غار سیاسی
غار نظریاتی تہٕ یہ چھُ عام زندگیہ اندر اُزکی موجوٗد طربیہ تہٕ حزنیہ عنصرن ہند اژھن
میل محسوٗس کرنہٕ تہٕ کرناونہٕ کہِ غرضہٕ یا آمُت کرنہٕ۔ افسانہٕ نگار چھُ اَمہِ باپتھ فرضی مگر
اغلب ماحول تیار کران، مناسب کردار تھٕران تہٕ پننہٕ معنوی غرضہٕ واقعن ترتیب
دوان۔ یُن وول چھُ لیکھن والی ستہِ ہنرٕ تہٕ مہارژ ہُند دخل آسان پاٹھی پرزناوان۔
مثلاً کامل چھُ اکہِ پرٛانہٕ لکہ کہاوژ ہنز بنیادِ پیٹھ 'کفنہٕ ژوٗر' افسانک باف تہٕ ساخت
تیار کران۔ جایہ جایہ کردارن ناوتہٕ پرزنتھ دوان تہٕ اُسی چھِ کہاوژ ہندِ مفہوٗمہٕ تہٕ مدعا
بدلہٕ تمن کردارن تہٕ واقعن ہُند آسُن تہٕ تمن منز پاد سپدن واجنن حرکژن
کُن متوجہ سپدان تہٕ تمن ہُند لُطف تُلان، یم اکہِ پرٛانہٕ گامہٕ کین بسکینن یہ باورچھہ
کرناوان زِ پژون کفنہٕ ژوٗر اوس غنیمتھ تکیازِ سُہ اوس نہٕ تازٕ تازٕ دفن کرنہٕ آمتین
موٗردن قبرو منز کڈتھ کفن ژوٗر نتھ بے حُرمتی کران یتھ پاٹھی زن نوو کفنہٕ ژوٗر چھُ۔

اَمی انداز چھُ اختَرنِس ' ہتک ' افسانس منز۔ تہٕ کِردارن تہٕ واقعن اختراع کرِنچ ماہرانہٕ
کوشِش صاف پاٹھۍ نظر گژھان۔ زِعلی بلہِ چھُ مانے شاہ نہٕ مرہٕ ییتہٕ دکن تہٕ دولتن
لگان تہٕ لُوکہ گرَن منز پرٛژھان تہٕ بڈان۔ پوشہٕ کجہ خاندار ہُند بدلہٕ اولادس ییتہٕ
اولاد دِوان یم ریٚشی زاد چھِ بنان، ییلہِ زن رحمان دانہ آیشہٕ تس وَتھ ہاوِتھ تہٕ
تھہرے چھِنے روزان ییلہِ علی بلہِ مران چھُ۔ رتن لال شانت تہٕ چھُ ترٛ کونچل افسانس
منز سر ییندر تہٕ رتنی درمیان بظاہر تلخی مگر دَرپردہ مُحبتچ شِدتھ ہاوِنہٕ خاطر موزون فضا،
واقعہٕ تہٕ مکالمہٕ تتھہٕ پاٹھۍ ہنر مندی سان تیار کران زِ افسانک مُدعا چھُ پورہٕ گژھان۔
یتھین سارِنے افسانن منز چھے کہانی افسانہٕ کین باقی عنصرن پیٹھ غالب
سپدان۔ لیکھن والی ہُندس ذہنس منز چھُ ہر ساعتہٕ پرن والیٚن ظون روزان زِ تمہٕ ہنز
دلچسپی گژھہِ برقرار روزنی یا ہرنی۔ پرن والی ہندین ذاتی تہٕ پسندِ یا ناپسندِ تابین
روزنہٕ کنی چھے دلیل منز دار تہٕ دلچسپ بناونچ ہر ممکن کوشش کرنہٕ آمژ۔ نتیجہ چھُ نیران
زِ کِردار چھِنہٕ زندٕ انسانن ہندی آکار پراوان بلکہ چھِ تِتھے پاٹھۍ محض خیالن یا قدرتن ہندی
ناو بنان یتھہٕ پاٹھۍ پرانہٕ دلیلہٕ منز آسان اَسی۔ یہ اوس اکھ راز اہ، یہ اوس اکھ
ژوراہ، یہ اوس اکھ چور راہ...... بیترِ مگر یم راز، ژور، ساد، ساد مکار، چار آسی محض
قدرتن ہندی ناو، یمن اوس نہٕ پننہٕ داخلی وجود بلکہ آسی محض خول یا ٹھپا یہ۔ کردار چھِ
تیلہٕ انسان بنان ییلہِ تم پننہٕ کنہٕ اندری تضاد ہ تہٕ تمہٕ کِس نتیجس منز۔ یا دُمگی تس کنہٕ مسلہٕ منز
وُوتلن۔ یتھہ زندگی چھے اکھ مسلہٕ آسان نہٕ زِ کانہہ ہانژھ۔ یتھی افسانہٕ چھِ محض
کہانی یا دلیل روزان فکشن چھِنہٕ بنان۔ فکشن چھُ لمحاتی صورتِ حالس منز۔ تہٕ ذہنی
کیفیژن منز آوراوان ییلہِ کردار عملہٕ منز۔ یتھہ وَتن ہُند انتخاب کرِنچ آزادی کامہٕ چھِ
لگان۔ تہٕ اتی چھُ پرن وول اکس یا بییس یا سمہٕتس کُن پننہٕ دلچسپی، ہمدردی
یا نفرتھ پانس اندر محسوس کران۔ اختَرنُن افسانہٕ ' ہتک ' چھُ دلچسپ تہٕ تہٕ مزدار

تہٕ۔ مگر یہِ چھِنہٕ افسانہٕ بنِتھ ہیوٚکمُت تکیازِ علی بلہٕ' رحمان وانِنٕ آشینٕ تہٕ پوشہٕ کٕچ چھِ
صرف ناو یا خیال یا تصوّر، افسانہٕ نگارن چھِنہٕ ہینٕز انتخاب کرنچہِ ذہنی یا نفسیأتی
کشمکشہِ منٕز کینہٕ تہٕ دلچسپی ہادثہٕ تہٕ تم چھِ اَچھِ دارِن ہندی پأٹھۍ بے زو۔ کشمکش چھِ
کُنہِ خارجی یا داخلی تضادہٕ ستۍ وۄتلان تہٕ، افسانہٕ نگارس چھُ فضا، زبان تہٕ ضرورٕی
تفصیلاتٕو ذریعہٕ یہِ تضاد واضح کرُن تہٕ کردارٕسند کانہہ ذہنی یا جذبأتی انتخاب
اغلب بناوُن پیوان۔ 'ہتک' چھُ اَتھ برعکس ترن بیرن ہنٕز دلیل کرُتھ تام لفظن
منٕزے باوِتھ نوان، اختصارن چھُ افسانُک معیار خراب کوٚرمُت تہٕ یرن والۍ سُند
توجہ چھُ کُنہِ اَکِس مرکزی تہٕ اہم واقعس بپٹھ مرکوز گژھنہٕ بجایہٕ بیٚرِ واوُن بپٹھ چھکراونہٕ
یوان۔ یہِ طریقہٕ چھُ لکہ کہاوژن تہٕ جبٕژن منٕز ورتاونہٕ یوان —— یہِ چھُ اکہٕ خوبصورت
ناولہِ ہند خلاصہٕ مگر افسانُک اختصار چھِنہٕ یہِ زِ یہِ کرِ ناولہِ خلاصہٕ رنگۍ پیش۔ مثلاً "وُدرنگ
ہائٹس" ناولہِ لیکھو خوبصورت خُلاصہٕ، تتھ وَنو نہٕ افسانہٕ۔ افسانُک اختصار چھُ واقعُک
اختصار زِ یہِ کرِ اَکِس مرکزی کردارٕسنٕز زندگیہِ یا مخصوص لمحأتی کیفیتہٕ منعطف۔
یہِ چھُ پرٕزنہٕ یا پاسان یا چیخوف سندی واریاہ افسانہٕ چھِ ورٕی یہِ واوُن ہنٕز عملہِ مختصر
پأٹھۍ پیش کران مگر افسانہٕ پلاٹُک باف چھُ بہر حال اکوے واقعہٕ روزان تُس زمان
تہٕ مکانٕکۍ مکمل تفصیل دِتھ تہٕ اَتھ منٕز قأد مخصوص صوٗرتِ حالس منٕز آدرس کردارس
ہاوِتھ کلہم زندگیہِ تہٕ بلکہ باقین ہنٕز زندگیہِ تہٕ ارتکاز سان پیش چھُ کران۔ (پلاٹس
متعلق ارسطوہسندۍ اصوٗل یوٚدوَے اکثر ڈرامہن منٕز قأیم چھِنہٕ مگر افسانہٕ خاطرٕ چھِ یم
ناگزیر روزان)۔ اخترٕنس 'پرالب' افسانس منٕز چھُ پلاٹُک سارِوے کھوتہٕ مناسب
ورتاو۔ پیٚلہِ زَن تمہِ سندِس "مدنوار تہٕ پدماتہِ ہنٕز لولہٕ کتھ" افسانس منٕز یہِ مکمل پأٹھۍ
مشراونہٕ چھُ آمُت۔
جدید دورٕکین اکثر افسانن ہنٕز زبان روٗز معنی تہٕ مفہومس تابع۔ جدید

افسانہٕ چھُنہٕ زبٲنۍ بٔنِتھ خود وۄبرٲوی ہیٚتھ منز ورتاوان یِتھ پأٹھۍ یہ عام گفتارس یا شعورچہِ رَومنز ظاہر چھِ سپدان تِکیازِ اَمیُک بُنیٲدی ڈیٚلہ چھُ استعارہٕ یا علامتھ۔ یِیلہِ زَن زبٲنۍ ہندِس فطری ورتاوس منز استعارٲتی (مشابہتی طرز) تہٕ ضمیرٲتی (تراوُنی طرز) شعوری کوٗششہِ روٚس دۄنوے یکوٹہٕ کارفرما روزان چھِ۔ خابن متعلق فرایڈ سُند بیان زِ ارتفاع تہٕ جایہ بدلی تہٕ چھےٚ خابن ہُند باف بناوان تہٕ مشابہت تہٕ علامیت تہٕ، چھُ زبٲنۍ ہندِس نارمل تہٕ فطری ورتاوس تہٕ واضح کران۔ ارتفاع تہٕ جایہ بدلی ہُند تعلق چھُ ضمیرس ستیٚ، یِیلہِ زَن مشابہت تہٕ علامیت استعارس ستیٚ تعلق چھِ تھاوان۔ جدید افسانس اَو مشابہتی تہٕ علامتی طرزراس تِکیازِ سَرِیل مُصوٗری ہندی پأٹھۍ آیہ چیز بصری تہٕ لمسی خاصیژن ہنز بُنیادِ بیٚتھ ہشراونہٕ یا ہنراونہٕ۔ یہ چھُ ہومیوپیتھک یا تقلیدی جادِکی پأٹھۍ معنیٚس وۄتلاوان۔ برونٹھ کَنہِ چھُ اکھ چیز تہٕ مُراد چھُ بیاکھ چیز:

"یہ کیاہ چھُ؟" تمہِ پرُژھ۔ "زلری زال"۔ میےٚ وۄنمس۔
"بڑجان چھُ"۔ سو بھیر لَرِ پھیرن دِتھ میےٚ کُن۔ "چاتی خاطرٕ
اوسُم وۄنمُت"۔ میےٚ وۄنمس تہٕ سو گیہ خوش۔ "ہُہ کیاہ
چھُ؟"۔ تمہِ ہوو دارِ طاقس کُن۔ "کیکٹس"۔ میےٚ دیُتمس
جواب۔ "تہٕ کیاہ گوو؟" تمہِ پرُژھ بیٚیہِ۔ "ناگ متی"۔ میےٚ
کٔر وضاحت، پوٗز تورِ نہٕ فِکری۔

(ہردے کول بھارتی : ذاتُک معراج)

مشابہتی طرز آو باضے شاعرن ہند اندازہٕ ورتاونہٕ۔ اَندی یکھی چیز آیہ شخصاونہٕ تہٕ تمن لگتھے پأٹھۍ کتھ کرنہٕ یِتھ پأٹھۍ فیبلن منز کران چھِ:
اَمامیے گووتہٕ بیدار ! میےٚ نے اوس زانہہ تہٕ سوٗرمُت

یہ دونی سران اوسس۔ بہ ہے اکی آہ اوسمس تہٕ
بنیومُت یہ بننگ ہہ یہ گماہ تہٕ کرہا! مےٚ ہسا آسی اَنگس
اَنگس تہٕ تارس تارس مُشکنہٕ اَمبار شرٛی ہتی۔ تلہٕ ہٮ۪ند
سوہ یکھ وادَن آس میانِس وجودس تشہجارج اَڈرن
کُرمُت تہٕ تمہٕ آس مےٚ اندر تتھےٚ کُنہٕ جاے شیرمُت تتھ کُنہٕ
پرٛژھ وٲلی ہٮ۪دِس روحس منز۔ خدایَن یہ ہسا گوس خوفہٕ
نشہٕ آزاد۔ تہٕ وُچھن والہٕ! یینہٕ ہسا کنہٕ ترٛ دوتھرل یوش
تہٕ اَتھ منز نورزک مُشکدار، بچھ نظر گرژھےٚ، زٲنی زِ یہ چھےٚ
بہ تہٕ مےٚ منز خارتہٕ بورُت منز۔

(اختر محی الدّین : ارتقا)

یِتھن اَفسانَن منز چھُ ہمیشہ کلیشےٚ یادِ گرژھنک احتمال روزان، ہکیاز
چیزن ہنز خارجی مُشابہت چھےٚ رنگَن، صورژن تہٕ ہیژن تامےٚ محدود دیلہ زن
حقیقی تجربس منز چیزن درمیان رشتہٕ خالےٚ کُنہٕ ساعتہٕ سیٚدسیود مستقیمی تہٕ منطبقی
آسان چھُ، بلکہ ورگہٕ، اتفاقی، تجمیعی تہٕ انشقاقی۔ لہٰذا چھُ انتخابہٕ بجایہ ترادفس
کام ہیتھ قلمہٕ ہٮ۪ندی پاٹھی مونتاج ییوان پیش کرُن۔ ذہن چھُ اکی آہ بےشمار لمحاتی احساسن
خیالن، جذبن، یادن تہٕ ارادن ہٮ۪ند مٔیل۔
یتھن ووہن ہنز ہن ذرین اندر بدلیوو ربطس تہٕ ترتیبہٕ متعلق
افسانہٕ ہٮ۪ند سوچ پریتھ شعبس منز۔ اَدبس منز تہٕ آدمہٕ متعلق نوس سوچنہٕ۔ روایتی
ذٔلیلہ ہٮ۪ند فرضی ربط تہٕ جدید اَدبن منز اَساطیر تہٕ پرٛڈی ہٮ۪ند ڈسیلہ یادِ کرتہٕ آمت ربط
تہٕ اَدشکہٕ چون نظر وُچھنہٕ۔ خارجی حقیقت پسندی آسہٕ تن یا نفسیاتی حقیقت پسندی
"ہے قی"، طریقہٕ چھُ ناممکن تہٕ عملہٕ ہٮ۪ند منطقی یا معنوی انجام تہٕ چھُ افسانہٕ نگارن ہٮ۪ند

پنُن مقرر کوٚرمُت انجام آسان، ییٚلہِ زَن اصل تجربہٕ محض اکھ تسلسل چھُ۔ بےٚ شکل، بے ترتیب
تہٕ بےٚ ربط —— یہ سوچُن ترٛاے آیہِ نہٕ کانٛہہ تِس افسانَس منٛز کُنہِ ادبی یا فکری تحریکہ
ہندِس اثرس تَل یا بیٚیہ کُنہِ زبانٕ ہندِس ادبَس تقلید کرنہٕ ستیٚ، بلکہ محض تحریکَن، ادبی
روشَن تہٕ نظریَن پیٹھ پرٛتھ پھٹنہٕ ستیٚ۔ یوٚدوَے اَتھ نوٚ ترٛایہ پتھ جدیدیّت یا پوسٹ
ماڈرنزم ناو دِنچ کوٚشِش چھےٚ کرنہٕ یوان، مگر پزر چھُ یہِ زِ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ پیٹھ تہٕ مجموعی
طور کُنہِ تحریکہ ہُنز یا رُجحانچ حلقہ بندی ممکن۔ تکیازِ مختلف لیکھن والی چھِ مختلف رُو یہ
تھاوان تہٕ پرٛتھ کانٛہہ افسانہٕ چھُ پننہِ جایہ منفرد تجربچ حیثیت تھاوان۔ یہ چھُنہٕ کتھ زِ
اَزکی ساری لیکھن والی چھِ اَمی ترٛایہ لیکھان یا اَزی کیا چھِ اَمہِ ترٛایہ ہندی افسانہٕ لیکھنہٕ
یوان۔ بلکہ اَز تہٕ چھِ کینٛہہ افسانہٕ روایتی حقیقت پسندی ہنٛزِ ترٛایہ ہندی کینٛہہ افسانہٕ
جدیدیت چہِ ترٛایہ ہندی لیکھنہٕ یوان تہٕ کینٛہہ افسانہٕ چھِ بروٚنٛٹھے ترقی پسندی تہٕ
جدیدیت کِس دورس منٛز تِتھی لیکھنہٕ آمتی یِم اَمہِ نوٚ ترٛایہ ہندی چھِ۔ یتیٚچ ہیٚر کُنہِ ذکر
پیٚنہٕ یمَن افسانَن منٛز چھےٚ بُنیادی خصوصیت یہِ زِ کردار چھُ تصورک یا قدرِ ہُند
مُتبادل آسنہٕ بجایہ حقیقی زندٕ زُو انسان تہٕ تمی سُند تجربہٕ (افسانُک تجربہٕ) چھُ
استعارو تہٕ علامژو بجایہ تس تہٕ تمِس اَندی پکھی چیزَن درمیان زمانی عملہِ تہٕ ردِ عملہ
ستیٚ ظاہر سپدان تہٕ ہیئت پرٛاوان تہٕ عمل چھُنہٕ ڈرامٲیی گوڈ تہٕ اَند ہاوَنہٕ ورٲی، پزن
والی سُند توجہ تاٲین کرنہٕ ورٲے حقیقتہٕ ہُند تیتھ ادراک پیش کران یُس خالص نجی یا سوانحی چھُ۔
زمانہٕ چھُ۔ کردارہ سُند شعورکہ وسیلہ زمانہٕ کِس ادراکس منٛز پیش کرنہٕ یوان نہٕ
زِ زمانہٕ نیتھ پیٹھ سوچنہٕ چھُ یوان۔ تجربہٕ چھُنہٕ روزان شعوری کیفیژن ہُند گیڈ بلکہ
پیٹھ اَڈرَن تھتھ پاٹھۍ زِ اکھ کیفیت ہیکون نہٕ بیٚیہ کیفیژ نِشہٕ بیوٚن کڈِتھ۔ یہ چھُ
یمَن کیفیژن ہُند بہاو شعورچ رَو۔ جدید یوٚگ اَتھ رلبط تہٕ تنگ ترتیب دِنہٕ خاطرٕ
پرٛوڈی یا اسطورَن ستیٚ متوازیت اَنہٕ ستیٚ پادٕ ییلہِ زَن نوٚ ترٛایہ ہنٛزِ حقیقت

نگاری اسطورن تہٕ استعارن ہُند ٹوکھ نِنہٕ ورٲے برٛونہہ منظر بناوِتھ شعوری کیفیژن پیش چھ کران ۔ اَمہٕ کِس نتیجس منٛز گوو دلیلہِ ہُند غلبہٕ ختم تہٕ کیاز دلیلہِ ہُند دار مدار چھُ زمانہٕ کِس مکانی تصورس پیٹھ ییمہٕ کِنۍ یہ الگ الگ واقعٕن ہنٛز ہانکل چھُ باسان ۔ افسانہٕ نگارس چھُ دلیلہِ ہِندِ مددٕ ورٲے زمانہٕ حال بناوِتھ غار استعارٲتی اندازٕ بروٚنٛٹھ کُن اَنُن ۔ اَتھ طرزس پیٹھ لیکھن والین چھُ البتہ یوٚڈ مسلہ یہ بُتھ پیوان زِ تِم کیتھ پاٹھۍ ہیکن بیانیہچ دلچسپی برقرار تھاوِتھ یلہٕ زن فردٕ سٕندِ شعورٕکۍ ارتعاش تہٕ اَتھ منٛز یادٕ گومُت خلفشار صرف تمۍ سٕندی خاطرٕ اہمیت چھُ تھوان۔ فکشن لیکھن وول چھُ تمِس کِنہٕ زمانی تہٕ مکانی دایرس منٛز اَنِتھ اَژھن پاٹھۍ اَندری خود کلامی منٛز اوٚر تھوان تہٕ اَتھ پیش کرنس منٛز چھُ سُہ یہ فرض کران زِ پَرن وول کرِ پرٛتھ زِنس چھے کردار ہٕندِ دروٗنہٕ آگہی ییمہٕ کِنۍ سُہ کُنہٕ خارجی وَتشاولہِ وَرٲے کِردار ہٕندِ شعورٕچ عمل پیش چھُ ہیکان کٔرِتھ ۔ یِژھ عبارژ چھے اکثر طوٗلہِ آسان ییمہٕ کِنۍ پَرن وول اکثر پاٹھۍ کِردارن یا تہنٛزن ذہنی کیفیژن ستۍ ہشر لَبِتھ بِنہٕ تجربٕچ اہمیت دریافت کرنس منٛز ناکام چھُ گژھان لہازا خاٲیف گژھان ۔ اَتھ مسلس چھُنہٕ اکوے حل بلکہ مختلف لیکھن والین نِش مختلف بشرطیکہ سُہ آسہ لیکھنہٕ وِزِ یہ منشہٕ تھاوان زِ پَرن وول گژھِ تمۍ سٕندِس تجربس منٛز شریک یتھ منٛز تمۍ بِنہٕ وتوٚدٕچ اہمیت بُہ تہٕ چھے۔

بہرحال روٗز کاشرِس افسانس منٛز تہٕ دوٚن روٗشن درمیان ترٛاے گرٛاے، اکھ پاسہٕ استعارٲتی، علامتی، تمثیلی شعری، اَساطیری تہٕ مُصنفانہٕ روٗشن، بییہ طرفہٕ حقیقی، ضمیرٲتی ترادنی، دید بدید آوری، نثری تہٕ قاریانہٕ روٗشن۔ دوشوٚنی روٗشن منٛز آیہ بیری پھری مُقررٕ روٗشہٕ لیشہٕ گریز کرٕنکی تجربہٕ کرنہٕ کینہٕ محض تجربہٕ شوقہٕ تہٕ کینہٕ بہتر ترسیل پژاوہٕ موکھ دوشوٚنی روٗشن منٛز روٗدکر

ناکام گژھنکی امکان ۔ دراصل چھُنہٕ ادبس منز مستقیمی ارتقا ممکن ادبس منز چھےٚ
صرف دٲیرٕ بند یِتھ برونہہ حرکتھ ممکن، تکیازِ زبانہٕ ورٲے چھُنہٕ اَتھ بیٚیہ کانہہ وسیلہٕ
افسانہٕ نگارن چھےٚ لامحدود تخلیقی صلاحیت حاصل مگر وسیلہٕ چھُ تُسے ساسہ بوٚد
وُری پژون قصہ وننُک فن یتھ ہر دورس منز تازٕ کرنہٕ موکھ دِتھ چھےٚ یوان دِنہٕ
تہٕ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ چھُ ورتاونہٕ یوان یُتھ زندگیہ ہنز تخیلی بازیافت سہل بنہٕ ۔

اَزیکس اَفسانس منز تہٕ چھِ اَتھ صنفہِ نوٚ اندازٕ ورتاونچہ کوٚشش کرنہٕ
یوان یُتھ زِ ترقی پسندی، جدیدیت بیترٕ اجتماعی رُدشوٚنشہٕ بیوٚن ترٚتھ باوتھ حاصل
سُید یوسہ صرف کُنہٕ مخصوص اَفسانہٕ خاطرٕ موزوٗن آسہ تہٕ یتھ ہٕ بدل یا اَتھ
یا بہتر یا اَتھی ورتاونچ گنجایش آسہ مگر یِلہ اَزیکین افسانن پیٹھ یکوٹہٕ نظر تراوان
چھِ، کینہہ اجتماعی رُدشہٕ تہٕ چھےٚ ضرور نظر گژھان ۔

اَزیک افسانہٕ چھُ اکہِ پاسہ قدیم قصہ گوٚیی ہندِس فنس ستی نا قدانہٕ
رُدیہٕ اختیار کرتھ نوٚبرٚ ژھارنچ کل تھاوان مگر بیٚیہ پاسہ چھُ قدیم قصہ گوٚیی ہنز
دلچسپی برٲونچ کوٚشش کران زِ اَتھ منز گرشہِ ٹھوس صورت حالچ ترجمانی یتھ پیٹھ
ہٕ کُنہٕ غار فنی مقصدچ یا طرزچ آہمیت آسہ ۔ یہ چھُنہٕ سراسر نوٚو ۔ (ادبس منز چھُنہٕ
کانہہ تہٕ تجربہٕ صریحن نوٚ وہکان آسِتھ ) ۔ ہری کرشن کولُن تاپھ، یا شمشان وٲراگ،
ہردے کول بھارتی سُند ہمزاد، اختر محی الدینُن ’’ گہے تاپھ گہے شہل، یا ’ پرالب ‘ چھِ
واریاہ برونہہ اَمہِ نوٚ اندازچ وتھ ہاوان ۔ اَز سُند یہ ژیوٚہے اندازٕ چھُ اَزیک
نُمایند اندازٕ ۔ اَمہِ اندازچ امتیازی خصوصیت چھےٚ یہ زِ افسانہٕ نگارن چھُ
واقعہ سازی بُنیادی اہمیت دِوان، نہ تشریح عبارژ تہٕ نہ موضوع چہ آفاقیژ،
بلکہ چھُ کردارہندِس مخصوص ذہنی، روٗحانی، اخلاقی یا نفسیاتی کیفیژ مرکزی
اہمیت دِتھ کانہہ تیُتھ منظر بروٚنٹھ کُن انان یُس تمہِ کیفیژ ہُند متبادل چھُ

بنان۔ معمولی کھوتہٕ معمولی چیز یا حرکتہٕ تہٕ چھےٚ لیکھن واٲلی سندِس دٔر پردٕہ مُدعاہَس تابع اہمیت اختیار کران، حالانکہ بظاہر چھُینہٕ یہِ واقعس کُنہِ تہٕ طریقہٕ برونٹھ پکناونہٕ خاطرٕ ضروری۔

یہ چھُ سُہ طرز زِ پرن واٲلی سُند ذہن چھُ امہِ کسِ پسِ منظرس منز موجود تجربس تفسیر کرنس منز پرتھ قدمہٕ مزاحمت محسوس کران تکیازِ امیُک اسلوب چھُ ناقابلِ قیاس تہٕ علم ہُند دوہ تھ واتہٕ چھُ نہایت سوٚت۔ امہِ رنگٕ چھُ اَزیُک افسانہٕ تہٕ جدید افسانَس منز دیکھ زِ یہِ چھُ انسانی تجربس پشراوتہٕ آمتس ترتیب وار پلاٹس نفی کران۔ جدید افسانُک ابہام چھُ اضافی تکیازِ پرن وول چھُ یہِ ووہ میدٕ ہیتھ اَتھ پھرِ پھرِ پران زِ دوہ یہِ ترتیبہٕ پھرِ پرِتھ واتہٕ سُہ اصل معنیَس تام تکیازِ علامتہٕ تہٕ تجرید چھےٚ تیار بہ تیار مسالہٕ یمن افسانہٕ نگار پننہِ پننہِ پاٹھۍ ورتاوان چھُ۔

مثلاً درویش، سفر، دروازٕ، ہانگل، پوش، ماہتھ، کینہہ بیتر یا پرانین اسطورن تہٕ داستانَن ستۍ متواریت تہٕ آس اَتھ منز رہبری کران۔ مگر پیلہِ تہٕ یم عنصر آسنہٕ پرن وول چھُ افسانہٕ کسِ برونٹھ منظرس منزے آوُر روزان یہِ زن لیکھن واٲلی سُند مقصد آسان چھُ۔ استعاراتی تہٕ علامتی طرزٕ چھِ اکھ زٕ افسانہٕ لیکھِتھ کھوکھرِ گرٛھان تہٕ یتہٕ چھِ باقین ہندِ خاطرٕ کلیشے ورتاونی نیتھ موٗخان۔ مثلاً اردوٗ ہس منز لیکھ انتظار حسینَن آخری آدمی، ہم سفر، شہرِ افسوس، دیوار، "زرد کتا" کچھوے بیتر داستانوی افسانہٕ ۔ اَزِ اگرکانہہ یمنے افسانَن ہنز علامتہٕ ورتاوان چھُ، سُہ چھُ خالے کُنہِ ساعتہٕ یمَن نوۍ معنے دِنَس منز کامیاب گرٛھان۔

"پس جدیدیت" یا پوسٹ ماڈرنزم، چھُ اَزکل دُنیہچین مختلف زبانَن منز افسانہٕ نگارن تہٕ ناول نگارن تمام روایتہٕ چھُڑاونس منز اکھ لہر بنتھ مقبول سپدان۔ جوایس تہٕ یولیسز، ناولہٕ ہندی زیٹھۍ زیٹھۍ اَندری خودکلامی

ہنز عبارژ تہ سیمویل بیکیٹنہ ناولہ بیٚیہ امہ نورٕ رجحانہ چہ مقبولیژ ہندی سبب تہ تنہ پیٹھہ چھُ یہ سلسلہ جأری۔ فکشنک کانٛہہ عنصر چھُنہٕ سہ یتھ منزٕ نہ یِس جدیدی انکار چھِ کران۔ حتیٰ اکہ افسانہٕ کِس مواد س منز یِس انتخاب ضروری چھُ تتھ تہِ چھِ انکار یوان کرنہٕ تہٕ نتیجہ چھُ نیران محض بے ہیت، بے انتہا سلسلہ لفظن ہُند یمن نہ پانہٕ وٕنی کانٛہہ ربط چھُ افسانہٕ کِس تسلسلس تہِ چھُ انکار یوان کرنہٕ تہٕ صفس پیٹھ چھِ لفظ مختلف ڈیزاینن منز لیکھنہٕ یوان تہٕ کتابِ کِس اتھ تگنگری ہندِس فنس تہٕ چھِ افسانک ناو دِنہٕ یوان۔ یِمے یوت نہ یِس جدید تیکہ ناو چھِ تتھی افسانہٕ تہٕ لیکھنہٕ یوان یم مختلف مضمونو، افسانو تہٕ اخبارو منزٕ ژٹنہٕ آمتیو اقتباسو سیتی عملی طور "بناونہٕ" چھِ یوان۔ امہ قسمکی بے مقصد تہٕ فن مخالف تجربہ کرنہٕ سیتی چھُ یِس جدیدی صرف یہ ہاوُن یژھان زِ ادبک چھُنہٕ ووٚنی دُنیہس کانٛہہ ضرورت۔ نیلہٕ نہ ادب اَدب روزی تہٕ تیلہ کیاہ مقصدے چھُ روایت شکنی یا اصول شکنی ہُند۔

افسانہٕ چھُ فکشنچ اکھ پابند صنف مگر اَمچ حدبندی چھِنہٕ باوژ منز کانٛہہ رُکاوٹ بلکہ ناولہ مقابلہ سیٹھاہ مددگار۔ ناولِ ہند خاطرٕ چھُ پرن والین ہُند تعداد دوہہ کھوتہٕ دوہ ژُمان تہٕ اَکِس مخصوص تہٕ محدود سیٹیلسٹ طبقس تام محدود سپدان (حالانکہ تشہیر باپتھ یِس درجہ ناولہ چھُ سہ چھُنہٕ بیٚیہ کُنہٕ ادبی صنفہ) مگر افسانہٕ کین پرن والین ہُند تعداد چھُ مُسلسل ہُران۔ رتی افسانہٕ چھِ باضے رسالن منز کامیأبی ہندی اہم سبب بنان تہٕ ٹیلی وِجن تہٕ فلمہٕ بناون والی چھِ رتین افسانن ہندس تلاشس منز پریشان۔ ایم، ٹی، وی، تہٕ ماڈلنگ شو چھِ تمام تفریحی

ذریعہٕ ہنٛز جاے کھیوان ، مگر افسانس چھُنہٕ اَمہِ قسمُک کانْہہ سنگین خطر
ہتکیاز افسانہٕ چھُنہٕ یُتھنہٕ اختصار کنہِ تہٕ اوٚک سمتی آسنہٕ کنہِ پٔرن والین
کیُت گوٚب بنان تہٕ اَتھ سیتھ چھُ یہ پٔرٛ رتہٕ اَمِچہِ مقبولیژ ہُند ضامن زِ
حقیقی زندگیہِ ہندی اصل واقع چھہٕ ہمیشہٕ مختصر تہٕ اوٚک سمتی آسان۔

افسانس چھےٚ یتھنہٕ حد پرٛنہٕ ناوتھ تہٕ تمن حدن منٛز تجربیچ زیادہ
کھوتہٕ زیادٕ گنجایش لبھتھ بدلوٚنہٕ زندگیہِ ہنٛدین بدلوٚنین انسانی صورتِ
حالن ہنٛز پرٛیتھ ممکن حدس تام ترجمانی کرٕنی تہٕ ترجمانی کرنس منٛز چھُ
اَتھ ہوٚبہوٚ نقل کرنہٕ لٔتھتہٕ لوٚب روزٕن تہٕ ستی چھُس یہٕ انسانی تجربس
کانْہہ منگ تہٕ منٛگیچ ترتیب لسٛرادیٚچ کوشش کرٕنی۔ تجربیچ ترجمانی
کرنس منٛز روزٕن پرٛیتھ دورس منٛز مختلف لیکھن والین مختلف انداز۔
کانْہہ تھاوِ یٚنِن کردارن تھٔے یا تھٕہ اَندی پکھی چیزن درمیان منٛز بند
مکانی احاطس منٛز یتھ یا تھٕہ تم حقیقی زندگیہِ منٛز یُتھنہٕ گر، دفتر یا بازر
آسن یتھ زٕ تہٕند حقیقی لوکس تہنٛز شناخت بنہٕ تہٕ کانْہہ ہوٚ تمن بیکیٹ
سندین ڈرامہن ہندی یا تھٕہ لوکسہٕ ورا سے خالی جاینس منٛز تہٕ اگر کانْہہ
چیز ہوٚتے آسیس، تتھ منٛز آسہ لیکھن والس شعوری انتخاب یتھ زٕن
کردارس تہٕ تتھ چیزس تہٕ تمن چیزن درمیان رشتہٕ فنٛتی ہُند رشتہٕ آسہ۔

دوشوٚنی صورژن منٛز چھُ افسانہٕ پیرنک تہٕ اَمیک حظ تلنک
دار مدار سانین احساسس یتھ زٕ افسانس اندر موجود شخص چھُنہٕ یا تہٕ
پھیران تھوران تہٕ بولان، بلکہ چھہٕ یم حقیقی انسانن ہندی رسم۔ بند فیب
یِمن اکھ غایب لیکھن وول یٚنہٕ منتشہٕ تہٕ یُنہٕ مخصوص مقصد نرٛ نادان
تہٕ بولناوان چھُ۔ یہ چھُ ژکہِ سے تفریح تہٕ سوے آگہی دِوان یُس پرٛون

کانہہ پاٹھر دِوان اوس ۔ وُچھنَ والین اوس تفریح اَوکِنہِ میلان زِ تِمَن اوس پےٚ
زِ سٹیجس پیٹھ یِم مُکھوٹ لاگِتھ ماگن چھِنہٕ پزٕ انسان، مگر کوتاہ پزٕ آسنُک فریب
چھ دِوان ۔ مگر یتھہ پاٹھی قدیم پاٹھر حقیقی پلو پوشاک لاگنہٕ سِتۍ تفریح دِنس منز
ناکام اوس گژھان تِتھے پاٹھی چھُ افسانہٕ تہٕ تاثر دِنس منز ناکام گژھان اگر اَکہِ
کردار حقیقی کردار باسن تہٕ فریٚک گژھن نہٕ گُمانے ۔ قدیم پاٹھرن منز کامیابی اٚمس
یِتھ کِنۍ منز زِ حقیقی کردار دِنس صریحن مختلف آسِتھ تہٕ آسہِ یم حقیقی انسانو یا جانورو
کھوتہٕ 'پزٕ' باسان ۔ سٹیجس پیٹھ اگر ژھاو لۍ اداکار سِندہ بدلہٕ پوٚز ژھاوٕل کھار یو
تماشہٕ گیر ژھیٚن اَسناہ کرِتھ ۔ دراصل چھُ استعارہ چہ کامیابی ہُنٛد راز رلاو نہٕ آمتین
سیاقن ہندس تہٕ ترادتی طریقہٕ یکہ وٕٹہٕ کار فرما ۔ حقیقت تہٕ فریب، پُزر تہٕ فینٹسی
لر یوٚر ۔

أزکِس افسانس منز تہٕ چھے پریتھ کُنہ جزس منز کینہہ خاصیژ معیارٕی
افسانیٚن خاصیژن سِتۍ مُطابقت تھاوان تہٕ کینہہ خاصیژ محض تجربہٕ برائے تجربہٕ
تہٕ وقتی ۔ یہٕ سلسلہٕ روزِ ہمیشہ جارٕی ییتِس کالس انسانس حقیقژ نِشہٕ ژلِتھ حقیقژ
ہندِس تصورس منز سرُور یِیِنہ کُل روزِ، ییتِس کالس انسانس زِندٕ روزنس
سِتۍ سِتۍ پننہٕ زندگیہ فکشن چہ صوٗرژ منز ۔ وُچھنُک شوق روزِ ۔ ییتِس کالس انسانس
از کالہٕ منز نیرِتھ پتھ کالچن یا دِن منز یا فرضی ییتس کالہٕ کِس فریبَن منز سکون میلان
روزِ ۔ مُستند قالب تہٕ ہیٚرژ پھٕٹراوٕنۍ عمل تہٕ روزِ جارٕی تہٕ اَتھ عملہٕ منز روزِ
بےٚ مقصد تجربن تہٕ پننہٕ اہمیت تکیازِ یِم چھِ افسانہٕ لیکھن والین ہیٚرژن منز پادٕ
سپزمژ فرسودگیہ ہُنٛد احساس دِوان ۔

کاشُر افسانہٕ چھُ سیٚٹھے سوٗت رفتار پیٹھ عالمی افسانس منز پادٕ پیٚدن
والین رُجحانن سِتۍ ہمقدم تہٕ کینژ ہنز سیاسی تہٕ سماجی زندگیہ نِشہٕ متاثر سپدان ۔

کأشِری چھِ اکہِ پاسہ انگریزی زبأنی ہنز مقبولیژ کنۍ جدید کھوتہ جدید فکری رُوشن نِشہِ یکدم مُتأثر سپدان تہ بیٛیہ پاسہ چھِ عالمی طاقتن ہنز سیاست کأری ہندی شکار آسنہٕ کنۍ عالمی سطحس پیٹھ رونُما سپدن والین واقعن مُتد اثر قبوٗل کران۔ مگر بأین درمیان بند آسنہٕ کنۍ تہ صنعژ تہ ریل نہ آسنہٕ کنۍ زندگیہ ہنز تیز رفتار دوسہ دروسہ نِشہِ بے خبر۔ اَوکنۍ چھِ اَزی کس کأشرس افسانس منز جدید تر فکرہٕ ہنز آمیزش تہ تجربچ تازگی ۔ مگر صنعژ تہ ریلہٕ ہنز عدم موجوٗدگیہ کنۍ چھِنہٕ اَتھ منز تجربچ کثرت تہ رنگ بستگی ۔

# افسانُک عالمی معیار تہٕ کاشُر افسانہٕ

اختر محی الدین

زِندگی، زِٹھرٕ، زِکن، زِاچھ تہٕ اکھ کلہٕ۔ کلس منز کاڈی تہٕ کاڈِن ہُند چھُس وزن تہٕ مولوم ــــــ یہٕ گوو انسان مگر انسان چھُنہٕ یتے یوت۔ یہٕ چھُ اکھ وسی سوٗدرٕ، یہٕ چھُ اکھ پھِہنامنا، یہٕ چھُ پرتھ یکس منز اکھ اکھ کایناتھ۔ یہٕ چھُ پرتھ تضادکھ آگُر تہٕ ملوٗن تہٕ۔ یہٕ چھُ تمیک ابتدا یتھ نہٕ انتہا چھُ، یہٕ چھُ تمیک انتہا یتھ نہٕ ابتدا چھُ۔ یہٕ چھُ حارتس منز تراوُن وول تخلیق تہٕ یہٕ چھُ حارتھ انگیز تخلیق کار۔

افسانہٕ گوو کتھ وَننک سُہ طرِیقہٕ یتھ اکھ ابتدا آسہٕ، عوٗروٗج آسہٕ تہٕ اختتام آسہٕ۔ اَتھ منز چھِ کردار تہٕ واقعاتھ اکھ اکِس مُحرِکھ بنتھ مطلبُک اظہار تمہٕ طرِیقہٕ کرن زِ پرن وول چھُ حارتس گژھان۔ یتھ کِنی چھُ زِندگِس انسان وَنوتیرِ اپشاکِس گرونوٗیا وُڈِہنس ہوٗن وَنوتیتھے کِنی ہیکونہٕ پرتھ کنہِ تخلیقس افسانہٕ وَنِتھ۔ اکِہ خاص ترتیبُک بُنیادی ڈانچہٕ آسُن چھُ ضرُوری۔

افسانہٕ چھُ نثر پارہٕ ــ افسانُک بوٗڈ وصف چھُ اختصار، افسانس منز چھُ وحدتِ تاثر لازم تہٕ افسانس منز چھُ وحدتِ زمان و مکان شاد تہٕ تاثر پادٕ کرنہٕ خاطرٕ ضروٗری۔

خاص ترتیبُک یہٕ بُنیادی ڈانچہٕ چھُ از ابتدا! افسانس اکھ الگ صنفِ ادب بناوان تہٕ عالمی معیارس پیٹھ ییلہِ اَسی افسانُک تذکرٕ کران چھِ اَسہِ چھُ گوڈے ذِہنس منز یہٕ ڈانچہٕ لیوان۔

اَتھ بُنیادی ڈانچس ہیکہِ کانہہ کانہہ فرق یتھ۔ تکیازِ باقے سارِنی تخلیقن ہِندی پاٹھی چھُ افسانہٕ تہٕ نیوٗتے وَسی، تِتھے پھِہنامنا تہٕ تِتھے حارتھ انگیز یتھ تخلیق کار رٕپانہٕ چھُ۔ کردار ہیکہِ بالزاک سُند مضحکہ خیز پادری تہٕ آسِتھ، مولیساں سُند ARCHITYPE نمایندہ کردار تہٕ آسِتھ، سارتر سُند DEGENERATE

تہٕ آسِتھ تہٕ ساوۆل بیلوٗسندٕ علامتھ تہٕ آسِتھ۔ یِتھے کنٛی ہیکن واقعاتھ خارٕ ٲری دٕنی یَس منٛز رونما سپدِتھ یا کردار سندِس ذیہنس منٛز بٲتی، کتھ ہینکہ واقعاتن ہندِس تسلسس ستۍ منسلک آسِتھ یا سونچہ چہ روانی ستۍ مگر یُتھی یاد ہینکہ نہٕ ژٔھس ہلیتھ۔ یِمۍ یتھی بازانکار کوٚر تِمۍ کوٚر افسانس ووجودس انکار۔ تہٕ یِتھ کو افسانہٕ نگار چھِنہٕ وُنیک نام کانہہ تہٕ وو تہمت تہٕ نہٕ ہینکہِ وٲتھتھ۔

یِمو عالمی افسانک اکھ معیار قٲیم کوٚر تِمو ہو وینِہ تخلیقی جینیسُک کمال اٲتھ پابند صنفس منٛز تتھی حارتھ انگیز ایجاد کرِتھ زاز تہٕ چھہ تِم کاشری منار عام لوٗکن تخلیقی موجزک فرصتھ عطا کران۔ بوکاشیو سُند موضوع اوس سیکس مگر سیکس اوس نہٕ OBSESSION یتھی کنٛی فرایڈ ہندٕ بن پارو کارن ہندِ خاطر بنیوو۔ دون جوان جسمن ہند ملاپ اوس بوکاشیو سندِ خاطرِ تتھے ننٛد لون، شوبہ ون تہٕ اَسہ ون یتھ تاپہ صُبحس منٛز بُلبُل سُند پوشس ستۍ لولہ ون تہٕ باسہِ ون میُل چھُ آسان۔ بالزاک ہندِس سیکس ذرہ یادرس چھیہ ہادبا و مذہبچ رضاے وَرِ ذ تہٕ یہ رضاے چھہ بالزاک ژ ذیلہ مگر خوش کرِ وِنس شری سندی پاکھ ہنگہ منکہ تھوٚدنوان تُلِتھ۔ شری سنز رذالتھ چھِنہٕ کھران نکیاز ہمس ریش دراز تہٕ وظیفہ خان سنز شیطنتھ ننگہ کرِ ھتھ چھ وڑھہ واٰنجہ اَسن کھنگالہ نیرِ تھ ژلان۔ چیخوف سُند فلسفی یانہ انداز چھ انسان سنزِ بلعجبی ہیٖچھ گاہ تراوان۔ واقعاتھ چھ تتھی یتھی دہ ہدِش بنہٕ وُنی چھہ مگر اندس واتتھ چھ اکھ سوٚن تہٕ PROFOUND تاثر پاد سپدان یتھ منٛز ملنے ین ہندی سوٚدر گیھِ چھہ میکیم گورکی سُند آدم چھ یتھ دَسی کاینا تس منٛز اکھ عظیم تخلیق، یِمی سندِ ذہنہٕ زرہ ذراتس گرِتھ تحیر سپدِن، اتھ مقابلہ سارتر سُند کردار کا مبلہ بمار سماجس منٛز ذبتھ مصیبتس لگان تہٕ میادِ خراب آسنہ کنٛی چھس پاجامہ تام ناپاک سپدان۔ کانن ڈایل سُند برگیڈیر چھ زیوِ زبانی نیپولین آسنکی دَم دِوان مگر داند کھولہ چھ تیوٚتھ کھوژان زِ زنانہ ڈلس تل چھِپن جاے لبان LADY MACBETH OF MINSLA چھیہ قاتلہ سنز مجرم ماشوق آسنہ باووجود ساببر یا جلاے وطن گرِ ھان گرِ ھان تہٕ قتل کران، اتھ مقابلہ چھ مارکھیم لوٚبے ٹِنٛ پان پُلیسس حوالہ کرناوان۔ GIFT OF MAGI چھ پریتھ دور تہٕ پریتھ انسانہ سندِ خاطر افسانہ یتھ منٛز شوق تہٕ لاچاری تیتھ اکھ وِیُہہ چھہ کران زِ انسان چھہ کوٚل گرِ ھان، راوان، سونچان تہٕ خاموش سپدان۔ ساوۆل بیلو

سُند کردار چھُ کنہِ تہِ شکلہِ منز علامژ پُژھ تخلیق سپدِتھ پننہِ وجوٗدُک محض اِحساس دِوان تہٕ واقعاتھ چھ پار دِکی پاٹھۍ نظر گژھتھ تہٕ اتھ نہٕ لگوٚن۔ مقصد کلام چھُ زِ عالمی معیارکس افسانوی ادبس منز چھِ یہ سوے وُستھ۔ یہ چھُ سے پھِنا مِنا، یہ چھُ تِتھے کنۍ تضادُک آگرُ تہٕ تہٕ ملوٚن تہٕ یتھ کنۍ امیک تخلیق کار انسان چھُ۔ یہ چھُ حارٕ تہٕ منز وجوٗدس آمُت حارتھ۔

یہ زیرِ نظر تھاوِتھ ییلہِ اسی کاشُر افسانوی ادب وُچھان چھِ، اسہِ چھُنہٕ۔ ہرگز تہٕ چھِنہٕ کانہہ ندامتھ سپدان یا کمتری ہُند کانہہ اِحساس ووتلان۔ میہ چھِیہ خبر زِ یہ چھُس یہ اکھ بوڈ دعوا کران مگر یِتہٕ چھُم خبر زِ یہ چھُس نہٕ کانن ڈایل سُند بریگیڈیر۔ یہ چھُس کاشُر افسانہٕ نگار یمس یہ مولوم چھُ زِ اگر یِتھ ساری ہے دورس منز اسی ساری کاشر افسانہٕ نگار محض اکُے افسانہٕ تِتھ تخلیق کرِ ویتھ عظیم ہیکوٚ نتھ سُے آسہِ سانہٕ کامیابی ہُند معراج۔ میہ چھِیہ پتہٕ پتاہ زِ کینژن عالمی پایہٕ کین نقادن ہُند گفت چھُ زِ یہ کینژھا کانہہ ادب کُنہِ تہٕ سماجس منز کُنہِ تہٕ وقتہٕ لیکھتھ ہیکہٕ ہا تہٕ چھُ آمُت لیکھنہٕ تہٕ وونی یژہ ازکس ادیبس صرف ADAPTATION یا PLAGIARISE کرُن۔ مگر امہِ باوجود چھُس یہ پانہٕ تہٕ لیکھان تہٕ باقے ہمسفرن تہٕ چھُس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لیکھنُک مشورٕ دِوان۔ اَتھ چھِ کینہہ وجوہاتھ یمن ہُند کم زیادٕ تفصیل یہ چھُ ——

(ا) انسان، یس یتھ اکھ انسان چھُ بذاتہِ خود اکھ کاینات، امی سندی تجربہ چھِ نِرل، اَچھوی تہٕ نوی۔

(ب) ادیب چھُ زمان و مکانُک پابند تہٕ اتھ پابندی یہ منز چھُ امس کنۍ سے زلنس الگ، بدوٚن تہٕ ییوٚن یمتیار یُس امس پننہِ خاطرٕ محض پننہِ خاطرٕ وُتہٕ ہاوُک چھُ۔

(ج) زندگیہِ نسبتھ چھُ یس یتھ اکس پنُن اکھ خاص نظریہ یتھ ترتیب تہٕ وجوٗد بخشنس منز سا سہ بزو دریٹھ تہٕ اُدریٹھ، شونکی تہٕ نشونکی تحریکو حصہٕ نیوٚمُت چھُ۔ یوٚدوے ہردے کول بھارتی سار تر ہیکہٕ نہٕ آسِتھ، شہ ہیکہِ نہٕ بنسی نِردوش تہٕ آسِتھ۔ سارِنی لفزن چھُ پنُن پنُن تحریکہٕ آگرُ۔ پنُن پنُن ژٕ تر۔ یہ ہیکہِ نہٕ اکھ اکس ستی زانہہ تہٕ ہیوٚ آسِتھ۔

(د) زِندگیہ ہِندِس کتھ تارِیفِس وَنُن تہٕ ٹھیقہٕ پوز تہٕ حتمی پوز زادِس متلق ونُن کُنہِ اَکِس تحریکِس، رُجحانس یا دورس حتمی تہٕ آخری۔ گور کی سُند عظیم شاہکار آدم تہٕ حقیقتھ، تہٕ کافکا سُند بنہٕ تہٕ ہینہٕ اُمت کیوم تہٕ۔ مارکھیم تہٕ پرزرتہٕ LADY MACBETH OF MINSLA تہٕ۔ یِمہٕ دوہ ادبس آخری مقام بدرکڈنک برم لگہٕ تمہٕ دوہ آسہٕ قیامتھ۔

تہٕ چونکہ وُنہٕ سپز تہٕ قیامتھ یہاز اچھ وُنہٕ تہٕ اَسہٕ پنہٕ نوٕ تخلیقی صلاحیتو موجوب پنہٕ نین نیرل تجربن ہندِ اظہار کرنُک وَق۔ ووں گو وبہٕ کینژھا وَنیک تام گوٚرتتھ ہمو سام تکیا زتی چھ وُنی کٔس سون موضوع۔

کاشُر افسانہٕ چ سار یے کھوتہٕ بڈ خامی چھیہٕ زِ اتھ منز چھینہٕ رنگا رنگی۔ اَتھ چھینہٕ وُسعتھ، اَسہٕ چھینہٕ کانہہ ٹامس مان یُس کردار تہٕ ماحول تامیر کرنس منز نوزُک کھوتہٕ نوزُک جزیاتن تہٕ بروے کارانہٕ، اَسہٕ منز گو وبہٕ وُنہٕ کانہہ ہیمنگ وے یاپہ یمی سندی کردار ذری، وُژھوار ٹھول کرنہٕ خاطر تیار، منہٕ شودی تہٕ مردانہٕ ولقار تھاون وأل چھ، اَسہٕ منز چھینہٕ وُنہٕ تہٕ کانہہ کاموٗیُس اَکس ضأبطہٕ بند فلسفہ دان ہندی پأٹھی سماجس منز رُوحأنی بُحرانُک ننبر کرِ۔ مگر اما بہٕ چھا ضوٗروری زِ اَسہٕ منز گژھن یتھی ادیب پأدہٕ سپدنی۔ یہ چھنا حقیقتھ زِ تِہُنْس ہنیکہٕ ہا چھین سے منز اکہٕ خاص وقتہٕ پأدہٕ سپدتھ۔ منشی پریم چند ہنیکہٕ ہانہٕ شمألی ہندوستانس منز اکہٕ خاص سمأجی تحریکہٕ وَرأے زِنہٕ ہے زنم نیتھ۔ اگر بہٕ نیپولین رُوسَس شکس آسہٕ ہا ذہنی قیمت، ممکن چھ دُنیہٕ ہنز عظیم ترین ناول WAR & PEACE. آسہٕ ہانہٕ تخلیق سپز مژ۔

کاشُر افسانہٕ چھ سار یے خامیہٕ چھیہٕ اتھ پنُن اکھ الگ تہٕ منفرد مقام عطا کران۔ سانہٕ وطنچ جغرافیأئی پوزیشن، سأنی تواریخ، سانہٕ سماجچ خوصوصی ساخت تہٕ سانین تحریکن ہنز کامیأبیہ تہٕ ناکامیہ تہٕ اَمہٕ علاوہ تہٕ سانسہٕ بدین ووٚرین ہنز سأنی شوٗعورس منز تہٕ لاشوٗعورس منز زندگی کرنہٕ چیر وو ٹھ زھانٹہٕ ــــــــ خبر چھا کأتیاہ چیز چھ سأنس افسانہٕ نگارس رہبری یا گمراہی کران۔ خبر چھا اَہندِس تخلیقی شوٗعورس منز کیاہ کیاہ چھ یہ بوٗن، الگ تہٕ UNIQUE چھ، پہ بسراکہ ہے یوت چھ

تہ بیٚیہِ کاٗنسہ ہینکہِ نہٕ آسِتھ۔

اَما لاٗزِم چھِیہٕ اظہارچ ایماندارنہٕ تہٕ پُرخلوص تخلیقی باوَتھ۔ یہ باوَتھ کرِنٕس منٛز کتھ حدس تام چھُ کاشُر ادیب کامیاب سپُدمُت تہٕ یِنہٕ اَسہِ وۄن دِتھ ژھارُن۔ ممکن چھُ یہ ژھارنس منٛز کرن اَسہِ کُنہ کُنہِ غاٗرکاشُر اَدیب تہٕ نقادتہٕ اَتھہ روٚٹھ۔ لہٰذا ذٕ مہٕ یہ تہندی حوالہٕ۔ چوٗنکہِ سیٚتھی حوالہٕ آسن میٚہ پیٚنہٕ نیٚن افسانن متلق میٚہ گژھہ مأنی دِنٕی مطلب چھُم نہٕ پیٚنہٕ تأریف کرِنٕی بلکہِ (شاید) باقےین متلق پیٚنہٕ لاعِلمی ہُند مظاہر کرن۔ یُس شرمہٕ لایق چھُ، تاٗپِفن لایق نہٕ کیہنہٕ۔

میٚہ چھُنہٕ غرض کاشرِ افسانٕچ توآریخ بیان کرِنٕی۔ مگر کُنہ کُنہ جایہ چھِیہٕ توآریخ بیان کرِنٕچ ضوٚرور تہٕ ہیوان۔ یٕنمی صدی ہِندِس گوڈٕ اَڈس منٛز ییٚلہٕ ہِندُستانٕکی زبانن منٛز افسانہٕ نِگأری چلِتھ جاو لوگ کاشرِس سماجس آے تمہِ ادیب حِصہٕ یِمن ہُنزن تخلیقی جویٚن کاشرِ سماجکی سرآبیاری آسہِ نہٕ کران۔ یِم سأری ادیب آسی کشیٖر نیٚبرِ می لاہورکہِ، بمبیہ ہِندی دِلہٕ تہٕ اِلٰہ آبادکہِ۔ کشیٖر چھِیہٕ سیٚٹھا کالہٕ بیٚیٚٹھ مشرقس منٛز لیجنڈکہِ پأٹھی مشہور۔ یِتکی ہونرمند تہٕ عالم فاضل اَسی سأری ہے عالمس ویٚدی مگر زمانہ بدلنس سٕتی ییٚلہِ کشیٖر ابتلا آو، یِم ہونرمند تہٕ عالم فاضل پیٚدی نا بوٗد تہٕ کشیٖر نیٚبر روٗد صرف تھدین کوہن، سرسبز جنگلن، آبہِ سرن تہٕ جویٚن ہُند پروپگنڈا، انسان گوو مُشتھ یا یہ آو جنتس منٛز اکھ جہنم گار تصوٗر کرنہٕ۔

نیٚبرِ کیو اَدیبو یوٚدوے یِم پُرخلوص تہٕ نیکھ نیتھ تہٕ آسی، ہیوٚک نہٕ کاشُر انسان سمجھتھ تہٕ نہٕ اوس تہٕ تہندِ خاطرٕ ممکن۔ تکیاز تمن ہِندس تخلیقی سرِبندس اوس نہٕ کاشرِ سماجکٕ پے وزان۔ نتیجہ دراوزِ تمو دِیت کشیٖرِ نِسبتھ اَتھی مضحکہ خیز پروپگنڈاہس ادبی رنگ۔ کشیٖرِ ہِندِس قودرتی حُسنس منٛز ہوو تمو اکھ غریب، مفلس، نِندیور تہٕ نِکھیٚوب کردار لاچار تہٕ بے شوٗعور تہٕ اَہنز حسین مگر اِخلاق باختہ کوٗر۔ اکھ اوس نیٚبرِمس وزیٚٹر "بابوجی" یُس ٹہٕلی کران تہٕ یا کھ اُس تہنز جنسی ضوٚرورتھ پوٗرہ کرِتھ فخر محسوس کران۔

اما کشیٖر آس نہٕ یہ۔ کاشُر اوس غولأمی ہِندِس اَتھ دورس منٛز تہٕ سیاسی، ادبی تہٕ سماجی تحریکن زنم دِوان تہٕ سیاسی تہٕ تہذیبی غولأمی خلاف جد و جہد کران + ضوٚرورتھ اوس نیٚمہ کتھ ہُند

زادبی آسمانس پیٹھ کھسہِ اکھ نوٚو تارکھ لُس قطب نُماستارکۍ پاٹھۍ کٲشرِ ہِندِ زندٕ سماجُک نیب دِیہ ۔ یِنوبے تارکھ ہٮ۪نھ دراو گوڈٕ پریم ناتھ پردیسی تہٕ ستی پریم ناتھ در ہمو کاشُر افسانہٕ اوٚردوٗ جامہٕ ولِتھ پیش کوٚرٕ یمن دوٚشوٚنی ادیبن ہِندی کردارتہٕ کردارن ہُند سماجی ماحول، جِدو جہدکۍ ارمان، واقعاتھ بیترِ آسی کاشرِ لوٚت زِ بہنر زبان اُس اوٚردوٗ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ کاشرِ تکیاز محاورٕ، تلمیحاتھ بیترِ آسی خالص کاشرِ زبانٕ ہِندی اوٚردوٗ ترجمہِ ۔ یِہند یو ادبی کارنامو ڈول توجہ لاہور، بمبیہٕ، دلہ تہٕ الٰہ آباد پیٹھ سری نگر کُن تہٕ پتہٕ پیٚلہِ ۱۹۵۴ء منز "پوٚنڈرِچ" افسانہٕ عالمی افسانہٕ مقابلس منز اوٚردوٗک دوٚیُم بہترین افسانہٕ قرار دِنہٕ آو، غار کاشرین ادیبن رُاو کٲشرِ نِسبتھ " CREDIBILITY " ہمیشہ خاطرِ ۔ پوٚنڈرچ اوس نہ صرف "دریافتھ ایک نئے افسانہ نگار کی اور افسانہ لکھنے کے نئے انداز کی" (افکار کراچی) بلکہ اوس پہِ یُمہِ حقیقتُک تہٕ اظہارز کاشرِ سماجکہِ اقلیم ادبُچ رازٕ دٲنۍ چھ سرینگر تہٕ بنیہِ نہٕ کانہہ جاے ۔

سرینگر کاشرِ ادبی تحریکہِ ہُند رازٕ دٲنۍ قرار سپدِتھ ہُرلو ہِندُستانکِس رنگا برنگی ادبی چمنس اکھ نوٚو گُل، یُتھ رنگ، مشک، شکل تہٕ صوٗرتھ بلکل بدوٗن اُس ۔ یوٚدوے کاشرِ زبانِ منز ۱۹۵۴ سنہٕ بروٚنہہ ٹھے افسانہٕ لیکھنس فوٚرو جہٕ لوگمُت اوس تہٕ سوم ناتھ زتشی، عزیز ہاروٗن، نور محمد روشن، دینا ناتھ نادم تہٕ حبیب کامران، اکھ پتہٕ اکھ بروٚنٹھ ۱۹۴۸ سنہٕ پیٹھے لیکھان آسی، مگر ۱۹۵۵ء اوس یُمہِ رنگہٕ خوش قسمتھ وٚری زاٹھ وٚری یس منز سپدی کاشرِ زبانٕ تم افسانہٕ نگار حاصل یِہندی تخلیق سانہِ ادبُچ شوٗب ہٮ۪نھ واریاہس کالس کاروانچ وُتہٕ ہُشکاوان روٗدی ۔

ہنارِ بتھ دِتھ بِرٕ اُسہِ لحظس اُکِس سوٚنچُن زِ اتھ دِمس نام کیاہ کیاہ سپُد حاصل ۔

ہیانہِ خیالہٕ پراوی یِم کینہہ اہم منزِل ۔

(ا) کٲشرِ ہِندی لوٗکھ چھنہٕ محض لوٗکہ ہوٚنہٕ بلکہ اکھ منضبط قوم یتھ پنُن پرمراتہٕ کلچر چھُ ۔

(ب) کٲشرِ ہُند کلچر چھُ زندٕ تہٕ متحرک تہٕ اتھ چھِ اظہارٕ کۍ پیمانہٕ الگ تہٕ پنُن یِم مذہبی تحریکو، سماجی وو ٹھ زھانٕ، سیاسی جِدو جہد و تہٕ لسنہٕ بسنہٕ کیو خاص طریقو وجوٗدس اٲنی متۍ چھِ ۔

(ج) کأشرِ قومکہِ ثقافتی وۄتھ بۄوُک اَسپہٕ چھُ سرینگر ییٚس سارنی قومی تحریکن ہُند آگُر چھُ، نہ زِ لاہور، بمبئی یا دہلی۔

تہٕ (د) کأشرس منضبط تہٕ متحرک تۄمس چھیہ پننہِ آشہِ تہٕ ووٚمید، پننۍ ارمان اۄرزو، پننۍ جذبات تہٕ خیالاتھ پیش کرنہٕ خأطرٕ تہٕ پننۍ تخلیقی تجربہٕ باوُنہٕ باپتھ اکھ وسیع، مکمل تہٕ مالدار زبان۔ تہٕ یہٕ ہیٚے اکھ زبان ہیٚکہِ امہِ قومُک ترجمان آسِتھ تہٕ بنیِتھ نہ کانہہ۔

۱۹۵۵ؑ برونٹھ یہ کینژھا افسانہٕ رنگ لیکھنہٕ آو، تہِ زن آسہِ نہ تخلیقی کارنامہ مگر یہ چھُ تمہِ کے قأمِل تہٕ برکتھ زِ ۱۹۵۵ؑ منز تہٕ اتھ اندۍ پکھۍ لُس تہٕ کأشُر افسانہٕ نگار پأدٕ سپُد تمہِ کوٚر اعتماد حأصل گوڑ کالہٕ کین ادمین نشی۔ گوڈ کال کہو اد یوٚہو وز کأشُر زبأنی چھُ نثری تخلیقن ہُند بار وستار اونک بتر تہٕ سماجس منز کردارن ہندس زندگی کرنس منز چھُ سہ ڈراما لس ادبی تخلیقن ہُند رُوح بنیتھ ہیٚکہٕ۔

۱۹۵۵ؑ منز تہٕ امہِ پتہٕ لُس اکھ کاروان افسانہٕ نگارن ہُند پأدٕ سپُد تہندی تخلیق چھِ دراصل میانہٕ یمہِ مضمونُک موضوع۔ میہٕ ووٚن گوڈے زِ افسانہٕ چھُ تیٚتھ اکھ صنفِ ادب یُتھ پننۍ لوازم چھِ تہٕ یم لوازم چھِ ازٕ ابتدا پیٚٹھ جایہ ملحوظ تھاونہٕ آمتۍ۔ یم لوازم چھِ کأشرِ افسانہٕ نگارو، اد یوٚناج بیگم رینزِ واسی تن، غلام نبی بابا، ہردے کول بھارتی، ہری کرشن کول یا شمس الدین شمیم آسی تن، تہٕ ملحوظ تھاوِ متۍ۔ تہٕ اتھ پابند صنفس منز یوس فنکارانہٕ تہٕ تخلیقی نفادتھ، اوسلوبس منز، بیانس منز، TREATMENT تہٕ APPROACH منز، ہیٚکہٕ پأدٕ سپدِتھ سو چھیہ کأشرن افسانن منز تہٕ امیش کولٕن رنگ ہیٚکہٕ نہٕ زِ نیہے بنسی نردوش نس رنگس یا فاروق مسعودی ہندس رنگس عہ سۍ CONFUSE سپدِتھ۔ رتن لال شانتن تہٕ ہری کرشن کولٕن رنگ چھُ اکھ اَکس نشہِ تیوٚتھ بدۄن زِ اسی ہیکو کہ یم افسانہٕ مصنف سند ناد پرنے بغیر گدھ حالانکہ دوشوے چھِ افسانہٕ کۍ بنیادی ڈانچکۍ قأیل۔

لۄتے یوت نہٕ بلکہِ کأشرس افسانس منز سپدی تِتھ کردارتہٕ تخلیق یمن مازٕ اڈرج تہٕ رنگ روٗپ یونیورسل چھُ مگر پأدٕ ہیکہ ہن صرف کشیرِ ہندِس یتہٕ نس قومی کلچرس منز سپدِتھ۔ کوٚکر جنگ

افسانیٚ شاہ مال، یوس خاص اندازٕ چھہ رٕ تہٕ دٔول پرنان چھیٚ، تہٕ کٔنہ منز کنہٕ واجہٕ نٔٹر ناوان چھیٚ۔ یمہ پتہٕ کوکرِ جاپہٕ بٔڑِ ہند کو کرٕ پیٹھٕ کھستھ دراصل اہندہ ہے، اگوہس جاپہٕ بٔڑِ ہنز شخصیژ ہند حملہٕ نسپدان چھُ، ہیکہٕ ہاپہٕ کٔشیرِ ہبرِ تہٕ کٔشیرِ منز آشنہٕ ہند بلوز ژٹھ وچھ ژیٹھ، مأژ سند جچِرِ دام دام دِوان خاص اندازٕ ماتمکھ اظہار کرُن تہٕ آشناو بایہٕ ہند مور دس چندن بیتر ژھانڈ دِنی ——— یہ سورُے ماحول چھُ یمی میٚنژِ ہنزٕ آڈرنہٕ۔ گُلہٕ بدماش، بڑلیٚس واتُل، اشم، نور کمال، محمد تلہٕ وونی تہٕ ہتہٕ بدی پتھی کردار تہٕ بے شمار SITUATIONS ہیکہٕ ہٕن نہٕ اُسی تھی اگر نہٕ کٔشیرِ منز ادبی تحریک آسہ ہا۔

یہ چھُس نہٕ ونان زِ یہٕ کٔشیرِ ہاونیک تام کاشر یاٹھو افسانہٕ لیکھنہٕ آو، تہٕ چھُ سورُے عالمی معیارک تہٕ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ زبانی ہند خاطرٕ ممکن۔ یہ چھُسنہٕ یہ تہٕ ونان زِ کانسہ اکی افسانہٕ نگارن کیاہ لیوکھ یرِ تھ کانہہ افسانہٕ نٕس عالمی ادبس اضافہٕ اوس تہٕ تہٕ چھُنہٕ زٕہ ہس ممکن۔ اماپہٕ چھیٚ ٹاکارٕ حقیقتھ زِ کاشر لو افسانہٕ نگار وکوز پرِ خو لوٚص تہٕ ایماندارانہٕ اظہار تمن تجربن ہند یم یمن یہٕ نٕس کلچر وِ حالس منز اکہٕ خاص وقتہٕ حاصل سپدی۔ تہٕ اُتھ عوض اگر یم یتھ دوٚرس منز اکُے افسانہٕ تیتھ تخلیق ہیکن کٔرِتھ تس عالمہٕ کین ادبی ایوان تحریرٕ پچ فرحتھ بخشہٕ، سوے چھیٚ بڈ کامیابی۔ کاشرِ افسانچہٕ پرلو چھیٚ ووِنی کٔشیرِ نبر تہٕ گاہے گاہے پیوان۔ ملکہٕ چن مختلف زبانن منز چھِ ترجمہٕ سپدان۔ اکھ زٕ چھِ میٚہ تیتھی تہٕ نظرِ تل یم ملکہٕ نبر تہٕ چھپییہ۔

" دریایہٕ ہند ایزار " افسانس متلق آدیہ تہٕ ونہٕ زِ

THIS IS A POEM OF LOVE - ETERNAL AND DESERVES TO BE INCLUDED IN THE WORLD ANTHOLOGY OF SHOT STORY

یاژس" افسانس متلق آیہ راے دِنہٕ زِ یتہٕ مین پانژن وٚرین منز ہندستانی زبانن منز لیکھنہٕ آمتین افسانن منز چھُ یہ افسانہٕ سرس "

مگر یمن مثالن تہٕ ہیکو نہٕ تحریرٕ چ فرحتھ بخشن واجنہٕ مثالہٕ وٕنتھ۔ ممکن چھُ تہٕ میٚہ چھیٚ وومید آیندہٕ ہیکہٕ تیتھ کانہہ افسانہٕ نگار یادٕ سپدِتھ یُس باصلاحیتھ آسہ تہٕ تس آسہِ آزادی موسیر

یَتھ منز ٚ سٕہ عظیم اَدب پارن زنم دِیہ۔
میہ ووٚن گوڈے۔ زِ کاشرِس افسانس منز چھیہٕ رنگا رنگی تہٕ وُسعتھ۔ امیُک بوٚڈ ہیوٗ وجہ چھُ زِ یِتھ میوٗ تر ہوٚ وٚری لوٚ بیٹھہ چھُ ادبی تحریکہِ ہُند مرکز سرینگرے لوت۔ ضوٗرۍ تھ چھُ زِ بھدر رواہ بیٹھہ گریز تام تہٕ کرگل ہیتھ گرٕ ہن مختلف مرکز پاٹھہ بیتہِ اِتحادٕ سان تہٕ بادٕ لِقار پاٹھی تخلیق ادب سَپدِ تیلی ہیکن ساٚنِس اَدبس تِم ساری اوصاف پاٚدٕ سَپدِتھ یِم اکہ قومی ادبہ خاطرٕ ضوٗرۍ ری چھِ مگر ونیک تام ہیوکھنہٕ یہِ سَپدِتھ تہٕ نہ چھُ یہِ تَو تام ممکن یوٚ تام نہٕ اَسی لوٚری شبالِن ہندِن لفظن منز آزاد سَپدَو۔

THERE CAN BE NO FREEDOM IF THE INDIVIDUAL CANNOT GET EDUCATION THROUGH THE MEDIUM OF HIS NATIVE TONGUE OR CANNOT ASSIMILATE THE RICHES OF HIS NATURAL CULTURE.

افسوس زِ اَسی چھِ نامراد تہٕ بے شعوٗر سیاسَتھ کارن ہِندی غولام۔

# کاشُر افسانہٕ

## ۱۹۴۷ءٕ پیٹھہٕ ۱۹۶۵ءٕ یَس تام

ہردے کول بھارتی

کاشرِ افسانچ وٲنس چھیٚیہ مسادوٕ یہِ ترٛیہہ ؤری تہٕ عالمچن مختلف زبانن ہُند افسانوی ادب نظرِ تَل تھاؤتھ چھُ امِہ حسابہٕ کاشُر افسانہٕ سٹھاہ کوٚنٛش۔ یوٚزکوٚنٛس آسنہٕ باوجوٗد تہِ یمِ ارتقایی مَنزِلہٕ امی اَتھ موختصر وقتس منز طے کٔرۍ تہٕ یتھ مقامس پیٹھہٕ وُنی کیس کھڑا چھُ۔ سُہ وُچھتھ چھُ یہِ یقین کرُن ہنا مُشکل گژھان زِ یہِ کیاہ چھُ وُمبرِ لوٚت کاٹنہٕ کوٚٹ۔ تِتھ چھُ غالبن یہِ وجہہ زِ امیک سفر گوو نہٕ تہٕ پیٹھہٕ شوٗروٗع یتہٕ پیٹھہٕ مثالے اُردو یا ہندی افسانک شوٗروٗع گوو بٔلکہِ ترٛاوی اَمی گوڈٕ تِہ کینہہ مَنزِلہٕ تہٕ منز تہِ کٔرِن کینہہ دور BY PASS ۔ اتھ منز کانہہ شکھ چھُ نہٕ زِ سرسری طور اَمکِہ سفرچ سام ہینہٕ وزِ چھُ امیک یہِ ارتقایی عمل غٲر فطری باسان تہٕ مجلسن منز بحث زینہٕ خاطر پننہٕ ترکُ آسنگ ٹوٚلُوٚتھ تہِ دِوان۔ یوٚز بحث زینہٕ نچ کُلٔ اَک طرف ترٛاوِتھ ہرگاہ وُچھنہٕ ییہِ تیلہِ چھُ یہِ عمل فطری تہِ تہٕ حقیقی تہِ۔ تہِ زن گوو ہرگاہ یہِ کتھ تسلیم کٔرِتھ اَمِچ سام ہینہٕ ییہِ زِ اَدب چھُنہٕ سماجی سیاسی کیو اقتصادی حالاتوٚ نِشہِ الگ تھاوِتھ نہٕ وِچھنہٕ یِوان تہٕ نہٕ تخلیق سپدان ہرگاہ یہِ کتھ تسلیم کرنہٕ ییہِ زِ یہِ چھُ کلہُم معاشرُک اکھ لازمی حِصہٕ آسان تیلہِ باسہِ نہٕ کاشرِ افسانُک اِرتقایی عمل غٲر فطری تہٕ نہٕ غٲر حقیقی۔ سما جس کیو معاشرس ستیٚ امیک گوٚن رِشتہٕ چھُ ییمِہ اکِہ مثالہِ ستیٚ واضح سپدان زِ ییمِہ ساتہٕ اینسٹاین ریلٹوٹی ( RELATIVITY ، تھیوری پیٹھہٕ تحقیق اوس کران: بلکل تمی ساتہٕ اوس پیبلو پکاسو تہِ کیوبزمس ( CUBISM ) منز تجربہ کران۔

ٹھیک پٲٹھۍ متوازی رشتہٕ چھُ سائنس معاشی، معاشرتی کیو سماجی ارتقائی عملس تہٕ ادبس درمیان تہِ۔ تہِ گوو ییلہِ ملک آزاد سپُد تہٕ سائنسی تہٕ ٹیکنیکی ترقی سانہِ بقا خاطرٕ اکھ لازمی کتھ بنے یہ۔ اَسہِ پرارے پہٕ نہٕ کانسہِ مارکونی یا ایڈیسنہٕ سندس تھپنہٕ ہینس تہٕ نہ کوٚراَسہِ تَتہِ پیٹھہٕ ترقی یافتہٕ ملکو یہِ سفر شوٗروٗع اوس کوٚرمُت۔ بلکہ کٔرۍ اَسہِ ابتدائی تحقیق تہٕ تجربٕکۍ وار یاہ منزلہٕ BY PASS تہٕ شوٗروٗع کوٚر تمہِ مقامہٕ پیٹھہٕ یُس سانہِ ماحولہٕ مزاجہِ بیترِ تہٕ سماجی سیاسی کیو اقتصادی حالاتو موٗجُب مناسب اوس۔ چونکہِ ادب چھُ نہٕ زندگی ہِندلو سیو شولوٚنہِ کانہہ بدوٗن چیز اَوٚ موکھہٕ رۆد اَمِچہِ ترقی ہُند انہار تہِ کم وبیش پٲٹھۍ تہِ یہِ چھینہٕ نہٕ کانہہ ہیڈٕ ژلایکھ یا عاجٕچ کتھ۔ اَمہِ بیانُک گژھہٕ ہرگز تہِ یہِ مطلب کڈنہٕ یُن زِ صرف کیاہ سپُز نقالی یا یہِ زِ مضموٗن نگار کیا چھُ نقل نویسی ہِنز حمایتھ کران۔ بلکہ چھُ مدعا صرف یہِ کتھ کھر کرٕنۍ زِ سانہِ افسانوی ادبُک ارتقائی عمل نہٕ چھُ غٲر فطری تہٕ نہ غٲر حقیقی۔ بلکہ بابِہ یہِ تہِ صورتس منز پیزٕ پٲٹھۍ غٲر حقیقی ہرگاہ اَمہِ کس تہٕ زندگی ہِندٕن باقے شوبن ہِندِس ارتقائی عملس منز یتھہِ ہشر تہٕ متوازی رشتہٕ دریٹھۍ گژھہے نہٕ۔

کٲشُر افسانہٕ آو آزادی حاصل سپدنہٕ پتے تمہِ سانہٕ وۄجوٗدس منز ییلہِ ملکس منز مختلف سیاسی جماژ ونکھہٕ پکھہٕ وہراونہٕ خاطرٕ پننۍ دُکان تَوِسر چمکاونۍ اَسۍ ہیتۍ متۍ۔ کھوورٕ درجہٕ پائی آسہٕ زیادٕ منظم تہٕ ملکچہِ ثقافتی کیو تمدنی زندگی منز تہِ اوس مختلف اَنجمنو کیو تنظیمو ذریعہ یہِ ہُند اَثر سیٹھاہ وُسی تہٕ زوردار۔ یہِ اوس سُہ دور ییلہِ ملکی پیمانس پیٹھہٕ کُنۍ منظم ادبی تحریک نظرِ آس گژھان تہٕ سوہ گٔییہ یہِ ترقی پسند تحریک۔ سانِس ریاستس منز تہِ یمو بزرگ اَدیبو ضرورچ کمی موحسوس کٔرِ تھ کٲشِرِ پٲٹھۍ افسانہٕ لیکھنُک دُسلابہٕ کوٚر تمِ تہِ اَسۍ سیدہِ سیوٚد یادرگہٕ اَتھ سیاسی تحریکہِ سٍتۍ وابستہٕ۔ چنانچہِ سپُد کٲشرِ افسانُک آغاز تہِ ترقی پسند تحریکہِ سٍتۍ۔

گوڈنیُک افسانہٕ یُس چھاپ سپدِ تھ لوکن بروٚنٹھہٕ کنہِ آو اوس شری دینا ناتھ نادم سُند "جوابی کارڈ" اَتھ سٍتۍ سپُد شری سوٗمناتھ زتشی سُند افسانہٕ "ییلہِ پھوٚل گاش" تہِ شایع۔ بلکہِ چھینہٕ یتھ مُلق متضاد رایہ کٲشرِس افسانس لوٚگہٕ جوابی کارڈ سٍتۍ کُن کنہٕ "ییلہِ پھوٚل گاش" سٍتۍ کینژن بزرگ

اَدیبن ہندونٛ چھُ زِ گوڈٕ آو "یَیلہِ پھوٚل گاش" لیکھنہٕ مگر چھاپ سپُد گوڈٕ "جوٲبی کارڈ" تہٕ (اَتھ تحریکہٕ ستی وابستہٕ) کینژن بُزرگن ہنز رٲے چھےٚ اَتھ مختلف۔

" قومی کلچرل کانگرٕسکس ۲۵ فروری ۱۹۵۰ءکس ادبی جلسس منز آو گوڈنیک کٲشُر افسانہٕ پَرنہٕ۔ ناواوُسس "یَیلہِ پھوٚل گاش" تہٕ افسانہٕ نگار اوس سوٚم ناتھ زتشی"۔

(اَزنیک کٲشُر افسانہٕ اگست ۶۷۔ کینژھا افسانس متلق "اَمین کٲمل) اَتھ مقابلہٕ چھےٚ بیاکھ رٲے یہٕ زِ۔

"..... ۱۹۵۰ءہس کنہٕ ہیوٚ لیوٚکھ دیناناتھ نادمن "جوٲبی کارڈ" ناوٕک گوڈنیک افسانہٕ....... تہٕ یوٚہے چھُ کٲشرِ افسانُک موٚلادار......"

ساریکا آدہِ کتھا و شیش انک ۱۹۷۲ اومکار کاچرو۔)

بہرحال یہٕ بحث اَکھ طرف ترٲوِتھ چھےٚ یہٕ کتھ سپٕکہٕ زِ کٲشرِ افسانُک آغاز سپُد ترقی پسند تحریکہٕ پیٹھٕ تہٕ اَمی کرٕ رُتم معیار کیو میزان کنہٕ پس وپیشہٕ یا مُشکلہٕ بغٲر قبوٗل یِم اَمہٕ تحریکہٕ خاطرٕ لازمی ٲسۍ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ اَمہٕ دورٕکہ کم و بیش سٲری افسانہٕ چھِ تہٕ تِمو افسانو نِشہٕ کینہہ خاص مختلف یِم اَتھ تحریکہٕ تحت مُلکہٕ کین مختلف حصن منز مختلف زبانن اندر اَتھ دورس منز لیکھنہٕ آیہِ۔ بلکہ چھِ کنہٕ جایہ خارٲنی ہندس حدس تام پراگرافن ہندی پراگراف ہوی اکی اَتہٕ مانہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ مثالے:۔

".. .. .. .. ریتہٕ کوال سورُنے چھُ اَتھ (کولہٕ) آب رٲسی زن گرٕشان تہٕ گٲمی گامس آپہٕ کامن گرٕشان۔ توے چھےٚ گاش پھولنہٕ پیٹھٕ اُڈراتن تام آبس منگ آسان.....

...... ازتہٕ اوس گٲمی گام آپہٕ دادٕ ژٕستھ آمٕت......"

(افسانہٕ "رے" دیناناتھ نادم۔ جلے ۱۹۵۰)

تہٕ

"...... گامکین بسکینن اوس اَکھ زٕ دہہ بروٚنہہ خوف زِ خوشکی مار گوٚنڈھ نہٕ سپدُن...

"..... پہاڑٕی نالہٕ یُس گامکِس دال کھٔہن سگ اوس دِوان اوس دانہٕ پٮ۪پیہٕ بڑوٕنہٕ ہوکھٕمت یٮ۪یمہٕ کِنہٕ گاہکٕی لوٗکھ اٰسی ہر روزٕ ڈٔکہٕ ژٕکھرِتھ آسان ......"

( تامِل افسانہٕ "ہالو" مصنف راج رتنم ۔ ۱۹۵۰ )

واقاتن تہٕ یِہندِس بیانس منٛز اٲمہٕ ہشرُک سبب بنیکہٕ نہٕ محض ہوٕی حالاتھ اٲسِتھ ہیکیازٕ حالاتھ ہوٕ دٲسِتھ بلکہ گٕنی اٲسِتھ تہٕ چھُہ فردٕ سُندیا افسانہٕ لگارٕ سُند ردِ عمل انفرادی آسان تہٕ ظاہر کتھا چھیہٕ زِیٛلیہِ ردِ عمل انفرادی آسہِ بیان تہِ آسہِ امی اپنہٕ مانہٕ ۔ بلکہ چھُ اٲمہِ یکسانیتُک وجہ یہِ باسان زِ اتھ تحریکہٕ تحت یہِ کینٛژھا تخلیق سُپد تہٕ سُپد اکِس فارمولاہس تحت تہٕ فارمولا باسے کُنہِ تہِ جایہٕ ییٚتِن ورتاونہٕ نتیجہِ آسن ہوٕی ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ اَمہِ دورٕکین افسانن ہنٛز فکری سطح چھیہٕ ہشی تہٕ موضوعٕک اعتبارٕ تہِ چھیہٕ یمن منٛز خاص کانہہ رنگارنٛگی نظرِ گژھان ۔ البتہٕ اٲس صرف لیکھن والیٚن ہنٛز ہوٗنر (CRAFT) کُنہِ افسانس مقابلتن زیادٕ ہیٚر یہِ وُن یاسہٕ وُن بناوان مثالے ، اخترٕ محی الدین سند "کولہٕ وان" ناوکہِ افسانُک زٕحمہٕ چھُہ نہٕ دیناناتھ نادم ہٕسند افسانہٕ "شٮ۪پنہٕ پٮ۪توپٮ۪توکہٕ" "بہٕ" کردارٕ لِسہٕ خاص کیہنہ مختلف ۔ دوٚشوٕے چھہِ اکی سے فارمولاہس تحت گرنہٕ آمتہِ ۔ اَوٕکِنہٕ چھُہ دوٚشوٕنی ہنٛز زندگی ہُند کرٕکھرٕ سیٚختی تہٕ دوٚکھ دود ہوٗے ۔ دوٚشوٕنی چھیہٕ ہٕنٛز پننہِ ذاتھ لُٹِشرنہٕ آمژ اَوے چھُہ دوٚشوٕنی ہُند نفسیاتی وٕجود تہِ مصنوٗعی ۔ لوٗزٕ نادم صابنہٕ ہونرمندی ( CRAFTSMANSHIP) چھ اَمس تھٕی جایہٕ وٲلِمتٕہٕ زِ یہِ چھُ مقابلتن زیادٕ CREDIBLE بٔڑیہِ وُن تہٕ سیٚنہٕ وُن باسان۔

"..... بہٕ اوسُس نہٕ تُسندِ مرِن سوٗری تھٕے ہیکان ، تہٕ اوٚتے تام وٲتِتھ اوسُس بہٕ بدل کیہنہ یاد پاوان ۔ شایدسہٕ دوہ ییٚلہِ بہٕ گوڈٕ نیٚتھے بیٚنِس ماسِس ستی شہرٕ وٕژھوس ۔ تِمن دوہن اوس شہرٕ دوٚیُم "مارشل" چلان تہٕ لوٗکن اٲسی نمایشی منٛز ٹکٹکی کھالِتھ رتہٕ داوی کران ۔ تہٕ کتھہ کنی رٕچایکھ اٲسی گاوکٕدِس نکھہٕ تہٕ پکناوے یکھ یٚدٕ ستی ۔ میہٕ اٲس ماجہ مکایہِ ژوٕچہٕ مَن دِرژمرٕ یوٗسہٕ میہٕ نالس گنٛڈِتھ اٲس تہٕ ییٚلہِ یٚڈ کھوٚکھجہِ لکان سوٗ آیم مرٕزنہٕ ۔ میہٕ دِژا یہٕ تھٕ چھُہ مگر پیٹھے آیاو اکھ بوٚندوٗقی تہٕ تمہِ ژھٕنیانم بوٚندوقہٕ ٹاس اکِس ۔ میہٕ چھُ وُنہِ تِمیک اکھ ڈٕھیِنس چھاپنِس ۔ بہٕ یاد پیٚتھ اوسُس

بہ حَل حَل اَتھ کڈان تہٕ اتھ تمی مایہ لبوان یمہٕ مایہ گاوچھیہٕ وٕرچھس تھنہٕ پیٹھ تن بھیشان .....؟

(افسانہٕ شیٖنہٕ پیتو پیتو۔ مصنف دینا ناتھ نادم۔ چھاپ جنوری ۱۹۵۲ء)

یہٕ بیانہٕ چھُ فارمولائی آسنہٕ تہٕ سَنہٕ وُن تہٕ اتھ مقابلہٕ پیٖلہٕ آسی کولہٕ وانگ" رحمہٕ چھِن وُچھان سُہ چھُ امی فارمولاہک پاٗداوار آسنہٕ باوُجوٗد تہٕ سطحاہ سطحی تہٕ سَرسَری باسان۔ گو وتسندی حاری ناتھ چھِنہٕ "شیٖنہٕ پیتو پیتو کہ" بہٕ" کردارنٕہ خاص کیہنہ بیون۔ ہمِس اگر مکایہ ژوٹ والیس حاصل کرنس پیٹھ بوندوقی اتھہ زخمی چھُ کران، ہیٖمِس چھُ وُشکہٕ ژوچہٕ ہُندا بھاو بے ہوش کران۔ ہٕہ اگر مار شلنگ شکار چھُ یہ چھُ جاگیرداری تہٕ چکداری ہُند۔ پوٗز نادم صابنہٕ ہونر چھِیہٕ شیٖنہٕ پیتو پیتو ہس امہٕ دور مکھ اکھ نمائندہ افسانہٕ بناوان تہٕ اتھ بر عکس چھُ ارجن دیو مجبورٕسُند "کولہٕ وان" امہٕ ہونرہنز کمی موکھ فارمولاہک مساخاکہٕ باسان۔ بلکُل یہے فرق چھِیہٕ عبدل عزیزہ ہارونہٕ سندِس افسانہٕ "زوٗن" (چھاپ ۱۹۵۱) تہٕ علی محمد لونہٕ سندِس "یِم لوکھ" ناوکس افسانس درمیان تہٕ تہٕ نور محمد بٹہٕ سندس "ژورناوکس افسانس تہٕ صوفی غلام محمد سندس افسانہٕ "ژہٕ ژورس" درمیان تہٕ۔

گو و ۵۵-۱۹۵۴ہس تام اُس ترقی پسند تحریک ژھوکنہٕ ہیٖژمژ مگر HANGOVER اوس وُنہٕ باقے، اوٗت تام یِم افسانہٕ اتھ تحریکہٕ تحت لیکھنہٕ آیہٕ تِم ہیکوکھ آسی دوٗن حصن منز تقسیم کرِتھ۔ اکھ تِم یِم کھلی ذہنیٖژ (HERD - MENTALITY) تحت لیکھنہٕ آیہٕ تہٕ دوٚیِم تِم یِم ہیٚو فارمولایی موضوع آسنہٕ باوُجوٗد تہٕ فنی اعتبارٕ مکمل افسانہٕ چھِ۔ یوٚہے دوٚیِم ہیٚو قسم چھُ سانہٕ اَزکہٕ افسانُک مولادار۔

کاشر افسانُک یہ پڑاو اوس سطحاہ نوزکھ تہٕ اہم لقول امین کامل۔ "اشتراکی انقلاب پسند نوجوانن تہٕ اوس کمی تام ذہنی ژوٗرن اتھ ہیٚو ترووُمت تہٕ فرضی سماجس تہٕ کردارن منز نیٖرن والبو اوس والیس پنٕن گراژن ہیٚو تمُت .....؟

(کینژھا افسانس متلق "شیرازٕ" ۱۹۶۷ء)

بہٕ اوس کاشرِ افسانُک عبوٗری دور تہٕ توے اوس ہنا کرزوٗٹھ تہٕ۔ کرزوٹھ آوکنہٕ زِ تِم ارزتھ

اُس یِہ ڈٲپِتھ زِ تہٕ ٲسنس برابر اوٚے بنیاو تہٕ پننہِ خاطرٕ بُنیادی کتھ وٕپھناوُنہٕ تہٕ کُنہِ حدس نام ضوٗرٕوری۔

"...... افسانس چھِ یوان زندگی منٛز ساسہ بدی حادثہٕ تہٕ واقعات پیش یِم حادثہٕ چھِ تراوان اَہندس ذہنس پیٹھ کانہہ نتہٕ کانہہ اثر..... مُتقی چھِ شرابی تہٕ زاری بنان۔ ستہٕ زورٕ چھُ لوڈ بار امانتھ داربنان......
مٕتہٕ شرٕ اوٚنہِ اکھ پٕژیا چلے کلانگ اکھ تیر گونڈ (تہٕ ہیکہِ افسانہٕ بنتھ)
..... یا شیٹھ ڈری شہٕ بجہٕ چھُ پنُن مہرنہٕ تون گالنسہ ہندِ ڈری یادِ ہیز ارٕ ستیٚ یاد پیوان۔ سو کیاہ چھیہ تمہ ساتہٕ سوچان یتہٕ ہیکہِ افسانکُ موضوع بنتھ..."
(افسانس متلق کینہہ بُنیادی کتھ از اختر محی الدین ۱۹۵۵ء)

سو چنکس اکھ اندازس ہیکو فنکہِ سفرچ سوٚ وَتھ یُس یدِ کڈنیچ کل وٕنتھ پیٚمیک کانہہ موڑ کانہہ پڑاو کانہہ دوٗر یا کانہہ منزل حتمی چھُنہٕ آسان۔

ترقی پسند تحریکہِ تہٕ کٕس اکھ دورس ہیکو اَسی کاشُرِ افسانوی ادبُک درمیانی دور تہٕ وٕنتھ۔ یہ چھیہ اکھ عجیب کتھاہ زِ اَمہِ دورکس آغازس ستیٚ ہیوٚت بیشتر پیش رَو افسانہٕ نگاروو یا نے سومناتھ زتشی، دینا ناتھ نادم، نور محمد روشن تہٕ عبدالعزیز ہارون افسانہٕ نگاری لنشہ لوب، شاید چھُ امیک اکھ وجہہ یہ تہٕ زِ یِم ہیکہٕ تہٕ پننہِ سیاسی آدرش فنہٕ لشہ الگ کٕرتھ پوز پہند لوب۔ ہنس ستیٚ سیدی اختر محی الدین، علی محمد لون، صوفی غلام محمد، امیش کول، امین کامل، ہردے کول بھارتی تہٕ اکھ کاروانس منٛز شامل۔ اکھ منٛز کانہہ شکھ چھُنہٕ زِ اکھ دورس ستیٚ وابستہ کینہہ افسانہٕ نگار تہٕ اَسی ترقی پسند تحریکہ ستیٚ وابستہ رُودی مگر دوٚی اوس کاشُر افسانہٕ نگار فارمولائی دورٕ لشہِ آزاد گٕژھتھ موضوع علاوہ اوٚسلوٗبس ہیتس تہٕ فکری پہلوٕہس پیٹھ انفرادی طور سوچنہ لوگمت۔
افسانہٕ نگارو ہنز فکری سطح تہٕ باوتھ کرنُک فن کتھ معیارس پیٹھ اوس اَمہِ ساتہٕ امیک انداز چھُ اختر محی الدینٕ سُنٛدی ہندیو افسانو ستیٚ [illegible]

حاصل چھِیہٕ۔ اَمہِ دورٕکۍ افسانہٕ چھِنہٕ ترقی پسند تحریکہِ دوران لیکھنہٕ آمتین افسانن ہِندی پاٹھۍ یکرنگی۔
اَمہِ دورٕکین افسانن منٛز چھُ گوڈنکہِ پھِرِ یہِ اِحساس گژھان زِ کاشُر افسانہٕ نگار چھُ زندگی ہنٛز۔ تمہِ گرمی
ہنٛز کتھ کران یوسہٕ تیسند اَندرٕ بکہِ خاطرٕ تہٕ تیٚژرے ضوٚروٗری چھیہٕ یِتھ ذاتہٕ کرٕ لقاغاطٕ چھیہٕ سُہ چھُنہٕ
کھوکھر لوٚہ نارٕ وستیہِ انقلابکۍ شاٗی تارکھ ہاوِنۍ کوٗشِش کران بلکہ ذاتُک دود تہٕ دوٚکھ سوٚکھ پننِس
اَندرٕ پکھِس منٛز بدکٕڈِتھ کینژھا یہِ دور کران تہٕ کینژھا دوا ژھانڈان گوڈنکہِ پھِر چھُ باسان زِ افسانہٕ
نگارتہٕ چھُ انسانہٕ تہٕ تیسند رٗوپ چھُنہٕ وِہ زمیک گاش بلکہ سُہ PHEN°MENON یتھ گاش
تہٕ پنُن چھُ تہٕ اَنہٕ گٹہٕ تہٕ تاپھ تہٕ پَنُن چھُ تہٕ شہل تہٕ۔

"..... کیٚژ لٔڈِ وُچھ راجن بھوشنہٕ تہٕ پریتھ لٔڈِ ژِ ترٕ اَمہِ تیٚسندِس
بُتھِس پیٹھ اکھ عجیب اَشن تہٕ نظرن منٛز اکھ عجیب سرٕیہہ۔ زنتہٕ اوس
تمِس دِیَن اُسان اُسان کُستام شاپھ دِیت مُت زنتہٕ اوس سُہ ییٚژھان
اَمِس کیاہ تام وَنُن ....... "چانٛزِ کنٛی چھُ زندگی منٛز اَکِہ سے جایہِ
واتُن تہٕ یِہے چھُے باسان سیٚزٕ تہٕ ژھوٚٹ وَتھ۔ مگر زندگی منٛز چھیہٕ کانہہ کانہہ
سیٚزٕ وَتھ کُنہِ کُنہِ لوٚٹان تہٕ۔ یہِ یُس سہلاب باسان لَتہٕ موٚنجہِ کوٗرُم سُہ
آسان گومُت کُنہِ کُنہِ سٔری پیٚٹھ ....."

(افسانہٕ "اَڈٕرے کتھ" اُمیش کول۔ چھاپ سنہ ۱۹۵۵)

بھوشنہٕ اَسنک "شاپھ" چھُ افسانہٕ نِگارس پنُن "شاپھ" تہٕ وٕجوٗدکِس اَنس منٛز اَندرٕ بکھ پیٚیکھ
وٕلِسۍ گومُت اکھ ژیوٗہ۔ زندگی ہنٛز "ژھوچہٕ وَتہٕ" ہُند برٛم چھُ ذاتُک خاب تہٕ "وتھ لوٚٹنُک" یا
"سہلاب سٔری" پیٚٹھ گژھنُک اِحساس چھُ اکھ ترٛژھ ژینہٕ دَن (بلکہ ژِتناتہٕ) یوسہٕ ذاتی تجربک
دِیت یا حاصِل چھُ۔ یوٚہَے وجہ چھُ زِ باوتھ کرنکھ انداز تہٕ چھُ فطری۔ ذاتچہٕ ژِتنایہٕ ہنٛز باوتھ کرنکۍ
اَمۍ اندازن دِژ کاشرس افسانس اکھ ترٛژھ پرٕژ تہٕ صحتمند پیرمیرا۔ یتھ پیٹھ اَزکہ نہٕ گژھِہ
اَزِکہ افسانہٕ چ مندوٗرکھ اچھیہٕ۔ تہٕ یہِ تسلیم کرنس منٛز نہٕ گژھِہ اَزکِس افسانہٕ نگارس تہٕ نہٕ

نقادس کانہہ گال باسنہٕ۔ اختر محی الدینن، "میٚہ تہٕ توگ نہٕ کیہنہ"، "تہٕ ڈٕری بایہٕ ہٕندیٚ سزا رٕ" علی محمد لونن۔
"سیم لوکھ" امین کاملن "لوٚو تاوان" تہٕ "کوکر جنگ" ہی افسانہٕ چھہٕ امہٕ دورکۍ نمایندہٕ افسانہٕ۔ ممکن چھہٕ زِ
وُنی کیٚن باسہٕ تمہٕ وقتہٕ کِس اختر سُند موضوع تہٕ شوٗد بیانیہ انداز تہٕ کاملہ سنٛز ترٛجیح لفظٕ ژارٕ رٕ اکھ فطری تہٕ عام
کتھاہ، لون صابُن اوسلوٗب تہٕ امیشن فکری انداز اکھ سیٚز تہٕ سادٕ عمل مگر یوٚہے باسُن ییلہٕ وُہ
پنٛز وٕری یہٕ پیٚٹھ کُن ژھال نیتھ کھوٚجہٕ کھالان چھین، تیلہٕ چھُ یہٕ "باسُن" غلط ثابتھ سپدان تہٕ یمہٕ کتھہٕ
ہُندٕ شہی اندازٕ سپدان یمن فن پارن کانٛزٕ اہمیتھ چھیٚہٕ حاصل۔

تقریبن ۱۹۵۹ء پتہٕ تام رُود کاشر افسانہٕ یمہٕ نیٚ شیٚن اُدبین اَندی اَندی پھیران
تہٕ درمیانی دورکِس آخرس کنہٕ ہیوٚ سپدی اکھ کاروانس منٛز۔ کیہنہ نوٚی اُدیب شامل تہٕ کینٛہہ وِیرا نہوٚ
سفر درٛاوٕ وہیوٚت لوٚب۔ نوین ناون منٛز چھہٕ خاص طور بنسی نردوش، اوتار کرشن رہبر ڈاکٹر شنکر
رینہٕ عباس تابش غلام نبی بابا تہٕ چھیکرس فاروق مسعودی قابلِ ذکر۔ یِم نوٚی اُدیب آسٕ نہٕ بلکل تہٕ کنہٕ
سیاسی یا ادبی تحریکہٕ نِشہٕ جواب دِہہ اُوموکھہ اُسہٕ تہنٛز ذاتی سوٗمبرن تہٕ ذاتُک ژینٛنٕے ہٕندین
افسانن ہُندین وٕونن، یہٕ اوس امہٕ وقتُک نوٚبر تہٕ جدید افسانُک گوڈٕلیُن تمہٕ وقتہٕ کیٚو کینٛژو
نقادو رد کوٚر تہٕ کینٛژو قوبوٗل کوٚر۔ اوتار کرشن رہبر سُند افسانوی مجموعہ "توبرکھ" تہٕ کوٚر بیشتر روایتھ
پرستو تمہٕ وقتہٕ یہٕ وٕنتھ رد زِ اتھ منٛز شامل تمام افسانہٕ چھہٕ محض خاکہٕ۔ غالبن چھُ امیُک اکھ
وجہہ یتہٕ زِ یمن منٛز اوسنہٕ تہٕ کینٛژھا یِمیچ اوٚت تام لوزن وٲلس، پرن وٲلس یا نقادس
حال ہش گامژ اُس تہٕ یہٕ جادی مانکل پھٹ تمہٕ ساتہٕ مکمل پاٹھی ییلہٕ اختر محی الدینہٕ سُند افسانہٕ
"آدم چھُ عجب ذاتھ" چھاپ سپُد۔ گوویتھ پاٹھی چاکہٕ رکھ ترٛاوتھ بنہٕ بندی کرٕنی چھیٚنہٕ ہنی۔
یوٚز مطلب چھُ صرف یہٕ زِ اتہٕ بیٹھہٕ چھیہٕ سوٗ نوٚنہہ ٹاکار پاٹھی درٛینٛٹھی گژھان یِمہٕ نہجہٕ اُزی کِس
افسانُس زنم دیُت۔ کتھ چھیہٕ یہے ۱۹۶۰ء کہ دُہلکہٕ گوڈنکہٕ صحیح ہش ییلہٕ زن کاشُر افسانہٕ
مُلکہٕ کِس ادبی منظرس منٛز پنُن مقام حاصل کرنس اہل سپُد۔ امہٕ دورکین افسانن منٛز چھیہٕ
گوڈنیچ پھِر یہٕ کتھ نظر گژھان زِ لکھارٕ چھِ اوسنی، ہوٚ پاساں، ... ہیوٚ کانہہ تہٕ

ماڈل پالس برونہہ کنہِ تھاوِتھ افسانہٕ تخلیق کوٚرمت، بلکہ چھُ سہٕ پنٕنی ژیینہٕ ژٕتر نہٕ تہٕ توانگرہ موحب کتھہ ہنر باوتھ کران۔ پوٚت منظرس منٛز لکھاری سنز فکری سطح ڈکھ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ چھِ یم افسانہٕ موضوعٕ کیو اوٚسلوٗبہٕ حسابہٕ خانہٕ بٔندی لوٗلٕنہٕ آزاد باسان تہٕ ۱۹۶۰ ٔسمہٕ کہٕ ڈلکس اُترس کنہِ ہیو سپدی اُمکی یم نوٗقوٗش زیادٕ واضح تہٕ نوٗر گوو زیادٕ ژیینہٕ وُن یلہِ گھٹے تاپھ گیہے ’’شہل سٔیٹھاہ موموٗلی‘‘ تہٕ ’’شکست‘‘ بیترِ ہی افسانہٕ شایع سپدی۔ اٗتھی وقتس منٛز سپدی زِ ہیٚندی افسانہٕ نگار ہری کرشن کول تہٕ رتن لال شانت تہٕ اتھ کاروانس منٛز شامل۔ تکیازِ یم دوشوٗے آیہٕ ہیٚندی پیٹھہٕ کاشرس کُن اوکنہٕ رودٕ ہیٚندی افسانک دیت تہٕ یمن ستی تہٕ چھِ یاٗٹھی سپد کاشرِ افسانچہ زنگار نگی بلیہ ہِن تہٕ برٛزر۔

یہٕ اوس ۱۹۴۷ ٔسمہٕ پیٹھہٕ ۱۹۶۵-۶۶ء یس تام کاشرِ افسانک موخصر جائیزہٕ۔ گوو اردہ وٗرکہ یہٕ چھپہٕ کنہِ تہٕ فنکہِ پھاپھلنہٕ خاطر کانہہ ماتے تھوان۔ پوٚز کانہہ روایتھ یا پسِ منظر آسنہٕ ورأے ہم ارتقائی منزل سأنی افسانن اتھ موخصر وقتس منٛز طے کرٕ ی تمِچ مثال میلنی چھُ شاید ناممکن۔

# افسانُک فسانہ

## (مغربی تنوظُر تہٕ مشرقی ارتقا)

رتن لال شانت

### ۱:۔ چیخوف : جدید افسانہ

افسانہ چھُ مغربی ایجاد۔ نقاد چھِ گوڈنیُک افسانہ نگار ایڈگر ایلین
پوہس مانان۔ اَزیُک افسانہ گوو دراصل رۄسی لکھاری انتن چیخوفنہٕ (۱۹۰۴۔
۱۸۶۰ء) ہندِ بیٹھہِ شروع۔ یمیٚن افسانن منز دِژ اَمہِ شخصن گوڈنچہِ پھِر انسانی
واقعس اہمیتھ۔ اوتام اوس مغربی افسانن منز واقعہ INCIDENT
کردار CHARACTER تہٕ اتفاق COINCIDENCE اہم۔ کردار اوس
ضروری تہٕ غار ضروری بارس تل ڈٕبتھ گرٚتھ تہٕ ژٕرِتھ کتھ کران۔ امکانی
حالاتن منز مثالی زبانی اندر مثالی گفتگو کران۔ اَکس شریف NOBLE ماحولس
منز پرٛتھان۔ انسان آسِتھ اوس نہٕ تس انسانی وُشنیر۔ تسُند ماحول اوس انسانن
ہُند آسِتھ تہٕ فرشتن ہُند۔ چیخوفن دیُت اَتھ انسانی وُشنیرس تہٕ انسانی آسنس تہٕ موزوٗنین
ہُند ماحول بوٗرتس۔ یُتھ زِ وُہمہِ صدی ہندی تمام افسانہ نگار پیدی متاثر۔ پانہٕ ووٚنُن
"زِ افسانہ چھُ زندگی ہنز اکھ چھٹل" تہٕ افسانہٕ کین تعریفن ستی آیہ یہ "چھٹل" کافی شدومد
سان جوڑنہٕ۔ انگریزی افسانہ نگارن منز روٗٹ اَمیک سارِوے کھوتہٕ سرٛوٚن

اثر کتھ این مینسفیلڈ ۔ چیخوف پتہ دی پاٹھی اُس سو وہ داُسی یا موثر ماحول گرتھ ہیکان
مگر سیٹھہ کٔی چیخوف افسانہٕ "تعمیر" کرِتھ ہیکان اوس تہٕ افسانس اندر کانہہ کتھ کانہہ شیتچھ
باوان اوس مینسفیلڈ آسنہٕ ہیکان۔ چیخوفن دیُتمہٕ افسانہٕ کس پلاٹس پیٹھ زور تہٕ ماحول
وہ تلاوِتھ کرٕن اَتھ اَندر اَکھ نوٚ جہت پاُدٕ یُتھ زِ تسنٛد اکھ اکھ افسانہٕ چھُ باسان
زندگی ہندِس کُنہٕ نہٕ کُنہٕ پہلوٗہس پیٹھ رائے زٔنی کران۔ حقیقت چھےٚ تس اندر معنے خاطر
بنان تہٕ اَسہٕ ناوان اَہناوان اوٚش تہٕ اَنان، تمہٕ جذباتی اندازٕ تہٕ یمہٕ کُنہٕ تس بروٚنہہ یا تسندی کینہہ
ہم عصر افسانہٕ نویس اَنان آسی ٹاکہ وأنجہٕ زٕن کیٚنی دِوان۔

## ۲ :۔ کُنہٕ وُہم صدی : ہموار کِردار

چیخوفہٕ سُند اثر پیوٚو دُرٕس دُنیاکس افسانس پیٹھ۔ زندگی ہیٚرٕن
کُھر بوٗ تہٕ کھرونو حقیقتو سان پرٕتھ پچھےٚ تتھ ہے اندازس منز افسانن منز یِن۔ زندگی
تہٕ واقعہ آیہٕ تھٔرنہٕ بلکہ تہنٛد اندازٕ بیان تہٕ تموٚ منز ڈرامتی نتیجہ آیہٕ تھٔرنہٕ کوٗشش کرنہٕ۔
ڈیٚپو کلاسیکی پلاٹ کِردار نگأری بیترٕ گیہٕ کم اہم۔ افسانہٕ بنیوو بامقصد زندگیہٕ ہنٛز اکھ
بامقصد صنف۔ کُنہٕ دُہم صدی چھےٚ مغربی ادبس منز ناوِلہٕ ہنٛز صدی مانہٕ یوان۔
تِکیازِ اَمہٕ وقتہٕ گےٚ تِتہٕ ڈِکنس، تھیکرے، اِملی برانٹے تہٕ چارلٹ برانٹے، فلابیر، وکٹر
ہیوگو، والٹر سکاٹ، ٹالسٹائے، ترگینو، داستاوسکی ییٚس ہی ناولسٹ پأدٕ۔ یموٚ بوٚد
افسانہٕ خأطرٕ اکھ ماحول مگر ساری ناولسٹ آسی نہٕ افسانہٕ نگار تہٕ۔ یموٚ کرِٚ یاد روزنس
لایق کِردار پیش مگر کِردار آسی نہٕ وہ تلان تہٕ بدلان بلکہ عام پأٹھی گو ڈٕ پیٹھہ آخرس
تام ہموار روزان۔ یم آسی زندگی ہنٛز جانٛی تہٕ ناکأرگی، نیکی تہٕ بدی وکھنان۔ یہنٛدی
مکالمہٕ آسی گرِتھ تہٕ ترٕتھ زبأنی منز مخصوص اندازس منز پیش کران۔ کِردار آسی نمایندٕ
تہٕ واقعات تہٕ آسی نمایندٕ۔ اَمیک اثر پیوٚو افسانس پیٹھ یہ کہ ماپاسان، او ہینری ما

اِروِنگ تہٕ ٹالسٹاے ہیوٚو افسانہٕ نگار وِ تہٕ کٔرِ ٹایپ یا نُمایندٕ کردار پاداہ۔ عام پأٹھۍ آیہٕ
یکھارٕ پٔنِدۍ پننہٕ خیالات عقیدٕ تہٕ وہم پرٛن واتس تام واتہٕ ناونہٕ۔ یِمن عقیدن ہُنز واقعاتی اہمیت آیہٕ وکھناونہٕ۔
نفسیاتی ضرورت یا نفسیاتی ارتقائہٕ۔ کردار اوس تیٚتہٕ سماجی ورگک نُمایندٕ گرسہٕ اوسُنہٕ سماجی کشمکشہٕ ہُند نتیجہ تہٕ نہٕ
اوس اَتھ کشمکشس متعلق کانہہ شبہٕ رٔلے تھاوان۔ چیخوفن دِژ نہٕ پننہٕ کانہہ رلے بلکہ کشمکشہٕ
ہُند انسانی پہلوٗ دِرٛشھناوِتھ ہوٗون پانٕے زٔامیک شکار کُس چھُ گژھان تہٕ کیتھ پأٹھۍ۔

## ۳:۔ وُہم صدی: سائنسی تحریک

وُہمہٕ صدی ہندس فکشنس (ناولہٕ تہٕ افسانس) پیوٚو بلتہٕ علمن ہندی
پأٹھۍ نفسیاتک سماجیاتک تہٕ سوٚنچک اثر۔ فرائڈ، ایڈلر ینگ، مارکس، انگلو، ڈارون
بیترِ عالمو، محققو تہٕ سائنس دانو کیا ایجادات کٔرِ انسانی ظاہرس تہٕ باطنس متعلق تہٕ
دِرٛشھناونک ضرورت چھُنہٕ۔ یِمو ایجادو ستۍ پیوٚو انسانی زِندگی تمام اثر تہٕ ادب، کیتھ کٔنۍ
روزِہے بچتھ۔ انسان چھُنہٕ کُنہٕ خدائی زُرٛ ہُند پرتو بلکہ ٹہٕ تلہٕ اکھ حیوان۔ حیوانی جبلتن
تہٕ جبلتن ہُند گیوٚڈ، سُہ چھُ یتھ مخالف تہٕ ناروادینہس منز یتھ لڑان تہٕ یتیہٕ خامیہ دوٗر کرنٕچ
لگاتار کوشش کران۔ سُہ چھُنہٕ خود کفیل بلکہ اکہ جمالیاتی جِسمک اکھ انگ اکھ حصہ یانس
اندی اندی مخالف تہٕ ناموافق قدرتی طاقت وُچھتھ یِمن ستۍ لڑان، جمارٕژن منز روزان،
کھیلی جِسمک شکار سیدان، ورگہٕ لڑایہٕ اندر زٔراٹھ یا اَزٔانی پأٹھۍ حصہٕ نوان۔ لسندٕ یہٕ
کاینات چھُنہٕ کانہہ اَژھینۍ متواتر تصویر پیش کران بلکہ یہٕ چھےٚ یتِھ ماشکلن ہندی پأٹھۍ اکھ
اَکس ستۍ جُڈتھ رِتہٕ تہٕ بیوٚن بیوٚن رِتہٕ ..... یِم اَسۍ تِم خیال یِم جدید سوٚنچس پیٹھ وِز وِز
پیلیہٕ تہٕ باتہٕ ادیبن ہندی پأٹھۍ گوو فکشن لیکھن دول ناولسٹ، افسانہٕ نگار تہٕ متأثر۔
اَمہٕ ستۍ کھیوٚوادبن تیتھ، ولگتُ رُکنوٗہمہٕ صدیہ مقابلہٕ کرتھ چھُ وُہمہٕ صدیہ ہُند افسانوی یا
ناول ادب بدلے باسان۔ کُلہم پأٹھۍ گیہٕ یِمہٕ تبدیلیہ افسانس اندر یتھ کٔنۍ نموٗدار وِھنۍ

ہینتھ پٔتہٕ کرٕدارٕ اوکنہٕ گرنی زٕ آدرش تصویر گرٕتھ ہین پیش۔ چیخوفن ژھیوٚن بدلوٚ پٔتہٕ سماجک تہٕ سونچک لہجہٕ گوڈٕ نیتھے۔ تٔمندی افسانہٕ چھہٕ کرٕدارو کھوتہٕ کردارن ہندیس منظرس پٔتہٕ کنہٕ اہم۔ تِم چھہٕ تِمن تحریکن تہٕ وجوہاتن سام ہیوان یِم تِتھس ماحولس رنگ دِنس ذمہٕ دار چھہٕ۔

## ۴:۔ نوٚ حقیقت پسندی

ہیرِ کنہٕ وَنہٕ آمتین علمن اندر ترٕووو افسانس سارِوے کھوتہٕ زیادٕ اثر انسأنی نفسیاتن۔ حالانکہ امہٕ کنہٕ گوو انسأنی کردار یکدم فردٕ بنتھ ٹایپ رُود پٔتہٕ مگر یہٕ فرد رُود کنہٕ ہمہٕ صٔدی ہٕندِ نمائندگی ضرورتہٕ کھوتہٕ زیادٕ کران۔ جدید سماجہٕ چہٕ مادی ترقیہٕ ہٕندِ بے ضابطہٕ گیہٕ اڈبن ورگن ہٕندِ بے گنڈ ترقی تہٕ بیین ہٕندِ لگاتار زوالہٕ، اکہٕ متضاد مغربی سماجٕچ عکاسی رُودٕ یہٕ کران۔ مگر سائنسی طرزِ فکرن کوٚر امیک فن متأثر۔ وُہمہٕ صدی ہٕندِ آفاقی افسانہٕ چھہٕ ڈُلامی (بدلوٚنی) کردار پیش کران۔ یِم شروع کٔنہٕ تام گرٕتھان چھہٕ تہٕ ختم گرٕتھان کٔنہٕ تام غار امکأنی حالتہٕ منز۔ اُمی افسانن ہووٕ زِ انسان چھہٕ صرف وصفن ہٕندِ مجسمہٕ بلکہٕ اتضادن ہٕندِ دریاو۔ خاصکر مغربی ترقی یافتہٕ مگر اندرٕ رکھوکھر گرٕتھ وُن تہذیب تہٕ مشرقی پھاٹہٕ گومُت اماپوٚزٕ اندرٕ بوٚرٕتھ تہذیب اوس یِتھے تصویر پیش کران۔ انسأنی جبلتن ہٕندِ تصویر اُس یِتھے۔ دِماغ اوس غار ضروری ڈِٹیلن ہٕندِ آگرٕ یِہندِ عکاسی اَدبن کر۔ نفسیأتی گنڈٕ تہٕ کھری آیہٕ نفسیأتی فارمولاہو ذریعہٕ پیش کرنہٕ۔ بدل پیٚو حقیقت پسندی آیہٕ بارسس۔ انسان کیتھ کنہٕ چھہٕ بیروٗنی طاقتن ہٕندِ ردِ عمل ہاوان تہٕ زندگی گزاران تہٕ یِتی اندرٕ کیتھ کنہٕ چھہٕ تسند سونچ دریاوکی پاٹھی وگتھ کھیوان۔ اَسہٕ پٔزٕ نہٕ پتہٕ مشراوُن زِ یتھ صدیہٕ اندر پیدٕ ی یوٗرپس اندرٕ زٕ بڈٕ جنگہٕ یموٚ اَتہٕ لکن کیو مفکرن کم پھٹرٕ وو۔ اَمکی ردِ عمل پیدٕ ی زٕ۔ اکھ مایوٗسی گے طأری تہٕ ناول نگارن تہٕ افسانہٕ نگارن ہیوٚت بیتہٕ حالتہٕ ہٕندِ زوال پذیری ہٕندے ذکر کرُن۔ دوٚیم یہٕ زِ نوٚبن آسن تہٕ بدلے مِلتس سماجس متعلق ہیٚتن خاب وونہٕ پٔزٕ۔ مگر اکھ چیز اوس دوٚشونی

تہٕ این منز مُشترک۔ سُہ گوو یہِ زِ انسان ہوو کھ ہتی ہوٗنی کھیومُت۔

## ۵ :۔ وکھہِتہٕ زمانچہِ علامٕژ

اُتھی پس منظرس منز وُچھو وُہمہِ صدیہِ ہُند مغربی اَفسانہٕ۔ اَتھ اَندر چھِ کیہنہ
قابلِ ذکر اَدیب یوان۔ تِم گے جیمز جوایس ورجینیا وُلف، آلڈس ہکسلے، ڈی ایچ
لارنس، کیتھرائین این پورٹر، مارسل پرُوست، ولیم فاکنر، بورس پاسترناک، نکولاے
آسترادسکی میخایل شولوخوف، جان سٹاین بیک، فرانز کافکا، آلبیر کامو، ہیمنگوے بیتر
یِموکوٗر تیز بدلوٗن مغربی سماج تہٕ سماجی قدرن ہُند بدلوٗن روٗپ منقش۔ یہِ کتھ پزِ اَسہِ
یاد تھاوٕنی کہ کُنوُہمہِ صدیہِ ہنز ناولہِ ہُند عُروج تہٕ بجراوس یتھ زُوہمہِ صدی اندر تہٕ
روٗزا افسانہٕ کھوتہٕ ناولے سرس تہٕ ناولہِ ہُند مزاج سماجی آسنہٕ کِنی کوٗرا می صنفہٕ سماج تہٕ
فرد زیادٕ معتبر پاٹھی بیان۔ یُوہے وجہ چھُ زِ ہیٚر کنہٕ ذکر سید یِمن بیشتر لِکھارؠ چھِ گوڈٕ
ناولسٹ تہٕ اَدٕ افسانہٕ نِگار۔ یِہُند نُقطۂ نظر، اسلوٗب وغارٕ ہکو یِہنز و ناولوستی سٕر
کرِتھ۔ یِم گے مشہوٗر تہٕ پتھنو ناولوستی افسانوستی تہٕ۔ یہِ وَنُن چھُنہٕ غلط زِ وُہمہِ صدیہِ
اندر روٗدی نہٕ ادبی صنف مقابلتاً زیادٕ ترقی پراوان تہٕ تِم گےٚ ناول تہٕ ڈراما۔ افسانہٕ
تہٕ شاعری تہٕ روٗز تخلیق سپدان مگر زمانٕچ نمایندگی تہٕ کانسہٕ لِکھارؠ سِند تخلیقہٕ ہنز نمایندگی
چھنہٕ یاتہٕ تیمنز ناول کران تہٕ ڈراما۔ دِپان چھِ نا زِ افسانہٕ تہٕ اوٚک انگ ڈراما یا رکس
ینُک وجہ چھُ پرن والین فرصت نہٕ آسنہٕ۔ بجہ ناولہِ پرتہٕ یا بڈٕ ڈراما وُچھنُک تاپ نہٕ
آسُن۔ مگر سو کتھ آس ارداہمہِ تہٕ گوڈٕ کُنوُہمہِ صدیہِ منز ییلہ ناول نِگار کردارٕ ہند غارضروٗری
بیانہٕ تہٕ تفصیلاتو (DETAILS) سِتی ناولہِ بوٚج بڈٕ راوان آسی۔ وُہمہِ صدی ہنز ناول
چھنہٕ فرد سِنز تشریح کران بلکہ وکھہِتہٕ ن مادی، روٗحانی یادٕ کانٛی کیفیژن ہنز وٕرتھنے
کران مگر یہِ وٕرتھنے چھنہٕ غارضروٗری آسان۔ پرتھ کانہہ لفظ چھیوٚ، ڈیش، سوالیہ

نشانہٕ چھُ علامتی معنے تھاوان ۔ علامت گےٚ وُہمہٕ صدیہِ ہندِس ادبس پیٹھ زبردس
حاوی ۔ ناول چھےٚ مۄ اتھن اکھ بیانیہ صنف، اتھ اندر رُٹ بیاکھ جاے لفظی اشارو۔
ڈراما چھُ گِندنچ تہٕ تماشُک صنف ۔ اتھ اندر گےٚ تماشہِ علامتی تیار۔

## ۶:- شعور تہٕ زبٲنی ہُندٕ وُتربنیل

جیمس جوائیس سُند ناول "یولی سیس" چھےٚ دۄن شخصن ہندِ اکھ دۄہُک رۄداد
وَنان ۔ ہومر سُند رزمیہ "یولی سیسکو" یا گُھٹی چھِ اتھ اندر تہٕ یم دۄ شوے راوی متۍ۔
ایرلینڈ کس شہر ڈبلنہٕ کین بازرن ، وانن، ہوٹلن ہندی طویل بیان چھِ اتھ اندر۔
مگر یمن شخصن ہُند زیادہ سفر چھُ دماغی تہٕ اوکۍ چھِ اتھ اندر گفتگو کھوتہٕ مانولاگ.
اتھ اسلوبس وۄنکھ شعوری رَو ۔ یہ رَو چھےٚ بیک وق ادب، مصوری، مرتزگری، موسیقی
ترتیس تہٕ بیین فنن ہندین سرحدن جُت کران ۔ دراصل چھُ اتھ اندر لیکھن وول انسانہٕ
ہنز نامکملی ہاوتھ دِوان تہٕ بیہ وَنان زِ آدم چھُ مکمل گژھن برژھان تہٕ اوے موسیقی
شاعری تہٕ مصوری حاصل کریشان ۔ مغربی زندگیہ ہُند زہر، چوپہ تہٕ انسانی روحُک
عذاب ، جُنبُک تہٕ سکونک خاب بیتھ کنی اتھ ناولہِ اندر نوو اندازہٕ بیش کرتہٕ آو تمہ تزود
یہٕ تہٕ ادبس پیٹھ سیٹھاہ سۄن اثر۔ گوڈ نیتھے یہ زِ کتھ کھوتہٕ آو خیال بارسس ۔ اتھ ناولہِ
بنہ تس چھِ جوائیسہ سُنز پرائیویٹ زندگیہ ہنز کمزوری یہ تہٕ تسندِ بین "ڈگوش" تہٕ ذمہ وار۔
مگر تہندی امی "ڈگاس نہ" کرہمکالی لکھارین ہنز اکھ جماعت متاثر۔ نجی ڈگوش تہٕ کھوت
رِتھ مطلق پرائیویٹ نظریہِ بیش کرن بنیووا دین ہُند شیوہ تہٕ امہ کنہ دراپہ اکہ اندیکھن
والین ہنز زندگیہ ہندی سیٹھاہ گڈلد کونچ شی تہٕ بلیہ طرفہ کونمو پرن والین یا سماجس
کن بنیہ کنہ تہٕ ذمہ وارِیہ نشہ انکار۔ زور دِتھکھ اتھ پیٹھ زِ لیکھن وول کیاہ تہٕ کتھ پاٹھی
چھُ سونچان ۔ ییمہ کتھ ہنز ذمہ واری ما نِکھے تہٕ زِ یہ تہند سونچ ماگوژھ کانسہ فکرِ تہٕ ترُن۔

اُمکی علامت ماگرٕ ھیٚ یہٕ لیکھن وٲلی سے تام محدوٗد روزٕنی۔ ورجینیا وُلف، مارسل پروست وغارٕ چھ اُمی وقتہٕ لیکھان تہٕ یہند رٕوی یہٕ تہٕ چھ تقریبن یوٗہے تہٕ یتھٕے پاٹھٕ یہندِس اسلوٗبس مُتاثر کران۔ یہُند اسلوٗب چھُ IMPRESSIONIST تصویرٕس ہیو۔ یمن نثر چھِنہٕ نثر پتہٕ نثر روزان۔ سہٕ چھُ شاعری (خاصکرٕتھ سُریلسٹ SURREALIST شاعری یتھ اندر خیالن ہندین آسنگن (ASSOCIATIONS) ہنٛز تندل لگان چھِنہٕ) ہُند روٗپ اختیار کران۔ یتھٕے کٕنی چھ آلڈس ہکسلے سُند نثر الیسے ٹھک رنگ رٹان۔ ڈی، ایچ، لارنس چھُ جذبن وُتش دِنہٕ ووٚل نظم گو شاعر بنان۔ ورجینیا وُلفہٕ ہندی کردار چھِ پننٕ پننٕ واضح رنگ ڈزاین شکل صورتھ ٹھوٗٹھ تہٕ کھرٕ لد ذہنکی یادٕ اوار باسان۔ ٹھوٗس آسنہٕ تہٕ ہوائی۔ (مثلن "مسز ڈیلووے" ناولہِ اندر مسز ریمزے ناوُک کردار) ناو دزاو "اُمس" گتہٕ" ناولہٕ ستہٕ۔ ورجینیا وُلفہٕ متعلق تہٕ چھُ یی یاد تھوٗن لایق زِ تمہٕ تہٕ ژیوٗن پننہٕ زمانکُ دود ہمدردی سان نگر تتھ دِژن اکھ نیم حقیقی شاعرانہٕ شکل یوٚسہٕ ٹھوٗس چھِنہٕ۔ تسُند اسلوٗب تہٕ چھُ انسانی موٗڈن تہٕ جبابن دٲیراونٕک عمل پیش کران تہٕ زبانی اگرے اَتھ کرٕ اوِ PROCESS دوران وترٕ ٹنیل پھیران چھُ تسُند "تخلیق کار قلم چھُنہٕ اَمہِ خاطرٕ ذِمہ دار"۔

## ۷: نوٚو دلیر دُنیا

یہٕ اوس متضاد انسان نوین تہٕ موزوٗن لفظن اندر پیش کرنُک زمانہٕ۔ اگرے تمہٕ وقتُک فکشن بے راہ رٕو باسان چھُ، ڈراما (مثلن ابسٲڈ ڈراما (ABSURD بنے ہوٚٹ تہٕ بے لوٚٹ یا بیٚیہِ طرفہٕ اُدیب یُتھ خودرٕو زٕ سہٕ چھُنہٕ پرٕن واٲرس یا سماجس کُن زٕرتھ تہٕ ذمہ داری مانان، یہ اوس اکھ قدرتی ردِ عمل۔ مادی ترقی، سرمایہ داری نظام، نوآبادین ہنٛز ٹانگہٕ ٹانگ، سائنسی ایجادن ہنٛز مہربانی، اپنچ خاہش تہٕ جنگِ عظیمن ہنٛز تباہ کاری یہٕ، یم ساری عنصر آسٕ اُدیبیں اکہٕ طرفہٕ مایوٗس تہٕ پریشان

کران مگر بیٚیہِ طرفہٕ اَدرٕ نیٚتھ خابن منز وَچھنے کرنٕس پیٚٹھ مجبوٗر کران ۔ اَدیب اوس پَنُن وونُدٕ ژھانٕژھہٕ ناوان ۔ سہٕ اوس سماجس سٟتؠ بغاوتھ کرنہٕ وِزِ بعضے نٲراج ANARCHIC تصورن لولہٕ مِتہٕ لاے کران تہٕ کیازِ تِمہِ اوس سوٗنچمُت زِ اَدیبہٕ سُنٛز کام چھِنہٕ صرف تصویر بناوٕنؠ تہِ تھ معنے دِیُن تہٕ ۔ گٔنوٕ ہمٕ ضدٕ یہٕ مِتہٕ لیو زٕ یٹھو مذہبی تہٕ سماجی تقریرو اوس سہٕ تنگ اوٚمُت ۔ تِمہِ کرٕ پنٕنہٕ زوالہٕ لدٕ سماجٕچ عکاسی مگر کانہہ حل دِتُن نہٕ ۔ تِمو وُچھ خاب مگر تِم کرٕن تِتھی سے بے معنہ اندازٕ منز پیش یِتھہ منز تِم آیِس ۔ ڈی، ایچ لارنس (لیڈی چیٹرلی ہُند عاشق ۔ تیٚجوی تہٕ عاشق، سو نزل ناولہِ، اکھ جدید عاشق، نوٚ حوا تہٕ پرٕون آدم، گولاب باغٕچ ژھاے بیترٕ افسانہٕ ) کرٕ جنسی آزادیہِ ہِندِ خاطرٕ کافی جد و جہد تہٕ اکھ تہذیب کوٚرن اَمہِ کھوٚکھِ نشہٕ یکہِ ۔ زنانٕن ہُند حُسن بیان کرٕ کرٕ اوس اوٚتام اَدیٚو یمن یوٚہے "انسانی تھوٚد" (مافوق الانسانی) موکھٕٹ ناکی ژھنمُت تہٕ لارنسن اوٚن مردانہٕ حُسن بارسس یُس زنانہٕ ہِندِ خاطرٕ زیادٕ پُرکشش چھُ ۔ یِتھے کٔنؠ کرٕن اَکِس رِلواییٔ سماجی قدرٕ مُخالفت ۔ یہِ تہٕ چھِنہٕ حقیقت زِ تِسندٕ یہٕ مرد چھُ دراصل "جانورٕ مرد" جنسی لحاظے یوٚت نہٕ بلکہ دماغی تہٕ احساسو لحاظ تہٕ ۔ تِسُند ادب تہٕ چھُ پنٕنہِ زمانہٕ کِس مشینی تہذیبس طنز ۔ کران تہٕ اَکھ اندرٕ انسانی شعوٗرٕ منس پیٚٹھ واویلا کران ۔ آلڈس ہکسلے یِن (تِم بنجر پنہٕ ڈُھر، مقابلہٕ ناولن منز) کرٕ اَدیب تہٕ آرٹسٹ پیش ۔ یِم زٕیٹھی بحث کران چھِ مگر زندگین اندرٕ پنہٕ نیٚبے اصوٗلن پیٚٹھ ٹیکِتھ ہیکان چھِنہٕ ۔ یِتھہٕ کٔنؠ چھُ باسان زِ یِنٛس بے ہوٚدٕ اَندٕ نکھِس چھُ سخ طنز ۔ کران تہٕ ہاوِتھ دِوان زِ اَزٕچ انسان کوٚتاہ چھُ یِتھہٕ بے ترتیب دُنیہس اندر رووُمُت یِنزٕ چھُ باسان زِ تِسند رُوٚیہ چھُ اکھ نوٚو تصوف پیش کران ۔ تِسنٛز مشہوٗر ناول چھِنہٕ "نوٚو دلیر دُنیا" اَتھ منز وُچھ تِمہِ اکہِ تِتھہٕ دُنیہک خاب یُس زن کھوژوِنس

ماحولس اندر وۄتلہِ گرِ یتھ اندر انسانٔیتٕک لحاظہ لاحظ بنیہِ بارسس ییہِ ۔ خاب آور دواہ
سیدن استعمال مگر نو قصان واتناوَن نہٕ، جنسی لذت تہٕ یلگی یہِ روزِنہٕ ٹھاکھ، انسانہٕ
ہندی وحشی جذبہٕ سیدن کھلہٕ پأٹھی ظاہر ۔ امہ پوز انسانہٕ ہندی ارادٕ آسُن نیک ۔ اَتھ ناولہِ
اندر یادٕ متین یمَن خیالَن کٔر مکسلے ہَن پننہِ بنیس کتابہٕ "نوٕ دلیر دُنیہک دوٚیُم سفر"
اندر ایسے ہَن ہنز شکلہِ اندر تشریح یئتہٕ زن یہِ صاف وۄنُن زِ سایئس گوٚتھ یہِ دُنیا
زیادٕ لوٚیہ ہہ وُن بناونہٕ خاطرٕ استعمال سیدُن ۔ گور کی ییٚس یتہٕ کٔر نکولائے آستر اوسکی
( نا پد ڈراوشٹر ناول ) مخائیل شولوخوف ( ڈان چھنے سوٚت سوٚت وسان ناول )
بورس پاسترناک ( ڈاکٹر ژواگو ناول ) تہٕ سولزنستن ( کینسر وارڈ ناول ) بیتر ادیو تمہِ دُنیہکی
زِ یکھی منفقش لیُس مانوس مغربی سرمایہ دارانہ نظامہ ننتہٕ بیوٚن آسنہٕ کنی دلیوکھت تہٕ باسان
چھُ تہٕ سیدٕ سیوٚد تجربہٕ جہٕ کمیہ کنی غلط تہٕ پیش سیدان چھُ ۔ جماتی تعمیر خاطر مشخص کرنہٕ آمُت
منظم سماج تہٕ تمِچ ادبی عکاسی آیہ اُدٕے گراشکہ چھُ نظرٕ وُچھنہٕ تہٕ گرا منظم مغربی کو شش
ستی ذلیل تہٕ کرنہٕ ۔ مگر کمیسے سند "نوٕ دلیر دُنیا" جارج آرویل سُند "١٩٨٤" تہٕ "جانور
فارم" اگرے اکہٕ متبادل دُنیہک نقشہٕ پننہِ مشروط نظرہٕ ستی باوان چھِ صرف اُمچہِ خامیہِ
ہاتھ وُچھنہٕ تہٕ گووِ پانہٕ تہٕ شرطاوہنہٕ یُن ۔

## ٨:۔ مرُون مغربی نظام

گوکہِ مخصوص حالاتو تہٕ خیالی ارتقاہَن بیوٚد وُہمہِ صدیہِ ہُند زیادٕ تر فکشن
فنی لحاظہ تجرباتی تہٕ یمَن اُدبین ہُند ذِکر ہیر کینہٕ آو تمو سارِوے کوٚر فنِ افسانہٕ سخ متاثر
تہٕ کٔرتھ چھِ ہیمنگ وے، کافکا تہٕ کامو یَرتھ لحاظہ الگ مقام تھوان ۔ یمو باوہم عصر
دُنیہچ ٹیٹھ حقیقتہٕ تہٕ انسانی شعورس اندر ڈُنگ دِتھ کوٚر کھ معلوم زِ زندگی تہٕ موت
خوشی تہٕ غم مرضی تہٕ مجبوری ہوین فلسفی تصورن کِتھ پأٹھ یہِ ٹھوس سماجی واقعس اندر

تشکل دِنہٕ تہٕ کیتھ کُنہِ ین افسانہٕ اُکس قاُیس منز پاراوہٕ ۔ ہیمنگ وے سٕنز مشہوٗر ناولہٕ سمندر تہٕ بڈکاک " "ہتھ بارن کرو روٗنصھ" یا افسانہٕ "قاتل" "داہ انڈین" بیٖیس ملکس منز" چھِ ییٚنہٕ الگ اسلوٗب قایم کران ، ییٚتھ پہٕ کانٛسہِ نقل ہیوٚک کرِتھ۔ کافکا ہسنز ناولہٕ "مقدمہٕ" "قلعہٕ" یا افسانہٕ "جسمہٕ بدلی" "چینُک بوڈ دیوار" چھِ مغربہٕ کہ مرِ ہٕ نظامُک دوکھہ لدر رُوپ اُپاران ییٚتھ پیٚٹھ اُسُن تہٕ یوان چھُ تہٕ وَدُن تہٕ۔ کاموٗ سٕنز ناولہٕ "اجنبی" "طوروٗ ہٕ" جاں پال سارتر سٕنز مشہوٗر ناولہٕ (یمُو وجوٗدیتکس جدید تصورس بُنیاد ترآو) "من پھیرُن" "رُحس اندر شنسترٕ" تہٕ "منطقُک زمانہٕ" چھ تِتھ قابلِ رحم حالتہٕ اندر پھسے ییٚتِس انسانَس پَتہٕ مرضیہٕ ہُند استعمال کرتس کُن وَتھ ہاوان ، یوٚسہٕ خاصکر دوٚیمہٕ جنگِ عظیمہٕ پتہٕ آس ۔ یمہٕ تخلیقہٕ چھےٚ ییٚٹھ وائی کمہٕ تام بَدلےٚ سماجہ کہ انسانہٕ ہُند حال باوان باسان مگر دراصل انسانہٕ ہٕنز مجبوٗرِ یہٕ پیٚٹھ طنز کران ، تَس زیر دِوان ییٚتھ سہٕ پان تہٕ مارِتہٕ پانےٚ پانَس تارنَس پیٚٹھ سوٚنچنس پیٚٹھ آماد تہٕ گرِ تھ ۔ فنی لحاظہٕ چھ یِہُند افسانہٕ گراشعوٗری گیتہٕ ہُند سہارہٕ نوان تہٕ گرادستاویزی صوٗرتھ اختیار کران ، گرا ایلکپر دی دی بور کران تہٕ گرا زیٚٹھ مونولاگ دی دی ییٚنُن منتشر ذہن ییٚشر نہٕ پارِ نہٕ ورآے پَرن وأرس بروٚنٛھ کُنہٕ کھٲوان ۔

ییٚتھ کُنہٕ وُچھا اُسہٕ زُوٗہم صدی پھےٚ مغربی افسانہٕ کِس توٲرِیخس منز سیٚٹھاہ اہم تہٕ موضوٗع تہٕ ہیٚیتہٕ لحاظہٕ کوٗر اُمی ادب تیوٗ ناہ متاثرٕ زِ یہٕ چھُ کنُوٗہمہٕ صدیہٕ مقابلہٕ بالکل بدییمُر تہٕ باسان ۔ موضوٗعکی نوٗرُن دیُت ہیٚیتہٕ چار تہٕ نوٚی رُوٗپ آیہٕ بارسس ییٚتھ منز مصوٗریہٕ ، موٗسیقیہٕ ، رقصن ، فلسفن ، مذہبن ، سیاستن ، فلمہٕ ، ٹیلی وِجنَن (دوٗ نی سیٹلایٹ تہٕ ) ریڈیوٗہن وغارٕ اہم رول اداکوٗر ۔ ییٚتھ زٕ ۱۹۱۰ - ۱۹۶۰ء یَس اندر کوٗر مغربی ناولہٕ تہٕ افسانَن ییٚنہٕ پتہٕ تمہٕ ساری توأریخہٕ کھوتہٕ زیادٕ منزل طے ۔

# ۹: ہندوستانٛی افسانہٕ: مغربی قالب تہٕ مشرقی رُح

یہِ چھُنہٕ محض اتفاق کہ ہندوستانٛی افسانہٕ بییہِ و دُہمہِ صدیہِ ہتی تھَنہٕ تہٕ پٔتہٕ مین شیتھَن ؤرِین اندر بییہِ و اَتھ سہٕ سورُے فاصلہٕ طے کرُن یُس مغربی افسانن دوٕن ہتھَن ؤرِین اندر کوٗرمُت اوس۔ یہِ کران کران یِرٛآو سانہِ مُلکُک افسانن پنٕنی الگ شخصیتھ تہٕ اَتھ اندر آیہِ ہندوستانٛینتھ دٔ مگر کٲلہٕم پانٛٹھی روٗد یہِ مغربی افسانہٕ ترٛاینَن ہتہٕ ہتی دَدکڈان۔ گرایتھ گژھان تہٕ گراژھوکان۔ مغربی افسانہٕ کِس تنوٗظرس اندر ہندوستانٛی افسانہٕ وُچھُن چھُ ضروٗری تہٕ کیازِ یہِ صنفٕے چھےٚ مغربی۔ یہِ آیہِ یوٗرِ مغربہٕ پیٹھٕے، خاصکرِتھ جدید افسانہٕ۔ وۄں گوو یتِ ہِنٛ چھےٚ زِ یتھےٚ چیٖزو مٕنٛ مغربی افسانس نوٗو موڈ دِیُت یِیتہٕ اوس افسانہٕ وُنہٕ زٕہوانٕنی۔ مگر ہندوستانٛی افسانہٕ کِس ارتقاہس دیُت چیٖزو فنَ وارِیاہ مدد۔ أسہِ چھِ وُچھان زِ یہِ افسانہٕ روٗد اَدلے سماجی حقیقتس عکاسی کران۔ مغربی زندگیہِ ہتہٕ ہتی حالیتھ آسنہٕ یِتھ ملکس منٛز تہٕ اَدکِنہٕ آیہِ نہٕ اَتھ تیز تبدیلیہِ۔ تمی زوٗرہٕ تہٕ رفتارِ سان یِیترٛاہ تٔتہٕ آیہِ، مگر بذات خوٗد اُسہٕ یِتھ مُلکس اندر اَکھ تحریک چلان۔ آزاُدی ہنٛز تحریک سیاسی آزاُدی پرٛاوٕنٛچ عوامی تحریک تہٕ اَتھ آزاُدیہِ دباونٛچ نو آبادیاتی مُہم۔ تشدُدٕچ سیاست غرٕیچ گیہٕ، کھاہ تہٕ خانہٕ وُجاہرِ کرِوٕنٛ ژھھٹ آسن اکہ طرفہٕ کٕدمرتہٕ خان بہودُر تہٕ رائے بہودری ہند خطاب آسہِ بییہِ طرفہٕ استحصالٕچ بنیاد ڈراوان۔ کارخانہٕ آسہِ بڑان تہٕ گام آسہِ وُجاہرِ گژھھ گژھھ شہرن اندر رٔلگی جونبر بُستیَن اندر تبدیل گژھان۔ تبدیلیہِ آیہِ یِیتہٕ تہٕ پوان مگر یِیتہٕ آسنہٕ جنگ عظیمن ہندی پاڈکرِیہٕتہٕ سوال ڈتھمہتہٕ یِتھ اندر انسانہٕ ہنٛز مرضی مجبوٗری تہٕ موت ویرٛژھناوٕنہٕ بییہِ ہے۔ یِمٕنکِ افسانن یُس خالص ہندوستانٛی رنگ رٔٹ بہٕ اوس سماجی حقیقتن ہِنٛز رنگ تہٕ سون قومی مزاج آو تِتھی اندر دایراونہٕ۔ پریم چند

چھُ اَمیک نُمایندٕ مُصوّر تہٕ یہِ ہیٚکہِ صاف بوزتھ یتھ زِ تسندِن افسانن اندر چھُ تہٕ
سماجس اندر آمژن بیرۄنی تبدیلیین ہنز ترٛٹھ عکاسی کرنہٕ آمٕژ۔ یژھ سیاسی
تبدیلیو باوجوٗد سماجی دَباوو تہٕ ظُلمو پھِر تژاوی مِتس انسانہٕ سٕنز کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔
تسُندکردار چھُ انقلاب اَنُن یژھان مگر ہیتہٕ بدِن ؤریین ہنزن زۄنگورِن
چھِس کٔرۍ پرزِناوِنی، ہانکلہٕ بدرکڈنہٕ۔ اَدٕ ہیٚکہِ بھرٛٹ آوِتھ۔ اگرے ہندوستانی
افسانہٕ فنی لحاظٕ وُہمہِ صدٕریہِ اندرٕ آسِتھ تہٕ کُنُوہمہِ صدٕریہِ ہندی مغربی افسانَن
مُتاثر گوٚو تہٕ ڈکنس، ماپاسان، ویلس، ٹالسٹاے اَتھ وۄتہٕ ہاوِکی روٗدی مگر
مفہوٗم تہٕ مِتنہٕ لحاظٕ گوٚو اُمی بنہٕ وَتنک سماجیاتی نۆقطۂ نظر زیادٕ قبول۔ چیخوف
گورکی بیتر روٗدی اَتھ نظریاتی راہنما تہٕ ادیب روٗدی سماجی شعورس تابع۔ افسانس
پیٹھ ترقی پسند تحریکہِ ہند زیادٕ سوٚن اثر پیٚنک وجہ آسی یِنکی مقامی حالات حالانکہ
یہِ تحریک روٗزنہٕ آزادٕ یہِ پتہٕ موثر تحریکہِ ہندِس صوٗرتس اندر ادبس متحرک
کران، مگر یہِ چھُ قدرتی امر کہِ ہمکِس ادب روٗد سماجی قدرو ستی پانے پننہِ
قدرٕ متعین کران۔ شاعر یہِ ہنز کتھ چھےٚ بدل۔ تمیک مزاج چھُ بدل اوٚوے
چھُ اُسی وُچھان زِ آزادی پتہٕ تام اوس نہٕ سانہٕ مُلکس افسانس پیٚن قومی رنگ۔
وۄن گوو مغربی اثر روٗدٕ اُمی صرف تِتھی حدس تام یوٗت تام سُہ پننہِ سماجی
حقیقت باونس مددگار اوسُس۔

یہِ ہیٚکوٚ نہٕ وَنِتھ زِ آزادی پتہٕ تام کیا اوس نہٕ وُہمہِ صدٕریہِ ہند مغربی افسانہٕ
پیٚنتہٕ کِس سوتھِس بلکل اثرانداز سپدیومُت۔ ۴۵-۱۹۴۰ءیس اندرے آسی
IMPRESSIONISTIC تہٕ دستاویزی اسلوب سانین ادبین برمہٕ راوان۔
مگر غار مُلکی تہذیبس تہٕ سیاستس ستی جنگ اوس یہِنہٕ کُلہم سونچ آوراون دول
واقعہٕ ییمہِ نِشہٕ الگ گژھن خودکشی کرنس برابر اوس۔ سانہِ بدِن ؤریین ہندو

سماجی تہٕ مذہبی رلوایتو رسوٗمو اوس یِیتہٕ کٔن دیتِمٕت، تموٗلِتھٕ بدوٗن گرٕٹھ سوٗچِن تہٕ لیکھن والی اُدیب تہٕ سپدی پادٕ مگر تِہنٕز آواز روٗز کمزور۔ مقامی رسم تہٕ رلوایژ مقامی زندگیہٕ ہِندی تضاد تہٕ کم۔ ؤرِ یہ یِمہ ادیبن قومی تہٕ سیاسی مسلن ہندِس تنوظرس منز گاشہٕ ناوِ، تہٕ اُدیب روٗد کامیاب۔

## ۱۰:۔ پھٕٹمٕژ پرٕژھ

آزادی یہ پتہٕ کی ماحولن دیُت وارہٕ آنس تہٕ وہ میزن بھیش۔ یِمتِکی واقعات بدل اُسھ تہٕ باسیو حساس اُدیبن زِ مغربی صوٗرتِ حال زن یِیتہٕ تہٕ دُدراوتہٕ یوان۔ یِیتہٕ سپد بیشک قومی تعمیرک یلغار، مگر غلط منصوٗبہ بندی تہٕ بے ایمان عملہٕ کوٗر مویوٗسی تہٕ FUTILITY ہُند ماحول تیار۔ مغربی دانشور اوس مویوٗس زِ تِتیک بوٗد نظام یُس کینژھاہ نوآبادین ہندِن روٕپین پیٹھ کھڑا گومُت اوس تہٕ کینژھاہ کُن منز محنت کشی پیٹھ پرٕتھیومُت اوس، سُہ ہیوٗتن اَندرونی تضاد وکی کھوکھ گرٕژھن بیٹھے آیس دوٕن جنگن ہندی ٹاس۔ انسانس رادٕ تہٕ تِمِنس نظامس تہٕ سماجس پیٹھ پرٕژھ تہٕ سوے بے پرٕژھی بنے یہ ادبک منشوٗر۔ ہندوستانی اُدیبن تہٕ پھٕٹ پرٕژھ یوسہٕ تِمی ہتِس ؤریُس عدمِ تشدُدسان جنگ کرِتھ پرٕاوِمژ اُس، یوسہ تِمی سایہ بدن ؤرِین انسان خُدایہ پسنٕ پزٕ تصوٗر کرِتھ تشکیل دِژمٕژ اُس۔ ہیتہٕ ؤری یہٕ کہِ جُدجہد یہٕ تہٕ وہ تلیومٕت سماجی عقیدہ تہٕ اگرا پزٕ نیر تیلہٕ کیا چھُ بہِن لایق؟ تہٕ یہ بے پرٕژھ، یہ بدنظمی، یہ سماجی استحصال اظہار کرنہٕ خاطرٕ آیی مغربی افسانن یِتھ صدٕ یہ منز بیمانہٕ گرٕی متہٕ۔ مغربی افسانہٕ اوس زیادٕ بوٗرتھ بُردبار تہٕ اُمہٕ نِش فایدٕ تُلُن اوسہٕ غلط۔ وہ ذی گوو یِیژہن گے زِیم بیمانہٕ تہٕ ۱۹۳۵ء تام یا ۱۹۳۰ء یس تام پرٕلانے متہٕ اَسی تِم ہیتِن یِیتہٕ لُوی تہٕ لوٗیہ پوٗنی باسنٕ۔

## ١١: مغربی پیمانن ہنز سولبہٕ رلوایتھ

افسانکی پیمانہٕ کیاہ چھ تہٕ کیا آسی؟ مغربی افسانہٕ کیا اوس گوڈنیوان ماتہٕ
اَتھ متعلق سوچیس اندر کیا تبدیلیہٕ گیہٕ تہٕ پتہٕ کوت ووت یہ؟ مشرقس اندر یُس
روایتی افسانہٕ اوس سُہ کیازِ گوو نامنظور؟ یمن سوالن جواب دِتھے ہیکوا آسی کاشرس
افسانس کُن پھیرِتھ۔ یہ پزِ اَسہِ یاد تھَوُن زِ کاشرس افسانس آس افسانچ ڈوڈ ہتھ وُری پرأنی
رلوایت ڈیکھس تہٕ شعوری طور اوس کاشُر افسانہٕ نگار تِتھی رلوایتیس پننی پاٹھی ہُرہ کران۔
سیاسی تہٕ سماجی حالات آسی تِمس پننی مخصوص، زبأنی ہندارتقا اوس تِمس پننی تہٕ تمہِ کنی پیوو
کاشُر افسانہٕ تمی وقتہٕ تھَنہٕ پیلہٕ سُہ بیوو۔ مگر مغربی تہٕ ہندوستأنی افسانہٕ اوس تمہِ ورِتس
برونٹھ کُنہٕ اوٗرُت تہٕ بوٗرُت تہٕ تس اوسہٕ اَنہٕ کرِڈ اندر کیہتہ سارُن۔ افسانہٕ نگار
اوس پوٗرمُت لیوکھمُت حساس شخص یُس نہٕ صرف افسانہٕ چہٕ مختلف رلوایژ سمجِتھ آسہِ،
نہٕ صرف افسانوی مُنگ پوٗرِ مطالعہٕ کوٗرمُت اوس بلکہ سُہ اوس اَتھ پانس بیٹھ کھڑا زِ
پننہٕ خاطرٕ ہیکہٕ ہے کانہہ خاص وَتھ ژأرِتھ۔ اَوکنی چھے نقاد ہندِ خاطرٕ سہل وَتھ یہے زِ
سُہ وُچھہِ زِ گوڈ گوڈک کاشُر افسانہٕ کیا آدرش چھُ برونٹھ کنہٕ رٹان تہٕ کمہِ تحریکہٕ ستی چھُ
متحرک سپدان تہٕ کیازِ؟ یہ تہٕ ہیکوا آسی ژأنِتھ زِ کانہہ تحریک کیازِ گیہٕ پیتہٕ پھِکتہٕ افسانس
کیا اثر ترٛاوُن؟ خأریم ساری سوال تُلوا آسی۔ گوڈ وُچھو افسانکی مغربی تہٕ مشرقی پیمانہٕ
کیا آسی؟

## ١٢: اَفسانکی مغربی پیمانہٕ: وُرکا پچ دلیل

یہ کتھ آیہٕ گوڈنیتھے وَنہٕ زِ داستانہٕ افسانچ شکل دِنہٕ والی گوڈنکی افسانہٕ نگار

ایڈگرایلن پوہن کٔریٚتھ ہَن زٕ افسانہٕ اوٚنُن رٕژھا وٕتھ۔ موثر بنٕنہٕ خاطرٕ کوٚرُن اَتھ اندر
اَکُے توثرُ پٲدٕ۔ تیٚہ پیٚٹھے روٗد افسانہٕ خاطرٕ یہ لازم زٕ اَتھ گژھہِ اَکُے توثرُ آسُن۔ سُہ یِیہ
اَتھ تیٚلہِ یِیلہِ یہ زندگیہ ہِندٕ اَکُے پوٚکھ پیش کرِ۔ اَوے رٕتہ چھُ ہڈسن مانان زٕ اَتھ اندر گژھہِ
خیال رٕتہ اَکُے آسُن، یُس اَکی مُدعا یَس اَکِس طرفس کُن سفر کران کران کُنہٕ منطبقی نتیجس
پیٚٹھ واتہٕ۔ (دِ آیڈیا مسٹ بی ورکڈ آوٹ ٹو اِٹس لاجکل کنکلوٗجن وِد ابسلیوٗٹ
سنگلنیس آف ایم اینڈ ڈایریکشن آف میتھڈ) (این انٹروڈکشن ٹو دی سٹیڈی آف
لٹریچر) واحد توثرٕ آو یِتہٕ انسائکلوپیڈیا برٹینیکایہ اندر رٕتہ افسانہٕ کِس لوازِ ماتن منز
درج کرنہٕ رٕتہ تِتہٕ آو صاف مانہٕ زٕ ناولہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ توثرٕچ وحدت اَستھ (اے ٹروو شارٹ
سٹوری ڈِفارس فرام دِ ناول اِن اِٹس اسنشل یونٹی آف اِمپریشن۔ اِن اے فار مور
ایکزیکٹ پرسائنزیوز، دی ماڈ شارٹ سٹوری ہیز اے یونٹی وِچ اے ناول کین ناٹ
ہیو) (جلد ۲ صفہ ۵۸۰) توثرٕک کینہ آو یِتھ کٔنی افسانکِ گوڈنیک لازم مانہٕ دوٚیم
کتھ اَکس طوٗلہٕچ۔ حالانکہ یِتہٕ آیہ افسانکی توٗنی توٗنی قسم رٕتہ زیٚٹھی افسانہٕ لیکھنہٕ یم بعضے لوکچہٕ
ناولہٕ کھوتہٕ رٕتہ زیٚٹھی آسی مگر گوڈٕ گوڈٕ دیُت سارِوے افسانہٕ کِس موختصر آسنس پیٚٹھ زور۔
ایچ. جی ویلزن کوٚر یہ رٕتہ مقرر زٕ افسانہٕ پرنس گژھہِ نہٕ اَڈ گنٹہٕ زیادٕ کال لگُن۔ جے ٹی
شِپلےہن کٔرِس یِتھ ترمیم زٕ اکھ افسانہٕ گژھہِ عام پأٹھی اَکی سیٚے بیٚٹھکہٕ اندر پرنہٕ یُن۔
(اے شارٹ سٹوری اِز اے نریٹو شارٹ اینڈ ٹو بی ریڈ اِن اے سنگل سٹنگ رِٹن ٹو
میک این اِمپریشن آن دِ ریڈر ....) (دِ کوایسٹ فار لٹریچر صفہ ۲۹۹) وریتھ یہ
بندش لوگو کرنک اوس اکھ خاص وجہ۔ ارداہمہِ کنوٗہمہِ صدیہ اندر کر مغربی دُنیہن
تیزی سان ترقی رٕتہ تیٚتیک ادب رٕتہ روٗد تَتھ سٍتی دوان۔ صنعتی انقلابن رٕتہ نوآبادیو
پیٚٹھ یِنہٕ واجنہٕ دولتہٕ کٔر تمن اکہٕ طرفہٕ زندگیہ ہِندٕ آرام موٗیسر رٕتہ بییہ طرفہٕ اوس نہٕ رفتار
برقرار تھوٗنس چارٕ کانہہ۔ یا پرجایی رٕتہ مقابلچہٕ اَتھی دوٕ دوٕ اندر بیٚیہ افسانہٕ رٕتہ اوٚگٲنگ

ناٹک تھٕہٕ یِم دراصل مُمکن بَجوٗناوِ لوٗ تہٕ بڑٕ بوٗ ناٹکو بدلہٕ کم وقتس اندر محفوٗظ کران
آسہِ۔ رفتارٕ آس زندگیہٕ ہُند حصہٕ بنیمژ تہٕ اَوٕے کوٚر نقادو تہٕ مقرر زِ افسانہٕ یا ناٹک
گرژھہِ پھِر پھِر کران پَرنہٕ یِنۍ۔ ژٕلہٕ وِہٕ زندگیہٕ ہنز۔ گرژھہِ یہِ اکھ ژٕلہٕ وِنۍ تصویر آسُن۔
پَرن وول گرژھہِ موچھہِ منز ژٹھہ پانس ستۍ دَو ترٛاوناوُن۔ اَمہِ خاطرٕ گرژھن
اَتھ اَندر آمتۍ واقعات توقع نیبر تہٕ آسنۍ۔ اَتھ گرژھہِ وِکاس سپدُن تہٕ افسانہٕ گرژھہِ
کھسان کھسان تیتھ تینتاکس واتُن یَتھ پَتہٕ نوقطے عروٗج وَنُنھ۔ یِتھ پاٹھۍ ہیٚرٕنن
اَفسانُک ناوٕے DEFINITION صحیح گرژھن (اےٚ شارٹ سٹوری شُڈ بی اےٚ سٹوری
اےٚ رِکارڈ آف تھِنکس فُل آف انسِڈنٹ اینڈ ایکسی ڈنٹ سوفٹ موومنٹ اَن ایکسپیکٹڈ
ڈیولپمنٹ لیڈِنگ ٹوُ اےٚ کلایمکس اینڈ اےٚ سٹیسفایِنگ ڈِنومان) بلکہ زندگی ہنز دَوِ
ستۍ دَو ترٛاوان ووِل افسانہٕ آو گرُہ دَوِ ہیوٗ مانہٕ (اےٚ سٹوری اِز لائیک اےٚ ہارس
ریس، اِٹ اِز دِ سٹارٹ اینڈ فنش دیٹ کاونٹ موسٹ) ناول اینڈ پوئٹری صفہٕ
۱۱۷) واقعہٕ تہٕ رفتار یِم زِ لوازمات ییٚنہٕ ستۍ گیہ افسانس اندر کینہہ عنصر لوٚر پاٹھۍ قایم
مثلن پلاٹ، کردار تہٕ تجسس، مکالمہٕ، زبان، مقصد، اسلوٗب وغارٕ۔ موخصر یہ
زِ افسانُک تکنیک ہیٚرٕنن مقرر گرژھن تہٕ اَمہِ چہِ تخلیقی عملہٕ پیٹھ آو سوٚنچ کرنہٕ۔ آر، ایل،
سٹیونسن چھُ یِنۍ تجربہٕ یِتھ گٔنۍ وٕرژھہِ ناوان۔ "بابہٕ نَموٚ اَسی پلاٹ تہٕ کردار کرو تِتھ
اَندر فِٹ یا تہٕ نِمون کردار کاہنہٕ یَتہٕ ژھاروکھ تِہنٛدِ خاطرٕ واقعات یُتھ سہٕ کردار
ارتقائیہ۔۔۔۔ "یِتھے گٔنۍ وٕنن بیٚیہ نقادن زِ فکشنک تنقید چھُ یِ زِ کردار
چھُ یِنہٕ عملہٕ ستۍ نوٚن تیران تہٕ تِہنٛدۍ وصف چھِ عمل ثٕنۍ زراوان۔ (وَن آف
دِ بیسٹ ڈیفی نشنز۔ الور گون آف دِ ٹیکنیک آف فکشن اِز دیٹ ایکشن رویلز
کریکٹر اینڈ دیٹ کریکٹر ڈیمانسٹریٹس اِٹسیلف اِن ایکشن اینڈ ایکشن اِز اونلی این
اَدر وائڈ فارانسی ڈنٹس) (شاک اوفاولن شارٹ سٹوری صفہٕ ۱۶۵) وق گوو

بدلان تہٕ یُتھے زندگیہ بدلیہِ قدرہ بدلیہِ اد ہیٚہ صوٗرتھ تہٕ گےٚ بدلان۔ افسانہٕ روٗد نہٕ صرف وتھِس پوٗٹھِس واقعس لور تہٕ نہ روٗد محض اتفاق افسانکُ وِکاس طے کران۔ سائنس فلسفہ تہٕ منطق آیہ زندگیہ ہندِس پرتھ شُعبس اندر تہٕ واقعہ روٗد نہٕ صرف حادِثس تام محدوٗد۔ حادِثہٕ ہیٚکہ باطنی تہٕ اُسِتھ تہٕ اندروٗنی سفر چھُ بعضے بیروٗنی واقعاتن ہندِس سکوٗنس اُدرہ کھل کران۔ اسلیے آو یہِ مانِنہٕ زِ افسانہٕ چھُ دراصل کِردارُک تہٕ اِستھتی ہُند (سچویشنٕ ہُند) ہیجان پیش کران، یِم ہیجان چھِ اکھ اُکِس ستۍ کھوٗل کران تہٕ بعضے چھُ افسانہٕ بےٚ حرکتھ تہٕ خاکص بیانیا باسِتھ تہٕ دراصل سپٹھاہ ڈاینمک آسان۔ وِکاس ہیٚکہ صرف تحریک نوقطے نظرُک اُسِتھ۔ افسانس منٛز آسی تَن پلاٹ گمر اِستھتی تہٕ آسِس، منٛز کرہِ تَن انسانی تجسُس پیش مگر انسانی دماغٕچ مہم سازی، خیالی وِکاس آسِس۔ (دِ ماڈرن شارٹ سٹوری ٹیلرس ہو چینیجڈ دِ رینج۔ دِیر از سٹل ایڈوینچر بٹ اِٹ اِز نو این ایڈونچر آف دِ مائنڈ۔ دِیر از سسپنس بٹ اِٹ اِز اے نٛیو سسپنس دین این اِموشنل اینڈ انٹلیکچول سسپنس۔ دِیر از اے کلائیمکس بٹ اِٹ اِز ناٹ کائیمیکس آف اے وُومن ہو ڈسکورس ہر لاسٹ جیولز ان اے ہیٹ باکس ہیپی نیس اِن اے میموری) (شان او فادلین صفہ ١٦٤) اِستھتی ہنز اہمیت گےٚ سَہ ماحول؛ یادِ کرُن تہٕ ماحول یاد کرنہٕ خاطرٕ آو مقامی رنگ بارسس۔ اُفسانہٕ آو مصوری تہٕ مرثِہ گرِی نکھ۔ شاعری ہنز تشبیہ آیہ افسانہٕ کس نثرس اندر تہٕ۔ اِمہ ستۍ اوس پرٛن وٲلی ہندین جذبن وُتھش دِنہٕ یوان۔ (لوکل کلر، ایز دِ ٹرم اِمپلایز، میکز اِٹس اپیل آلموسٹ اوریجنل اِن دِ اے آف دِ ریڈر۔ اٹماسفیر آن دِ اَدر ہینڈ میکز اِٹس اپیل آلموسٹ اِنٹایرلی ٹو دِ اِموشن۔ (گلِن کلارک سے اے مینول آف دِ شارٹ سٹوری صفہ ٧٢)

# ۱۴:۔ مشرقی پیمانہ: پریم چند وغارٕ

یوٚہے افسانہ آو ہندوستانس منز۔ یِنیہٕ آس پُرانن ہندِ وقتہٕ پیٹھے کتھا،
آکھیایکا ناوٕ اکھ افسانہٕ کُو صنف چالو، یوسہٕ زیادٕ تر توارِخی یا نیم توارِخی واقعاتن
پیٹھ مبنی آس۔ اَتھ سپدٕ نہٕ خاطر خواہ ارتقا کینہ تہٕ یتھ ضمنس منز چھینہٕ اَتھ پیٹھ کانہہ
بحث کرنٕچ گنجایش صرف کرو سنسکرتکی مشہور عالم اے، بی، کیتھ سُند یہ وُن نوٹ
زِ کتھا تہٕ آکھیایکا یہ منز چھینہٕ خاص کانہہ فرق۔ یوٚ دوٕے عالموٕ اَتھ پیٹھ سیٹھاہ بحثا بحثی
کرٕ۔ کتھ چاہے کردار پانہٕ وَنی تن (بحیثیت راوی) چاہے مصنف وَنی تن فرق چھینہٕ
کہیں دو شوٕے چھے صرف منظوم داستانہٕ آسہٕ۔ اَمِچ بہترین مثال چھے دنڈی سُند
دشکمار چرت۔ تواریخ بنو وسنسکرت داستان گوہن کارگر آلہٕ تہٕ خالص تخیلی واقعن تہٕ
کِردارن ہیوٚتن تواریخی جامہٕ وَلُن۔ ینیہٕ ہیٚتن تواریخی کردار خالص تخیلی روٗلس اندر پیش
کرنی۔ پُرانن ہند ادب چھُ اَمیک ثبوت۔ پتہٕ ییتھ کُنی شاعری ناٹک تہٕ یمن پیٹھ کرنہٕ
آمٕژ تنقید پھوٚج تِتھ کُنی بڈ یہ نہٕ کتھا تہٕ آکھیایکا بلکہ گیہٕ وارٕ وارٕ سوتان تہٕ ییتھے افسانہٕ
مغربہٕ پیٹھ آو، ییتہٕ کِس لکھارس اَمِسٕ اَمہٕ زلوایتی کتھ ہنز۔ اَنکھ تشینک تہٕ نیتو پریم چند
سنز افسانٕچ ناوے۔ (ڈیفی نشن) (تعریف)

۱، افسانس اندر گژھہِ اکھ حقیقت آسٕنی۔ اکھ واقعہ، اکھ جلکھ، اکھ نفسیاتی حقیقت۔

۲، واقعہ بدلہٕ ہیکہِ احساس تہٕ آسِتھ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

۳، یتھ افسانس بُنیاد کُنہِ نفسیاتی پزرس پیٹھ آسہٕ سُہ چھُ رُت آسان۔

۴، افسانہٕ چھُ دل بہلاوٕنی تہٕ کران مگر تتھ اندر چھُ دِلس تشفی دِنہٕ خاطر خیال
دوتلاونک مصالہٕ تہٕ موجوٗد آسان۔

۵، افسانٕچ قسیچھ گژھہِ سارنی مانٕنی لایق آسٕنی۔

۶۔ افسانس اندر گژھہِ نہٕ کہیں غار ضروٗری آسُن۔

۷۔ زبان گژھہِس آسان آسنۍ۔

۸۔ افسانس اندر ہیکن واقعات سرس آسِتھ یا کردار مگر حاوی کردار ہوٚل افسانہٕ چھُ کھٕسِتھ مانہٕ یِوان

۹۔ واقعات گژھن کردارن ہندِ دلہٕ نیرنی، مگر تم گژھن نہٕ زیادٕ اہم بنٕنۍ۔

صاف چھُ ظاہر زِ پریم چندن چھہٕ افسانٕکۍ یِم لوازمات طے کران کران بیشتر مغربی تنقیدی نظرِ تل تھوٚمُت تہٕ بیٚیہ چھُن پنُن تجربہٕ تہٕ لوومُت۔ یِہ تہِ چھُہ افسانہٕ پھاپھلان گووٗ اتھ اندر آیہٕ نفسیاتی کھوٚر بیان کرنہٕ تہٕ اَمکۍ اصوٗل تہٕ گٔے بدلان۔ گرادتکھ اتھ اندر مقصدس اہم مقام۔ "کہانی مانو جیون کے چرنتن پرشنوں (دائمی سوالات) اور چنتاؤں کے اُچت سمادھان (واجبِ حل) کی کھوج ہے" (جتیندر کمار۔ ہندی کہانی اور کہانی کار صفہ ۱۸۲) یعنے کہ زندگیہ منز وہ تِلے مژن دار یہن فکرن تہٕ مسلن چھِ افسانس اندر حل دِنہٕ یِوان۔ یِمن مسلن ہیکہٕ مختلف نوقطۂ نظرٕ کِنۍ حل پیش یِیِتھ۔ سماجیاتی نوقطۂ نظر مانن وٲلۍ افسانہٕ نگار یِیش پالن وون اوٚسے زِ افسانس چھُ اکھ سماجی مقصد آسان۔ یِتھ افسانہٕ نگارس پھٔہ اکھ سماجی ذِمہٕ داری۔ تس پزن زندگیہ ہنز بدصوٗرتیہ تہٕ بدنظمیہ دوٗر کرنہٕ تہٕ جان نظام قایم کرنس منز مددگار بنُن۔ یِیش پالن لیکھ پنٕنۍ افسانہٕ اَمی اصوٗلہٕ مطابق تہٕ یہ کوٚرن ثابت زِ ادب چھُنہٕ سماجہٕ نِشہٕ بدوٗن پزٕتھ ہیکان۔ آزادی پتہٕ بدلیو افسانہٕ تہٕ تہٕ افسانٕکۍ اصوٗل تہٕ آیہٕ نوٚو سر طے کرنہٕ گوکہ مولہ افسانوی اصوٗل آیہٕ نہٕ مٕژراونہٕ۔ چیخوفن آس زندگیہ تہٕ افسانس واٹھ کران اکھ نفیس مثال دِژمٕژ۔ تمۍ اوس ووٚنمُت زِ افسانہٕ چھُ زندگیہ ہند تیوٗتے روٗپ وکھنان یُتھ شکل پیش کران یِیِراہ سمندر بٔڈس پیٹھ یِیہہٕ تیشہٕ کھنڈ سمندر رَچ پیش کران چھِے۔ لگٕے ین ووٚن ۱۹۵۰ء یس منز زِ "افسانہٕ چھُ زندگی ہنز ژھلے تہٕ زندگی چھِے پانہٕ

اکھ اوڈُے افسانہٕ۔ اَکھ سبق یُس دُرٚس دٲنِسہٕ میلان چھُ تہٕ زٕ نہٕ ہیٚو کلان چھُنہٕ"۔ (اَلگے" وتھگا" صفحہٕ ۲۲۲) زندگی چھٕنے پرٚزی اَکھ مُسلسل جدوجہد، یوٚسہ کاٚنسہ انسانس ہند یمہٕ دُنیاہس گذرنس پتہٕ پتہٕ چلان چھُ۔ افسانہٕ چھُ اُمہٕ کٕنے اَکھ منظر ہاوان۔ موضوع تہٕ تکنیکہٕ لحاظہٕ ورٕنہ ونا اُز کیو نقادو کہانی ہند یہ دوٚنُی صاف پاٹھۍ ہُن "کوتاہیں جو تھان لے کا ہے وہی کہانی پن کا ہے۔ کوتا چاہے جس حد تک چھند مکت ہو جائے لیکن نے مکت (لیہ ورٹے) نہیں ہو سکتی..... کہانی پن سے رہت (رٔوس) گدیہ رچناؤں (نثری تخلیق) کے بارے میں بھی یہی بات لاگو ہوتی ہے.... کہانی ہمارے جیون میں چھوٹی سی چھوٹی گھٹنا (واقعہ) میں بھی ارتھ (معنے) کھوج لیتی ہے یا اُسے پرٚدان کرتی (دِوان) ہے۔" (نامور سنگھ: نئی کہانی: سارتھکتا اور سبھلتا صفحہ ۱۳)۔

## ۴ا۔ سماجی پوٚکھ

اَتھ کتھِ چھُنہٕ شک زِ اَز لیوٚکھ ہ افسانہٕ وۄتلان رۄداتھ اندر رۄزٕ سماجی معنوٚ ہیچ نہٕ پرتھ اُنمانہٕ موجود روزان۔ اَمیک بیرۄنی رۄپ گوو واریاہ لٕٹہ اکائیت ہیوٚ تہٕ مگر سماجی معنے رۄدُس برابر۔ یہ گوو افسانہٕ نگارن ہند ن انفرادی کُھرن اندر تہٕ گرفتار گمرین والیو تہٕ نقادو دیُت تِہنٕز افسانس مقام یُس کنہٕ سماجی حقیقتہٕ یا سماجی حقیقتہٕ ہندس انفرادی ردِ عمل پیٹھ مبنی اوس یُس مصنفن ہند بیرۄنی تہٕ اندرۄنی دُنیاہ اُرتکہ تضاد، اَرکو ہیجان وکھنچ کوشش کران اوس۔ اَمہِ اظہار خاطر بوٚو اُز کی افسانہٕ نگارن طن۔ تہٕ بچو اکھ موثر ہتھیار۔ کملیشور چھِ ونان "کہانی دماغی سمسیاؤں کو کھڑا کر کے آروپت (گِسترٕ تہٕ آمت مصنوعی) سامانجکتا کی اور نہیں بلکہ ساماجک اور سماج سے سمپرکت (وابستہ) وکتی (فرد) کی یتھارتھ چیتنا (حقیقی شعور) کی اور اُنمکھ (وۄتلان) ہے۔ یہ یاترا کہانی سے یتھارتھ بودھ (حقیقی حسیت) کی اور نہیں بلکہ یتھارتھ بودھ سے کہانی کی اور ہے (نئی کہانیاں۔ مئی ۱۹۶۴ء

صفحہ ۳)

یہِ کتھ چھےٚ اہم زِ کاشر افسانُک دس تُل تموٚ مصنفوٚ یم سِند سیوٚد یا ورگہٕ پاٹھی سماجیاتی نوٚقطے نظرٕ ستۍ متاثر گامتۍ آسۍ۔ مگر یہِ کتھ تہٕ چھےٚ یاد تھوٚونۍ لایق زِ یم لِکھاری آسۍ کُنوٚ ہمہِ صدیہِ ہُند مغربی افسانہٕ ٹھیکہ پاٹھۍ زانان تہٕ تمہِ ستۍ آسۍ متحرک تہٕ گرتھان۔ مایاسان، اوٚہنری، ڈِکنز، ٹالسٹائے، ایچ، جی ویلز ہوی افسانہٕ نگار آسۍ یمن ویدۍ۔ یہِ آو برونٹھ یہن ہاوُنہٕ زِ اَمہِ صدیہِ ہُند افسانہٕ اوس گرتھ تہٕ زرتھ آسان تہٕ افسانوی عنصرن ہُند خاص خیال تھوٚوتھ اوس لیکھن وول لیکھان۔ اَمہِ کہِ اثرٕ ستۍ تھوٚو ابتدائی کاشرۍ افسانہٕ نگارن تہِ تِہُند خیال۔ زیادٕ تر کردار آسۍ گوڈٕ بیٚٹھے پننۍ موقف ہیتھ افسانن اندر یوان حالانکہ تِمن آسۍ پتاہ حالاتو کِنۍ تہِ چھِ کردار بدلان مگر تِم حالات تہِ آسہ گوڈٕ صحیح کرُۍ متۍ آسان۔ یہِ چھےٚ عام تہٕ تمان کُنوٚ ہمہِ صدیہِ ہِند مغربی افسانُک تکنیک۔ یہِ وَنُن چھُ صحیح زِ ۵۵۔ ۱۹۵۰ءکِس کاشرِس کردارس چھےٚ اَمہِ کِنۍ تبدیلی یوان تہِ کیازِ تِہُند خالق چھُ اکہِ خاص نظریہِ مُطابِق تس تھوٚون یژھان۔ نظریٕچ کتھ کرِو آسۍ بیتہٕ۔ کردار سیوٚد یا ورل بدہوٚن یعنہٕ بدلوٚن تھوٚون چھُ لِکھاری ستۍ تکنیکی صلاحیتہٕ تام آسان۔ سماجی یا سیاسی نظریہ ہیٚکہ کردار سیوٚد آسِتھ تہٕ باوہٕ یتھ تہٕ ورل آسِتھ تہٕ۔

## ۱۵: سماج وادی ماحول تہٕ ترقی پسند افسانہٕ

۱۹۵۰ءٕ تیک کاشر افسانہٕ نگار کیازِ اوس سماجیاتی نظریہٕ ستۍ متاثر اتھ سوالس چھُنہٕ یتمہِ علاوٕ کانہہ جواب زِ اَمہِ وقتہٕ اوس دانشور طبقس لوٚہے نظریہٕ لوٚبہٕ وُن باسان تہٕ اَفے گوٚو اَمہِ وقتُک کاشر اُدیب تہٕ اَمہِ ستۍ متاثر۔ اتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ نیشنل کانفرنسہٕ ہندۍ قومی تحریکن اوس سماج وادی نظامُک وعدٕ منشورس اندر گوڈٕ بیٚٹھے

شامِل تھوٗوٗمُت یوٚدوَن اَمہِ تنظیمہِ اَتھ تصوٗرس پیٚتہٕ وقتی ضروٗرتہٕ مُطابق نس ڈاج تہٕ مَصلحتن کام ہیوٚن۔ کانگرس پارٹیہِ ہندی پاٹھۍ۔ اَمہِ تنظیمہ کوٚر ووزُل جنڈہٕ تہٕ الباہٕ سُند نشانہٕ اختیار۔ یُس ظاہرن انقلاب تہٕ کوٗمیٚک ہٹن سرداری ہُند اعتراف اوس۔ ۱۹۴۷ء پیٚتہٕ جاگیر داری ختم کٔرِتھ زمین گریستیٚن دِنُک ہیوٗ انقلأبی قدم اوس تمہٕ وزٕ ساری سے برصغیرس اندر ییٚنہٕ قسمُک واحد قدم۔ ہتہ بدن ووٚہرین ہند کلچرل پس منظر کینی تہٕ محنت کش طبقہٕ پرٕ شعورٕ رنہ آسنہٕ کنٛی گیہ تہٕ تمہٕ وقتہٕ سماج وادی تحریک عام نہٕ تہٕ اوس کم از کم لوٗرمُت لیوکھمت طبقہٕ وارہیس حدس تام سماجی رہبری کرنس آماد۔ آزاد صاب اوس وارہیس کالس تام اَتھ تحریکہِ ستۍ (سُہ اوس ایم این رائے سند انقلأبی انسانیتکہِ تصورٕ ستۍ متاثر ییس سماج وادی نیدیلین ہُند پوٚکھ رٹان اوس) دامنٕش وراہ ہمدردی تھاوان۔ مہجوٗر صاب اوس عملن تہٕ اَتھ مدد کران۔ پریم ناتھ پردیسی سُند اردوٗ افسانہٕ ادب چھُ اَمہِ کتھِ ہُند گواہ کمیٚہ تہٕ موزوٗرہنٛز ہمدردی کتھِ کنٛی ہیکہِ ثقافتی حدن اپورٕ ترٕتھ یہ چھُ اَمہِ کتھِ ستۍ ثابت سیدان زٕ محی الدین حاجنی صابن لیوکھ "گریسی سُند گر" یُس بار بار گِندنہٕ تہٕ آو۔ "شہید" "چور بازار" ہیوٗ ڈراماگۍ مقبوٗل۔ ۱۹۳۱ء ییٚنہٕ بیٚہتھ کاشر تحریک سیکیولر تہٕ سماج وادی شکلہِ اندر بروٚنہہ پیٚخ ۱۹۴۷ء یس تام ییلہِ یہ کامیاب گیہ اُسی صرف شراہ وٗری گامتی تہٕ ساری رہبر کیو کارکُن آسی ییتیس کمس کالس اندر کوٗشش بامن ییٚرکھ وُچھتھ سیٹھاہ شاد گامتی، حالانکہ اَتھ اوس ہندوستانٛی قومی تحریک یلغار پیٚتہٕ کنہِ زیٚر زیٚر دوان۔ اَمہِ کنٛی گیہ اکہِ اَند غریب عوام تھوٚد تُلنس کُن حکمرانن ہنٛز ہماتہ تہٕ بییہ طرفہٕ سہل انگاری یا دِ TENDENCY۔ نتیجہ دراو سماجی ذمہ داری ہُند ہُباوتہٕ لاپرواہی کُن جُھکاوتہٕ۔ خاراَدیبن کوٚر اَمہِ وزٕ جان رول ادا۔ یُس کلچرل کانگرس قایم کرنس تہٕ سوم ناتھ زتشی، دینا ناتھ نادم، عزیز ہارون، ارجن دیو مجبوٗر بیتر ادیبن ہندِس افسانہٕ لیکھنس وجہ بنیوو عام لکن ہندی پاٹھۍ چھُنہٕ کاشر ادیب تہٕ زیادٕ

خطرٕ ہِنٛکۍ ہِنٛک قٲیِل۔ اَوے یوٚتام تمہِ وقتہٕ چھِ حکمران جماعژ اَندر ترقی پسندن ہُند اَکھ عنصر کارگر روُد تۆتام روٗزۍ اَدیبن ہنٛز اَکھ بٔڑ پُے اَتھ نظریَس لۄکھوٗل کران تہٕ نٔنہٕ واہٕ اَرٕچ حمایت کران۔

روٗسہٕ کِسن کامہٕ کار ورگن ہُند انقلاٖبُک سٔیدِ سیوٚد اثر پیوو نہٕ کاشرِس افسانس مگر ہِندی اُردوٗ افسانن اوس یہِ بروٚنٹھے قبوٗل کوٚرمُت۔ کم از کم پریم چندن اوس ۱۹۲۱ ہٕس اندرے پَتنہٕ "پریم آشرم" ناولہِ اَندر اَمیُک نٔنہٕ واہٕ ذکر تہٕ کوٚرمُت۔ یَتہٕ گۍ ترقی پسند تحریک تمہٕ اصوٗلن پیٹھ چالو یِم اَمہِ انقلابن قٲیِم کٔرۍ مِتۍ آسۍ۔ کاشرِ لۄ اَدیبو تھوٚو اَمہِ تحریکہِ ہنٛدین علمبردارن ستۍ تعلق تہٕ سجاد ظہیر، یش پال، اُپندر ناتھ اشک، کرشن چندر، فیض، دِنکر، جوش بیترِ اَدیبو ہنٛز آیہ کینہہ یورتہٕ۔ یَتیکۍ مصنف اوس تمہِ وقتہٕ چِنۍ یمن اَدیبن ہنٛزن تصنیفن پٔران روٗدمُت تہٕ ترقی پسند ہنٛجہِ ہنٛز خاطر خواہ سمجھ APPRECIATION آسن پانَس اَندر پٲدٕ کٔرمٕژ تٔس اَس اَکہِ طرفہٕ شخصی حکوٗمتہٕ نفرت تہٕ بٔیِس طرفہٕ اوس یِتھۍ سماجی بدنظامی دوٗر کٔرنی یژھان۔ اسلیے کٔرۍ تمۍ آزادیہِ پَتہٕ تہٕ آزادیہِ بروٚنٹھ غلامی ہنٛد تصویر منقش تیتھے پاٹھۍ یتھ پاٹھۍ انقلابہٕ بروٚنٹھ روٗسی اَدیب زارشاہی ہنٛز مظلوم تصویر دوہ تلاوان آسۍ۔ آزادیہِ پَتہٕ گو واستحصال کرن والین تہٕ بتہٕ سازندرن ہُند اَکھ ورگ پٲدٕ یِہندین کارنامن پَردٕ تُلنہٕ آو۔ زمین میلتھ تہٕ آسۍ گرِستین والان مُسلہٕ۔ یہ کھے تہٕ سُہلاب (۱۹۵۰ءیس اندر آو یِمہِ صدیہِ ہُند اَکھ زبردس سُہلاب) قرضدٲری ہِقدمہٕ بازی گرمہٕ کرٛایہ تہٕ کٹھکارس منز چھوٗر چھوٗر کرونٕی زندگی واریاہ کینہہ اوس لیکھُن لایق تہٕ افسانہٕ نگارس باسیو وزِ سُہ چھُ یہِ سورُے اظہار کرنس پابند۔

## ۱۶:- تحریکہِ ہنٛز خامی

مگر ترقی پسند تحریک چلیہِ یہِ تہٕ، یوٚت کال چلیہِ یہِ تیتِس کالس کوٚرُن تہٕ کانہہ شاہکار پٲدٕ یِم چھِ دراصل اکے سوالکۍ زہروٗخ۔ اگرے تحریک چلیہٕ مژ آسہ ہے فنی شاہکار تہٕ ما گژھہ ہے پٲدٕ (ہتہٕ وٗری یِکۍ سماجی شعوٗرن کوٚر اَکھ گوٚرکی پٲدٕ تہٕ ہتہٕ وٗری یجہِ سماجی کوشش

ہنز و خامیو کوز پاستر ناک تہٕ پاڈ) بیاکھ کتھ چھےٚ ز اگر ے اَمہٕ تحریکہِ کیو افسانہٕ نگارو فنس
کُن تہٕ توجہ دیمٕت آسہ ہے تحریک لیٚہ ہے نوٚو زوٚ۔ (وجوٗد یتیس۔ پیٚتراہ ووہ کھنیٚہ
INTERPRETATION یتھ صدی تام کرتہٕ آمژ آسہ تم آسہ ہے تیٚژ متضاد زِسار ترسیو
مُصنف سنٛے "NAUSEA" فن پار لیکھہ ہے وجوٗد یتھ بحیثیتہٕ اکھ نظریہٕ آسہ ہے ییٚلنو
تضاد دوٚستی ختم گامژ) کاٚنژ افسانہٕ نِگارن سمجھنہٕ یہ معموٗلی حقیقت زِ سہ چھُ اَکس
سرمایہ دارانہٕ نظامس اندر روزان تہٕ پیٚچیٖچ حقیقت باوان۔ یتھ حقیقتس اندر آسہ تہٕ
چھِ تیٚتیاہ خیالن تہٕ سچویشنن SITUATIONS ہندی تصوٗدُم سپدان زِ تمن زلو دِتھے
ہیٚکن ییٚنہٕ فردن فردن ہندی بِن تہٕ ژھین بدکڈنہٕ یتھ تہٕ کامہٕ کار طبقن تام ہیکو سماجی
رہبری واتہٕ ناوِتھ۔ تمو کوٚر تہٕ یہ بِن واضح مگر تِمی دِژ تس سبقہٕ ہَن تہٕ زِ ووہ نیٚرنے
کرُن کیاہ چھےٚ۔ ادب بنیو نصیحتن ہنز تہٕ سماجی مشکلن فال کڈنچ یوتھ۔ گورکی
ییٚنھے یتُن لوکچار، ظُلم تہٕ جبر آسنہٕ تہٕ مویوٗسیہ اظہار کران چھُ سُہ چھُنہٕ ونان کُنہٕ جایہ
زِ کاشہ بہٕ آسہ اَکھ نظامس انقلاب۔ مگر یُرن وول چھُ یران یران ژھریڑ ژھرھڑ
کران زِ بیہٕ آسا زندگی۔ فنکار چھِ حقیقتس بیان تشبیہہ، استعارہ، لفظہٕ ژآر و غارٕ
سیتی موثر بناوان۔ یتھ زِیُس اوٚ تام تِسی تنش پوٚز اوس سُہ چھُ یرن والی ہنز زندگیہ
ہُند پرٕ ربنان تہٕ سماجس اندر اکھ ادِر ینھٕ تبدیلی انان۔ گرٕ ییٚتین م۔ ؤرن تہٕ منزی مہ
وز گکین شہر باشن ہندی افسانہٕ لیکھی اَمہٕ وقتہٕ کیو افسانہٕ نگارو مگر اکھ تہٕ بار ستہٕ گرٕؤس
یام۔ ؤریا لیسہ وول یا کلارک یا پٹواری یا خوجہ کردار کوٚر رُکھ تہٕ پاڈ یتھی تمہِ بیتہٕ اشم
تہٕ گلہٕ بدمعاش (اختر) مال دپدہ تہٕ تُہر۔ کھوٚر (صوفی) قرضہٕ تہٕ (لون) اَشہٕ (رہبر)
مہر (اُمیش) ہوی پاڈ گیہ۔

## ۱۷:۔ تحریکہِ ہنز اوٚ بُنیاد: سماجی شعوٗر

ترقی پسند تحریکہِ اَمہِ خامیہ باوجوٗد

ہیکَو نہٕ اَمہِ تحریکِچ تہٕ اَمہِ نو قطٕ نظر ہٕند وقتی اہمیت نش انکار کٔرِتھ۔ خاصکر یِمہِ اُسی کأشِرِ
افسانہٕ کِہ تہٕ کأشِرِ نثرکِہ ارتقاہس کھتہ کرٕو۔ ہندوستانی تنوظرس منز۔ افسانکِہ زٕ ہمک تہٕ
ارتقاہک مُطالعہٕ کرنہٕ وِزِ چھِ اُسی وُچھان زِ وُہمہِ صدیہِ ہٕندو لِکھار لوکو ڈٔلمہِ کشالہٕ
افسانہٕ جودگری تخیلی تہٕ ہوائی ماحولہٕ منز نٮ۪بر تہٕ حقیقت چہ ٹھوس زمینہِ پیٹھ کوٗر گُھٹرا۔
تِمہِ وِزِ آسنہٕ کانہہ یِرتھ تحریک تِمن وَتہٕ ہاوَک۔ یِہ سپُد اَوکنی زِ عام پأٹھی نثرِچ
تہٕ خاصکر افسانٕچ بُنیاد چھےٚ حقیقت پسندی پیٹھ ڈٔرِتھ آسان۔ یِیلی پریم چندن
تہٕ کوٗر یِلی ہِکی تِمو فن پایہٕ تھٔرِتھ۔ کأشِرس افسانہٕ نگارس میٚج حقیقت نگأری ہنزرے
پوٹھک۔ چھِ جذبأتیت تہٕ فنی کِجرن دیٚت تہٕ تِمس تَتھ پوٗرٕ استعمال کرنس موقعہٕ۔ مگر
تحریکچ گوڈنچ گۄتھ ہِمنس ستۍ یِتھے افسانن نو ترا اے زٕٹ سو ترا اے آسنہٕ حقیقت
نگأری نِشہٕ دوٗر کیہنہ۔ اختر نی مثال نمو "ستھ نگرکی" افسانہٕ چھِ سماجی تضاد ہاوٕتھ تہٕ یِتھ
پایہٕ ورگن ہنزٕ ن مجبوٗرین ہنز عکأسی کٔرِتھ افسانک سماجی کردار فنی شیر پأرِ ستۍ زیادٕ
ٹاکارٕ پأٹھی واضح کران۔ یا شا گٔرِتھ چھِ بریسی واتل اشمہِ کو نِشہٕ ٹاس کٔڈان تہٕ داتلن ہنز
باچرِ نیچ چھےٚ یِنی ڈلیل باوان۔ سأتحراز ہتز اکھ خوشی چھےٚ اَسہِ ناو تہٕ منزی وَدناوان
تہٕ۔ یِتھے کُنی چھِ نبر شال تہٕ خوتہٕ ہترن خوشین گرٕہن واجنی کھینچل یِرن والبق
ہُند دیان ہنگہِ منگہِ خریدارن ہندِ پلوٗن تل ژھینپہِ پیٹھ میتس ڈٔریایہِ ہٕندِ نس
پیزارس کُن گژھان۔ "کُھوس" اندر چھُ سادٕ بےٚ ڈوٗل انسانن پیٹھ طنز کرنہٕ یِوان
یِمن زندگیہِ ہترن داخلی قوتن تہٕ تہذیبہِ کِس ارتقاہس پیٹھ پرتھ چھنہٕ۔ "چھنا
سیدان" چھُ طنز۔ بروٗنٹھ پکنہٕ ناوان تہٕ نوٚس نظامس اندر سیاسی استحصالس وُرن
ٹھوٗد ٹکھ نوان۔ طنزس ستۍ مزاح رل کٔرِتھ تہٕ انسانی کردارِچ بےٚ آہنگی یَد کڈنی۔
یِہ چھُ اَمہِ وقتہٕ کِین افسانن ہُند مُدعا۔ "مال دید" "ژٕ نہٕ ژوٗر" "قدُجو" "دِل" "نوٗ تادن"
ہوو افسانہٕ چھِ کردارن ٹایپ بناوان تہٕ واقعن نمایندگی دِوان۔ یِمن سارِنے

افسانن ہُند کنواس چھُ اکھ سماجی اوٚند بٔریک جہس ( MILIEU ) اَسہِ برونٹھ کنہِ وقتہٕ لاوان یُتھ اَندر سیاسی آزادی میلِتھ تہٕ آزادی کنہِ چھنہٕ۔ شخصی یا فرہنگی استحصال ختم گٔژھتھ نوٚین موقدمن ہُند ظلم تہٕ جبر عام گومُت چھُ تہٕ احتجاجک صدا غائب گومُت چھُ۔ سماجی رسوٗماتن ہندی سوٗنی اَسہِ پیٚوت پلوٗژٔنان چھِ یوٚدوے اَمہِ پتھ بُتھی ریاکاری ہندین موکھٹن تَل کھٔٹِتھ تھوان چھِ۔ رشوت تہٕ اخلاقی پٔس پأیی رُدِش تہٕ فاشن بنیمٕتۍ چھِ۔ سماجی تہٕ سیاسی بے ضابطگی چھِ قدرن ہُنز شکل رٹِتھ حکومت کران۔ اَمہِ صورتحالک بیٚون واتہِ بیان کوٚر اَمی افسانہٕ نگارن نیٚمی ترقی پسندی اختیار کٔرِتھ تَمہٕ کین بُنیادی اصوٗلن سٕتۍ دیُت تہٕ یُتھ فنی شعور رٔٹِتھ افسانس نوٚو زوٗ دیُت۔

## ۱۸:۔ اَفسانن سازی بازٕ تہٕ ذاتھ

یِہ کتھ یٔژ اَسہِ کنہِ پٔس وبیشہٕ بغارٕ ماتہِ ز ۱۹۵۵ء پیٹھ تقریبن بیٚدین وٕرین روٗٹ کأشری افسانن پوٚرٕ کأشُر رنگ۔ ییٚتہِ کنہِ گٔن ہندی عقیدہ جذبات رِوایژ تہٕ آشہِ دأیرا وٕپن، بٔیِہ آو ورگہٕ پأٹھی افسانن منز۔ کأشر کردارک شعور تہٕ قند بازی کتھ گُتألی کنہِ لبٕڈ گٔی بُلہوسی تہٕ مولیوٗسی ٹاکارٕ پأٹھی وۄتلِتھ۔ کأشرِ دُسند متضاد سوٗباو تہٕ توارٕ یحی یلغار برداش کرنک مادہ تہٕ آدٕ نتٕ راوو۔ سیاستس پیٹھ چھُنہٕ اَتھ وقتس دوران کانہہ رلے زٔنی کران مگر بیشتر کردار تہٕ واقعہ چھِ سیاسی ریاکارِیہ کُن اِشارٕ کران۔ بنسی نِردوش نِنین وارِہین افسانن ہُند مُدعا چھُ یِی زِ انسان چھُ کینژھاہ قسمتس اَویٚران تہٕ کینژھاہ کرمن لورٕ۔ "آدم چھُ یِتھے بدنام" مجموعس منز چھِ یِتھی افسانہٕ مِثلن "کس چھُ تقصیر؟" "براںٕتھ" امین کأملُن "نوٚو تاوٕن" تہٕ چھُ یِتھ نوٚس سماجس اندر وۄتلےمٕتین نوٚین مجبوریٚن ہُنز کتھ کران تہٕ نوٚرِ زایِح اَکھ تارٕ ہاوِتھ دِوان، یُس انسانن پانس اَندی اَندی وٕٹن۔ رہبر سُند نوٗر تہٕ افتابہٕ" چھُ تٔژروٗس خابن اندر پریشان ذہنن ہُنز وَکھنے کران۔ انسأنی مقدرک

یہ رُوپ چھُ صاف ہاوان زِ افسانہٕ لیکھن وول چھُ حساس تہٕ اگرے سیاستہٕ کِس اَیرِس ستۭ سیٚد سیٚودلڑان چھُنہٕ اَتھ ستۭ سمجھو تہٕ کران چھُنہٕ۔ واقعاتن ہنٛز بے ترتیبی تہٕ بے آہنگی چھےٚ انسانس بعضے نِر ژوٹ بناوان ۔ تس چھُ پننےٚ پاٚدٕ کوٚرمُت دُنیا دریٚنٹھاک باسان یُس ستۭ نہٕ سُہ دِب کرٕتھ ہیکہ۔ مگر یمۍ یہ نہ ہیکن پاے بیان کران چھُنہٕ اَمہٕ وقتُک افسانہٕ نگار مولیوٗس گژھان ۔ سُہ یوٚدوے سماجی بدنظمی تہٕ سیاسی ناپایدارِ یہ گرفتار کوٚرمُت چھُ سہ چھُنہٕ اَندرٕ ہٕل بنان ۔ سُہ چھُ سماجی رِیاکارِ یہ تہٕ تہٕ دُرُن تُلان۔ غلام نبی باباہ عباس تابش چھِ اَکھ ثقافتی منظر نامہٕ پیش کران ۔ دیپک کول تہٕ نِردوش بیاکھ۔ اَسی ہیکو یہ وُنتھ زِ کاشُر افسانہٕ چھُ اَمہٕ وِزِ سیٹھاہ وسعی سماجی تنوٚع وتلاوان یتھ منٛز ڈاٹرن ہندی تہذیبی رِشتہٕ بیان کرنہٕ یِوان چھِ۔ یمن چھُ یہ گژن اندر اَژنتھ گوڈنچہ لیٖڑ بارٕشن ہنٛز مزاج پرٕ سی کران تہٕ تہندین دِلن سارن ۔ بِرادار (کُنبہٕ) چھُ سماجُک اہم کوٚر یتھ اندر انسان بحیثیتِ فردٕ ہنٛد انفرادی ہتھ رٕچھان چھُ تہٕ بییہِ اَندٕ اجتماعی فریضن پوٗرٕ کرنٕچ ٹرینِنگ تہٕ پرٛاوان چھُ۔ اَمہٕ وقتُک افسانہٕ چھُ اَمہٕ لحاظٕ برٕواری افسانہٕ تہٕ۔

## ۱۹۔ نوٚمغربی افسانٕچ ژٕھ

یہ پزِ اَسہ کیہنہٕ تِل بیٚنٛٹھ تھوٚنہٕ وَرآے مانُن زِ یمہٕ صدٕ یہ ہندسٹیم دُہیل ختم گژھان گژھان یو یہ تبدیلی کاشرِس افسانس دریٚنٹھی یِوان چھےٚ تتھ چھُ اَکھ بوٚڈ بار وجہ یہ زِ یمہٕ صدی ہندین کینژن بڈین افسانہٕ نگارن ہنٛز کرٕبٕگ یِیہ بییتہٕ تقریبن اَتھی وقتس۔ تیٚتھ واتان واتان تہٕ کانہٕ اَدیب چیرچک موضوع بنان بنان چھِ بانژہ اُتھ لوٗری لگان۔ فرانسیسی فلسفی ناول تہٕ ڈراما نگار یِیہ اَکھ مخصوٗص سیاستک علمبردار جان پال سارتر گو اَتھی دُہس اندر مرٕتھ تس اوس نوبیل انعامہٕ میولُمت، یُس تمۍ نامنظوٗر کوٚرمُت اوس ۔ حالانکہ تسند ناول "آولن" (NAUSEA) آس ۱۹۳۸ء یس منٛزے شایع گامُت۔ مگر اَمیک روح روے

متعلق فلسفیانہ آسن کنہ اوسنہ اُمیک اثر یوِر ووتمُت ۔ ووں گوو زندگیہ متعلق پَنُن نظریہ کرِ یوو تِمی ۱۹۴۲ ہس منز "آسُن تہٕ نہ آسُن" کتابہ اندر ظاہر ۔ یم خیال آیہ یتہٕ ٹھوس شکلِہ منز تِہنز ترکہ وجہہ (ترِن ناولن) اندر ۱۹۴۵، ۱۹۴۷ تہٕ ۱۹۴۹ ہس اندر تہٕ بیٚیہ ڈرامہ ہن منز ۱۹۴۴، ۱۹۵۵ ہس منز ..... یموٗ ساروے ستہٕ گوو سارتر سُند ادب زیادٕ ولیوٗد ۔ امریکی ارنسٹ ہیمنگوے ہس دِتکھ ۱۹۵۴ ہس اندر نوبیل انعامہ تہٕ ۱۹۶۱ ہس اندر موٗد سُہ تِھتھ ہے مُہم پسند واقعس اکس منز۔ یتھ اندر تمی زندگی گُذارمژ آس۔ تسٕندی افسانہ تہٕ ناولہ گیہ اَمہ یتہٕ زیادٕ بحث طلب ۔ فرانسیسی ادیب کامو یُس الجیریا ہس اندر روٗزِتھ فرانسس خلاف لڑایہ منز شریک روٗد گوو ۱۹۶۰ ہس اندر فوت ۔ تسٕ اوس ۱۹۵۷ ہس اندر نوبیل انعامہ میوٗلمُت ۔ اَمہ ستہٕ ہیٚتِن باقے فرانسیسی شاہکار تہٕ چرچکی موضوع بتِنہ یمَن منز کانٛہہ ناولہ افسانہ تہٕ ڈایریہ چھے ۔ بیٚین ہندوستانی ادبَن منز (خصوصاً ہندی اُردو یمَن ستہٕ یتیک اُدیب سیدِ سیوٗ و آئیسہٕ اوس) تہٕ آیہ یم مشہوٗر یوٗرپی اُدیب ترجمہ کرِتھ عام کرنہ ۔ یتھ کنہٕ چھ اَسی وُچھان زِ خاص کر ہندی، اُردو ادبس منز گوو "تیٚیٹھ ٹیمپ" ادب اکھ اصطلاحی معنے اختیار کرِتھ ۔ تیٚیٹھ یتہٕ گوو آرِ تہٕ نوٚ جیسیتک شعوٗر پادٕ تہٕ تیٚچ پہچان آیہ ہم عصر تیٚچ نسٕند مانہ ۔ اَمہ ساری ستہٕ یُس ہوا نوا بنیو تمہ ستہٕ آیہ باقیو صنفو علاوٕ کاشرِس افسانس اندر بڈٕ تبدیلی یوسہ نوٚین تجربن ہنز شکلِہ تہٕ نٔو درایہ تہٕ تیٚمو افسانہ نگارس نوٚ احساسک کیو نوٚ سرٕ مُشاہدُک ترغیب دیُت۔

مغربی فکشنس اندر نوٚ تبدیلیہ یمہٕ تہٕ تمَن ہُند اثر یوِر واتُن ۔ یم زِ کیتھ کیتھ کنہ مانوکھ اَسی کاشرِ افسانچہ تبدیلیہ ہندی وجہ؟ ستہٕ مس ڈٲہس اندر اَس کاشرِ ادبی تحریک کامی سرگرم (حالانکہ کاشُر ادب اوس عام ٹکن اندر تیٚتھے نا مقبوٗل یتھ از چھُ) تہٕ مخلٔن اندر اوس عام پاٹھی یتہٕ کنہ ذکر کرنہ آمتین لکھارین ہُند ذکر سیدان خاصکر یمیلہ کانٛہہ انعامہ میلِہ ہے یا سُہ انتقال کرِہے ۔ اُدیب اَسی یمَن یران تہٕ واریاہ یتھ زِ کینژ وَن

ادبی بیٹھکن تہٕ ریڈیو کِتھ باتھن اندر زِ تمن چھُ فلانِس فلانِس مُصنفہٕ سُند اثر۔ ڈاکٹر شنکر رینہ اوس ہیمنگ وے سُند ذکر کران تہٕ ہردے کول بھارتی یَن ووَن گورکی سُند اثر۔ ہری کرشن کولن کوٚر پننِس افسانہٕ مجموعہ "پتہٕ لاران پرِبھ" پیچھو فس منسوب اختر محی الدین کوٚر کامو پسند اثرُک اعتراف۔ یِمہٕ سطر لیکھن والی لیوٚکھ شیرازکس ۱۹۶۴ ہکس شمارس منز "ادبس منز نوٚہر تہٕ پرانہٕ" ناوی مضمون یتھ اندر کینہہ مغربی ادیب تہٕ تہند اثر چ آفاقیت ویرتھاونہٕ آیہ۔ شیرازٕ ۱۹۶۷ ہکِس اندرِس افسانہٕ نمبر دراو تتھ اندر آسی کم از کم زہ افسانہٕ نوٚن فنی تجربن منز نشاندہی کران۔ "زھاپہ گِتہٕ تہٕ "سیٹھاہ معمولی" تہٕ مفہوم ہٕ لحاظ آسہ اختر محی الدین ہری کرشن کول ہردے کول بھارتی ہندی افسانہٕ نوٚن حیثیتن بیٹھ مبنی۔ یِمن افسانن منز چھِ صاف پاٹھی تم اثر بوزنہٕ یوان یم تمی ادبی ماحولک توسیع چھِ یُس لِکھار ہو مغربس منز۔ پاٚدٕ کوٚر تہٕ درِس دِتہس اندر قبول سپُد۔

## ۲۰۔ کاشُر جواز یتھ

مغربی اثر چھِ تیلہٕ قبول سپدان یێلہٕ تتھ کانہہ مقامی وجوہات آسن۔ گوکہ یێتہٕ آسہٕ مغربچ ہش سماجی یا اقتصادی حالت۔ یہ آسہٕ بروٚنٹھ تہٕ زاہنہٕ مغربس متوازی۔ اَدے تہٕ آیہ مغربچ روٚمانیت ڈوڈہٕ ہتہٕ وُہری ہندستانی شاعری منز تہٕ روٚمانیتُک وجہ یُس صنعتی انقلاب اوس سُہ خبر وُنہٕ نہٕ یێتہٕ آمُت چھا؟ مگر یێنہٕ افراتفری تہٕ انتشارس زیو دِنہٕ خاطرٕ کوٚر یێنکی افسانہٕ نگارن تہٕ نوٚ زبانی ہند محاورہٕ استعمال (مطلب نوٚو اظہار نہٕ کہ کانہہ یورپی زبان) تہٕ نوٚ مشاہدُک واتہٕ ناوِر ا ونن بروئے کار یہ زن مغربی ادیبن یێنہٕ بے چینی تہٕ ذہنی کشمکشس زیو دِنہٕ خاطرٕ کوٚر مُت اوس۔ یتھ پاٹھی فون لیوٚر یہ پیٹھ آو مگر کاشُر کتھ کیاہ اکھ اندر چھنا دِیان؟ یێین سائنسی ایجادن ہندی پاٹھی چھِ جسن تہٕ جذباتن ہند واتہٕ ناوِرکی وسیلہٕ تہٕ اکس جایہ ایجاد یا اخذ یتھ

پَتہٕ بینُ الاقوامی ملّیتلہِ چیز بَنان ۔ تَم استعمال کرٕنی چھُ سائنس ضرورتس تہٕ عقلہِ تام آسان ۔
ضرورت اوس اَسہِ یہِ زِ اَتھ وقتس اندر آسِ کٲشُر خاص ہیجانہٕ منز گُذران ۔ سیاسی استحصال
اوس زندگیہ ہُند رُوش بنان ۔ تھٔدِ ایوانن اندر آسِ کردارچ کمی سائیت ASSET بنیمُت
تہٕ ساینن لوکٕچن کیو بجن ٹِین منز آسہِ کرداری وِرثہٕ اکھ مستقل خصوصیت بنیمُت ۔ عجیب تضاد
اوس ۔ ناپایدار قدرہ آسہِ پایدار مانہٕ یِوان تہٕ ماُنی راواہ یِوان ۔ سماجی مسٔلہ آسی کیٛتہ ترأوِتھ
حل ہیدی ہِتی تصوُر کرنہٕ یِوان ۔ ریاکاری آس مولیہِ قرا قلی ٹوٚپہ ہندی پأٹھی شیرس پیٹھ شوبان
تہٕ جِیتنی جبر تہٕ بے راہ رَوی تل دَباوِمُت کرنہٕ آسہٕ کیا بہ پارٹیٛن اندر قوالی ین ہندس طرزس
پیٹھ بوز ناونہٕ یِوان ۔ یِم نعرا کہِ وِزِ ہیکہٕ دژاہتی آسی تِمن اوس مول کھوتمُت تہٕ تِم آسی قیمتی
صوندُقس اندر سمبالِتھ تھاونہٕ یِوان یُتھ وقتِ ضرورت استعمال سیدتھ یِتہٕ بِنیہِ تِہہٕ کرِتھ
تھوٚنہٕ یِہاٛن ۔ مغربس منز آو جنگس منز ہیٚبہِ آمُت انسان زندگیہ تہٕ موتس پیٹھ نوٚسر سوچنس
پیٹھ مجبور کرنہٕ یِیتہِ اوس ثقافتی ریوٲیتن موت یاد پے تھاونو مُت ۔ وونی گوٚ لکھ آسی حمد
پٕران زِ روزِ محشر چھُ دوہ دوہ پِتہ گژھان ۔ یُتھ تِم یِڈ بٔرتھ لیکھا کڈھن تہٕ لوٚتہ تہٕ نیندرہ
کرہان ۔ اَتھ وقتس دوران گیہ تعمیری سرگرمیہ تیز ۔ ثقافتی یین دین ووت عروُجس پیٹھ ۔
مگر تعمیر سید پیہ سڑکہ تہٕ کدل کولہ تہٕ سوٚکھ دفتر تہٕ سینمایَن پیٹھ آنتھ رُوس روپیہٕ خرچ گژھنچ
ریوایت شروع گیہ یُوسہٕ ثُکر قومی پالیسی وُنیک تام چلان چھےٚ تہٕ یہِ چھُ اَسہِ وُیوٚد زِ ہمورِ یوٚ
ہستی کیٛتہ کُنی گوٚ وسماجی توازن ڈلِتھ تیٚمہ ڈنڈوٚ نہ رہ سدان چھینہٕ تہٕ کیٛتہ کُنی گوو اُدیبن جساس
دِلس پرٕ یُن ۔ افسانہٕ نگار سُند لہجہ طنز ۔ یہِ سپدُن تہٕ بعضے اندر ہمل بنتھ پانہٕ پے سوچنس
اَدرِ کھل کرٕنی چھُ اَمہِ کیفیژ ہُند منطقی نتیجہ ۔ مثال تمو اکس تھس افسانہٕ نگار ہنز ۔ لیندرس
اَدبس اندر وقتی مسلن ہستی دوٚریک رشتہٕ باسان چھُ مگر یُس صرف اَمی وقتہٕ یادِ گژھتھ
ہیکہٕ ہے ۔ سُہ گوٚ وشنکر رینہٕ ۔ تِمی وُچھ موتس ہستی ٹھول کرنہٕ زندگی ہنز ۔ چھانچہ ہسپتالن اندر
شروکنن ژامتین بیمارن ہندین تھٕچین پیٹھ ۔ "وونی کہنز وُچھےٚ وأری ؟ " اکھ پرزل کینہ

انسان" چھِ تِسُندِ نیم فلسفی رُوئیک پتاہ دِوان۔ یُس پُتہٕ تَل تِسندِس پَنہٕ نِس تیز حساس زندگیہِ ہُند اَنہٕ اوس۔ یِتھِین حالاتَن اندر سُہ پرٛ ژھیوو تہٕ یِمَن ادیبن ستۍ تَس ذہنی رابطہٕ قائم گوو تِمو منٛز ووہ سُہ بعضے نیم رُوحانی۔ یہِ کتھ چھےٚ تِسندِ ین کینژن افسانن اندر صاف نَنان۔

## ۲۱:۔ نوین علامتن اندر نَوۍ طرٛز

اَتھُس ڈٔہِس اَندر آیہِ کاشُر زندگیہِ ہندین تضادن تہٕ غارِ موزوُن سماجس اندر ووتِل بُجہِ کرونین وومیدن نوُطرز کِین افسانن اندر زیوُ دِنہٕ۔ یِتھِین افسانَن اندر چھِ اُسی صاف پاٹھۍ مغربی فنِ اظہار کۍ نشانہٕ لبان۔ موت تہٕ بروِنھ چھُ زندگیہِ ہُندے مسلہ تیوٚت کٹُر زِ یہِ چھُ گوڈِ سوُن توجہ منگان تہٕ آدم چھِ پریشان حال گومُت۔ کردار چھِ بختاور (جنگ: چمن لال ہکھو) دُنیاوی مسلن سام ہینہٕ ووِل۔ گرُک سوکھ ہورن وول شخص چھُ گوتم (نِروان۔ رہبر) چوکہِ کِس لاقونوُنہٕ برٛہ بارس منٛز ہینہٕ آمُت ماسٹر یُس یسرار نیرتھ ژلان چھُ (ٹھوٗر۔ شانت) کانونٹ گرٛھن والین دو ژمنٹۍ ہوین لڑکن تہٕ کورین طمع چشمو دُچھان تہٕ پانہٕ پوٚنٹرِ مہٕ جمارٛٹ فیل گرتھ ویٚنِ مکھنہٕ تہٕ سُلہٕ (نِگاہ۔ ہری کرشن کول) ہیروُس باوجوُد چھُ ہیرو ینہٕ جنہ سُندِ شُر کتھنہٕ بوان (کوہ قاف۔ فاروق مسعودی) وغارٕ چھِ اَمہِ وقتچہٕ دماغی کیفیژہٕ ہنٛز شہادت پیش کران۔ یہِ کیفیت چھےٚ افسانہٕ کِس تکنیکس جیر اَنان تہٕ تتھ نَوۍ دِتہٕ یَدی اختیار کرناوان۔ زمانچ حقیقت چھےٚ اُساطیری کردارن ہندِ ذٔسی زیادٕ موثر پاٹھۍ پیش سپدان یِمہٕ ستۍ یِتہٕ صاف سپدان چھُ زِ یِم کِردار کیتھ کٔنۍ آسہٕ ہن تِمہٕ دقیقہٕ اظہار خاطر پاٹھۍ کرنہٕ آمتۍ پتکۍ یِم چھِ۔ کیہنہٕ اُسی تواریخی تہٕ مذہبی اعتقادن ہندی کھرٛ۔ اَزکل چھِ یِم اعتقاد ژھُٹہٕ متۍ تہٕ یہِ صوُرت حال باوَنس چھِ یِمے کِردار بکار یوان' زمانکہِ عقلیتک (RATIONALISM) کیاہ ثبوت ہیکہِ اَمہِ کھوتہٕ اَستھ زِ رتن لال مجوہندِس افسانہٕ " ترِشن"، شس منٛز چھِنہٕ مینکا تہٕ وِشوامتر تقدسکی بلکہ ہم عصر حقیقکی علامژ بٔنتھ چکر دِیوان۔

(بھارتی) اندر چھُ ابھمنیو پانسے اَندر جنگان تہٕ زندگیہ کانٛہہ معنے دِنٕچ کوٗشش کران۔ افسانہٕ چھُ یِیمہٕ کتھہِ ہنٛز مثال پیش کران زِ ٹھوس حقیقژ ہُند ذہنی ردِ عمل کتھٕ کٕنۍ چھُ بلُمتے اظہارس زِ ٹھل بناوان۔ یُتھ زَن افسانہٕ پرَن وٲلِس ستۍ اَکِ رتھ باگرتھ سمجھنُک اِمکان موٗجوٗد گژھان چھُ۔ خٲر یہ چھُ صحیح زِ یِتھین افسانن اندر چھِ علامت شاعرانہٕ اکایٕ ژرس زیادٕ نکھہ یِوان تہٕ افسانہٕ کِس بیانیہٕ صنفِس نِش دوٗر پہِن گژھان" بٹن ہنٛز درم کتھا" (ہری کرشن) چھِ وشوامتر و ششٹھ شیش ناگ وغارن توٗس تنوظرس اندر تھوَان۔ "بِسدٕ بادٕن اَٹھیم سفر" (بشیر اختر) چھُ ہم عصر سیاستس سخ طنز کران۔ دیومالایی اصطلاحن تہٕ کردارن ہُند استعمال چھ ہاوِتھ دِوان زِ کاشری اَفسانہٕ نگارن کرِ یا ضابطہٕ کوٗشش زِ خالص مغربی فن گوٗرتھہٕ تسندِس طرزِ اظہارس یِتھٕ حاوی گژھن۔ ہم عصر سوٗچس آو انقلاب تہٕ سماجی کشمکش ہُند تنوظر آو زیادٕ واضح پاٹھۍ سوٗچنہٕ۔ مگر سوٗچنُک ذریعہٕ چھُ بہر حال فرد، افسانہٕ نگار فرد۔ فردٕ سُند دماغ چھُ شیشہٕ یتھ تھرینٛد متھنُک عمل خوٗ دسلتے پوٗرٕ کران چھُ تہٕ اَتہٕ بناوان چھُ۔ یوٗتانۍ یہ پوٗرٕ گژھہِ توٗتانۍ ہیکہٕ تخلیق پرٲرِتھ۔ یِتھٕ چھُ اَزیک لکھٲری زیادٕ حساس۔ وونۍ گوو افسانہٕ چھُ ساری فلسفہٕ باوجوٗد تیلی کامیاب یِیلہٕ لکھٲری سُند تجربہٕ پرَن وول تہٕ کرِتھ ہیکہٕ "کُنۍ ذاتھ" (اقبال فہیم) اَتہٕ (نامِ منصوٗر) پوٗت کتھ (گلشن مجید) وُچھس تل مزار (شمس الدین شمیم) زِ توٗ ہنٛز کتھ (بشیر اختر) ہوی افسانہٕ چھِ تجربن ہندی تم کوٗنج ژھالان یم کُنہِ حدس تام اوٗتام ژھٲری ہتی چھکھ نہٕ۔ وِرثاہِ ح بالغی ہیکہِ اَکِسے افسانہٕ نگارس اندر متضاد تبدیلیہٕ اَنتھ مگر بالغی گژھہِ نہٕ وو ژم یا کانسہٕ پتٕ اَدم آسی۔ یِیلہٕ بالغ ورثار افسانس اندر یِوان چھِ، کردار چھِ سنجیدٕ تہٕ پایہٕ بُڈی بنان۔ واقعات چھِ الفرادی حادثہٕ بدلہٕ وُسعی دایرن اندر دہراونہٕ یِوان۔ افسانہٕ نگار ہندی خیال چھِنہٕ تسند محدوٗد فلسفہٕ روٗزِتھ تھٲژھان بلکہ پرَن وٲلی ہنٛز زندگیہ ہتٕ زن آسَن تہٕ موئیوسین

روزان بلکہ پوشکہ معنے دِوان۔ گوو زِ افسانک شبیہہ یام کرزی تصویرٕ چھُنہٕ ٹوٗر بٕنِتھ پانٛژھ پھولان۔ اگرے سانہٕ افسانہٕ اکھ ترٛاے یہٕ چھِنہٕ زِ جدید جیٛتکس نادس پیٛٹھ افسانہٕ نگارس پٮ۪تھ افسانس ستہِ تشریحی نوٗٹ دِیُن پیٛیہٕ یہٕ چھُنہٕ افسانہٕ خاطرٕ یا خود کانٛہہ زبانی خاطرٕ جان یہٕ اکھ روٗٹ کرُنٛچہِ ذمہ داری نش ہیٛکہٕ ادیب یہٕ ڈٕنِتھ لوٗب ہیٛتھ زِ سُہ کیٛتہٕ چھُ پرٛن وول؟ یُس وسہٕ تُھ وٕنِتھ چھُ مگر پرٛن وول چھُ۔ آسہٕ ہمے نی یہٕ کانہہ لیکھہٕ ہے کیاز؟ افسانہٕ نگار ہیٛکہٕ شاعرٕ سٕندی پانٛژھ کانٛہہ تہنٛدس پرٛن والِس سٕند تصوٗر کٔرتھ یُس تٔس بیٛیہ نِس ذہنس متوازی آسہِ یہٕ تہندین پرٛائیوٹ اشارن پیٛٹھ کلہٕ گلہٕ نادِ یہٕ بٔس۔ زِ لوٗ کدٕ پٕہ کیٛنہہ۔

## ہری کرشن کولنٕ افسانہٕ

# فن تہٕ فِکر

امر مالموہی

افسانہٕ چھُ کتھ، جان افسانہٕ سُہ یتھ منز کتھ وَنٕنچ تجرُبہ آسہِ تہٕ اَمہِ کھوتہٕ جان افسانہٕ سُہ یتھ منز کتھ پاسَل تہٕ آسہِ۔ یہ وَنُن روزِ مُناسب زِ جان افسانہٕ نگار چھُنہٕ فقط کتھ وَننہٕ خاطرٕ افسانہٕ لیکھان بلکہ چھُ سُہ زندگیہِ ہندِس کُنہِ زاوِیس متعلق پننہٕ رٕوِیہ باونہٕ خاطرٕ افسانس رٕنتھ کران۔ یوٚہے رٕوِیہ چھُ افسانس معنویت بَدِ کڈان۔ افسانہٕ چھُنہٕ زندگیہِ کلہم پاٹھی وِرتھاوان بلکہ اَمہِ کِس اَکِس زاوِیس، کُنہِ پہلوٗوس۔ اگر افسانہٕ نگار کُنہِ اَکِس افسانس منز کلہم زندگی کابہٕ اَنٕنچ کوٚشِش کَرِ، سُہ روزِ نہٕ افسانہٕ۔ میانہِ خیالہٕ چھُ جان افسانہٕ کُنہِ معنی بُرتہِ غزلک اکھ شار ہیو یا وَنو زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ پٕرزٕ موخصر نظم ہیو آسان۔ تہٕ یہ چھُ پننہِ اسلوٗبہٕ ستی پرزناونہٕ یوان۔

کتھ بوزنک شوق چھُ انسانہٕ سنزِ خمیرِ منز تہٕ یہ کتھ چھےٚ گوڈٕ کالہٕ پیٹھٕ فارم تہٕ ہیٔژ ہندی اَہار بدلی بدلی برابر موجوٗد۔ افسانہٕ یہ کینژھاہ چھُ تہٕ چھُ سُہ باقین سٕنتھن پیٹھ مگر یا مینک بُتھ چھُ کتھ یا دٔلیل۔ یتھ افسانس منز کتھ ہُند پَن آسہِ تہٕ سُہ ہینگہِ بیٚیہِ کینہہ آستھ مگر افسانہٕ نہٕ پَرن وول چھُ افسانہٕ کتھ پَرنہٕ خاطرٕ پَران نہٕ زِ فلسفہ، سماجیات، نفسیات یا بیٚیہِ کانہہ علم زاننہٕ خاطرٕ۔ افسانہٕ پٕرتھ چھےٚ تَس سو معنویت پلہٕ یوان یوس سُہ تتھ دِوان چھُ یا یمہٕ خاطرٕ افسانہٕ نگارن

افسانہ لیوکھمت آسہِ ۔ پرتھ موادیا پرتھ تجربہ چھُ پانے پننہٕ ہیئت مُقرر کران ۔
یہے ہیئت چھُ افسانہ نگار سُند اسلوب تہٕ رُت افسانہ نگار چھُ پننہ اسلوبہٕ ستی
پرزناونہ یوان ۔ کتھ چھےٚ پیش یا ژٕ لکھارس چھا زندگی تہٕ زمانک کانہہ باوُن
لایق ژٕترُن تہٕ تمی ہنز فنی شخصیت کمہ ہوتر مندی سان چھُ امہ ژٕترنُک اظہار کورمُت ۔
یَس لکھارس کانہہ بوٚرُت تجربے آسہِ تہٕ سُہ چھُ ہوکھی تجربہ کٔرِتھ فقط پننی تگن گرٕی ہاوِتھ
پَرن وٲلِس بُلف کٔرِتھ اکھ وونہ مُرتلان تہٕ ہری کرشن کول چھُ اتھ نہج ندری
وِہنٔ وٚنان تہٕ یِمَن ندری نقادن متعلق پننس مخصوص اندازس منز لیکھان ۔

" تم چھِ افسانس پیٹھ شاعری ہندی میزان ازماوِتھ
تہٕ اتھ منز علامت تہٕ اشاریت ژھانڈتھ یہ مشر اوان
زِ افسانہ یا کتھ ہنز ساری جمالیات چھےٚ کتھ ہندس
گرٕتس یعنی ساختس پیٹھ ڈٕرِتھ آسان ۔ " (یتھ رازدانے)

کتھ وونہٕ نک اکھ مخصوص انداز، کتھ ہند گرت، امکی جمالیاتی تہٕ نفسیاتی موڈ،
کردارن ہند علامت بنُن، ورگہ اظہار، واتہ ناوٕرک خلوص، انسانی نوقطہٕ نظر،
یوہے سورے چھُ ہری کرشن کولنہ افسانہ نگاری ہند فن تہٕ فکری شعور ۔
میٚنے چھُ ہری کرشن وونمُت زِ کامل صابن وون تس افسانہ لیکھنہ
خاطرٕ تہٕ تمی سُند وونُن اوس تس خاطرٕ اکھ پزر ناتہٕ اکھ چیلنج تہٕ تمی ہیوکہ کیتژن
دوہن یہ فاصلہ کٔرِتھ زِ سُہ کیا لیکھہِ تہٕ کتھ کٔنی لیکھہِ ۔ امہ ورِز اوس ترقی پسند تحریک
ہنز نعرہ بازی شہہ ژھوکیومُت مگر ترقی پسندی ہندِ ژٕرِچ روایت آسہٕ تہٕ موہم
تکیا زِ روایت چھےٚنہ زانہہ مران ۔ یہ چھےٚ صرف نوی نوی جامہ پراوان ۔ جدیدیتک
ژونگ اوس زوتہٕ لوگمُت تہٕ یہ آسن نوِ قسمچ نعرہ بازی پننی ہیئتہٕ تکیا زِ ملکی
سُہرس پیٹھ اوس جدیدیتکین پرستارن نوٚو رُوی یہ ترقی پسندی ہند ردِ عمل

باسان ۔ ہری کرشنس خأطر اوسہٕ یہ فأصلہ کرُن سَہل زِ سُہ کیا لیکھہِ تہٕ کیتھ کنہِ
لیکھہِ ۔ ترقی پسندی ہنز نعر بازِ یہ برِیا گوڈٕ کنہِ تتھہ جدید تہجہ کُن ترٛاوِ پیرِ یوسہٕ
اَمہِ وِزِ خیالی تہٕ کم از کم کأشرِ زبأنی تہٕ کأشرِ ادبکہِ ارتقہکہِ حوالہٕ وارِہی حدس تام
یہ ڈیپِزِ تہٕ غأر فطری اُمس ۔

ہری کرشنس اوس نہٕ یمَن دوہَن کأشرِ تہٕ لیکھُن تگان ۔ تَمیٖ کوٚر اُکس
ایماندار اَدیبہٕ پسندی پأٹھی یَنہٕ معاشرِ منز ۔ ییٚنۍ افسانہٕ اخد تہٕ یہ کورٕ تَمیٖ مرحوم
چمن لال چمنس زِ کٹیٹ تہٕ یتھ کنی بٔیوو کأشرِ افسانہٕ "تاپھ" تھٔنہٕ ۔ ہری کرشن
چھُ سُہ خوش قسمت افسانہٕ نگار یَمیٖ گوڈنکی افسانہٕ ستی عوأمی پریتھ تہٕ ادبی منز یتھ
برٛاو ــــ وُچھان وُچھأنی بَنیوو "تاپھ" تَمیٖ ہنز ۔ برزتُن ہُند نشانہٕ ۔ افسانہٕ
چھپنہٕ پتہٕ دٔہہ وُہری لیوٚکھ مرحوم محی الدین حاجنی صأبن مےٚ اَکس چٹھِ منز ۔ "یوسہٕ
کُجہِ ہیوی کأشرِ کردار آیہ کأشرس افسانس یا ناولہ منز سیٹھاہ کم پیش کرنہٕ ۔"

ہری کرشن چھُ سُہ واحد کأشرِ افسانہٕ نگار یُس از تام نہٕ صرف برابر
افسانہٕ لیکھان رود بلکہ یمیٖ ترٛےٚ افسانہٕ سوٚمبرنہٕ چھاپہٕ تہٕ ژوٚرِم چھُس کتابت
سپدان اَمہِ ستی چھُنہٕ کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبہٕ خأطر تَمیٖ سُند ژُ دُکھے یوت وو گُن باسان
بلکہ چھُ پیرَن وأنس برونہہ کُن تَمیٖ سنز تخلیقی شخصیت زیادٕ جان پأٹھی یوان ۔
تہٕ یہ شخصیت چھےٚ پرتھ سوٚمبرنہٕ پتہٕ زیادٕ پریہ وٕنی تہٕ بربوٚر باسان ۔

ہری کرشنُن مواد یا وُنو تجربہٕ چھُ پأنی پاتے ییٚنۍ گرت برٛاوان ۔
سُہ چھُنہٕ پننہٕ آیہ گرٛتھ تہٕ ژرِتھ افسانہٕ لیکھان ہٕ اوٚسے چھُ جیجوف تَمیٖ سُند اکھ
پسندیدہ افسانہٕ نگار ۔ ہری کرشنس چھُنہٕ ہیتی تجربَن کُن رتہٕ کانہہ دلچسپی ۔
تَس چھےٚ ژِ ترنچ یتہٕ یہ ڈیپِزِ تہٕ جگرس وینہہ ترٛاوِتھ ژھر ہٕ ژھر ٹھ کرناوان
تہٕ پتہٕ چھےٚ سو وِزِ واتان ییلہِ سُہ بےٚ شونکی پأٹھی کتھ چھُ وَنان ۔ اَتھ کتھِ چھُ

کرٕدار بروٗنہہ پکہٕ ناوان یا وٗنوٗ واقعہٕ مُطابق چھُ کرٕدار تخلیق سپدان ۔ تمہٕ سٕتۍ فن چھُنہٕ ٹاسرٕ تکیاز ژاتھ منز۔ چھُنہٕ عام پاٹھۍ سوٗ ٹاکارِیت یوسہٕ فنس بدوٗن آسان چھےٚ ۔ وَرگہ اظہار تہٕ کتھہٕ ہنٛدِ ہنٛز ہُنٛد مُسلسل ایساو چھُ ہری کرشنہٕ نینچ اہم خصوصیت سُہ چھُنہٕ پننین افسانن منز تہٕ وچھر کتھہٕ کران تہٕ نہٕ خیالی ۔ سُہ چھُنہٕ لفظن معنے بدلنک یا بدلاونک دعویٰ تہٕ کران ۔ سُہ چھُنہٕ ہنٛزٕ کنی کھوچر کھٹہٕ خاطر نوٗرِ تنا یہٕ ہنٛد پرٕدہٕ تہٕ موٗلی انان ۔ سُہ چھُنہٕ واپہٕ ویرِ ناوس ودیہٕ خاطر لفظن [illegible] ہنٛدی گنڈی علامژن ورگس ژرانان ۔ سُہ چھُنہٕ فلسفہٕ وَنان، نہٕ مارکس دانہٕ راوان تہٕ نہٕ فرایڈ سنٛز اضافیت وَنان تہٕ ۔ نہٕ فرانسیچن میمن کاتھس بروٗنہہ کُن اَنتھ برم دِوان تہٕ نہٕ افسانن تمہ عنوان دِوان یمن کُن وُچھتھے پرن وألس اَبہٕ گرٕنہٕ ہان چھُ ۔ سُہ چھُ پننہٕ دورک تجربہٕ پننس ہنٛد حوالہ دوہہ دِشکین معموٗلی واقعن منز پیش کران ۔ یس چھےٚ سو ماحول وہ پداوِچ ہرٕ شہار تھ یتھ منز ۔ سُہ کرٕدارن نیشہ ناوان چھُ ۔ تمی ہند کرٕدار پوشہٕ کجہ یا تارا وُتی، کشن چند یا موہن لال، کمہنہ، سُلہٕ یا موہن جی چھُ پننہٕ ماحول تہٕ پس منظر کنہ تہٕ پہ یم چھِ ۔ ہری کرشنہٕ نین افسانن منز چھُ واقعہ تہٕ کرٕدار اکھ اَکِس سٕتۍ پیوستہ تہٕ افسانہٕ نگار چھُ افسانس منز ڈرامائیت پاٛدٕ کرنہٕ خاطر اَسہٕ عام پاٹھۍ کرٕدارکہٕ وأسِد واقعس تام واتناوان ۔ مے چھُنہٕ موتی لال ساقی تہٕ اتھ کتھہٕ سٕتۍ اتفاق زٕ ہری کرشنہٕ پرانن ہنز چالہٕ طرزِ بیان چھُ قدیم داستانی اندازک نوٗو تہٕ پزٕ پیہ وُن رٔوپ ۔ میانہٕ خیالہٕ چھُ یہ طرزِ بیان بےہ بُوک تہٕ تہٕ ڈرامائی تہٕ ۔ اُتھ طرزس منز چھُ ڈرامہ تہٕ خود ڈرامائیت تہٕ ۔ مثالے "تاپھ" افسانہٕ ۔ اَمہٕ کس ماحولس تہٕ پس منظرس منزٕ یوت چھُنہٕ ڈراما بلکہ پوشہٕ کجہ ہندس سوچن منز یوس اُتھل پتھل چھےٚ، سو اگر اکھ خود ڈرامائیت چھُنہٕ تیلہٕ کیاہ چھےٚ ۔ پوشہٕ کجہ ہنٛدِ

---

لہ کاشُر افسانہ، شیراز جلد ۳۲ شُمارہ ۱۰۲

سونچُک یہِ لوکُٹ ٹوٹھکہِ چھُتہٕ یہِ دل جاے مگر چھُنہٕ کیہنہ۔ کوتاہ بوڈ ڈراما چھُ تہٕ تمہِ سُند یہِ باطنی ڈراما چھُ پرٕن واٲلس نیہ نیہ کران باسان۔ یہِ ڈرامائی عنصر چھُ ہری کرشنہٕ نِہن افسانن منز۔ تمہِ ہو نرِسان برنہٕ آمُت زِ یہِ چھُ پرٕن وول پانس اَندر تہٕ محسوس کران۔

ششی شیکھر توشخانی صابس چھُ ہری کرشنہٕ نِس اسلوبس منز فنتاسی ہُند رٕت ورتاو اَتھ آمُت۔ ممکن چھُ تی آسہِ مگر مے چھُ یہِ تخلیقی وُبھہٕ وار باسان۔ ہری کرشن چھُ ژُکہِ حقیقت نگار مگر تمہِ سنز حقیقت نگاری نہٕ چھے کیمرا یی تہٕ نہٕ اخباری۔ یہِ چھے تِہِنٛس باسس تہٕ زِرنِس اَکس تخلیقی برفرس منز بازیافت کرنٕچ اکھ رٕژ کوشش۔ یِتہِ دورُک ظلوات یِتہِ معاشرکِہن تقاضن ہُند احساس سُہ باوُژبل دِین زِ پرٕن وول کرِ نہٕ صرف اَتھ قبول بلکہ باسِس زِ سُہ تہٕ چھُ یی سونچان مگر وَنُن چھُس نہٕ تگان۔ اَتھی وَنو عصری حیثیت یعنے یِتہِ زمانٕچ ژٕتنا۔ ہری کرشنہٕ نِہن افسانن منز چھے یہِ ژٕتنا ژھالہِ ماران۔ یِتھ جایہِ "بہٕ" یا "سُہ" ورتاوان چھُ تِتھ جایہِ تہٕ چھُنہٕ تَس یِتہِ دورٕکی تقاضہٕ مُشتھ گژھان یِمن سُہ یِتہِ معاشرکِہن آنن منز۔ وُچھان چھُ تہٕ یِتہ تِہِنٛس تخلیقی تجربس منز ورتاوان چھُ۔ ہری کرشنُن فن چھُ یہِ زِ سُہ نہٕ چھُ وہ پرتہٕ یہِ چھُ ژٕوٕرگاو دھرمس دِتھ سورگس کھسنُک ہنز کران تہٕ نہٕ آیہٕ گنہِ منز اُنی وہ ژٕنلتھ گرا اورکِس باتس چھاوتہٕ یوان تہٕ گرا الیورکس تہٕ نہٕ چھُ پرٕن واٲلس اکھ بے معنے ذہنی ورزش کرناوان۔ اَدے ہیکَن تہٕ تمی ہندی افسانہٕ تمہِ خیالی گرٕ میننہٕ یِتھ تھیمیٹک ماپ اکھ افسانہٕ نگار نقادیمہٕ آیہِ کھر کران چھُ۔

اکہِ افسانُک "بہٕ" چھُ ..... ذاتُک ژِینُن باوتہٕ خاطر لفظن معنے بدلاوِتھ علامتن منز کتھ کرنٕس بیٹھ مجبور تکیازِ موضوعس یِیہِ نہٕ رٕژ

ہُند کانہہ جامہٕ برابر نہ زمانہٕ مکانُک تصور نہ لفظن ہُند شقہٕ مطلب نہ کِردارن
ہُند ڈرامٲئی اہار۔ یہ چھا افسانس متعلق لیکھہٕ آمُت کِنہٕ خُدا صابس متعلق
یَس نہٕ کانہہ جامہٕ بَرابر گژھِ تہٕ یُس زمانہٕ مکانہٕ نیٚبر چھُ۔
ہری کرشن چھُ عام پاٹھۍ بُھتین جوٚرمُت خام ٹھوٚد رِلتھ تہنز۔ اصل
شکلہٕ ہاوِتھ۔ یِرَن وٲرِس یہ احساس دِوان زِ اَسۍ سارۍ کٲتیاہ کھوٚکھرۍ چھِ۔
"داہ آنہٕ شئے آنہٕ" افسانس منز چھُنہٕ سمٲجی لوٚکٹۍ یوت ہاونہٕ آمُت بلکہ
چھُ یتہٕ ہاونہٕ آمُت زِ منگلُن ترنہٕ یا تارنہٕ پیٚٹھ مُقدمہٕ بوزان بوزان نیم
وُریاں زنانَن ہنز شکلہٕ وُچھِن وٲرِس حجبس تام کتھ کِنۍ چھِ اَسۍ سارۍ۔
افسانہٕ نگارس سان بیٚنہٕ عُریانیہٕ تِمہٕ اخلاقُک یا قونونُک سُتھ کَران یِیمیک وجود
سانین حالاتَن منز فقط زیبِ داستان چھُ۔ اَتھ افسانَس منز چھُ لفظ
"ہسا" تکرارِ سان وَرتاونہٕ آمُت تہٕ یہ تکرار چھُ کالجکس ہِٹاپھ رُوٗمس منز
نبہٕ صابنس بیانَس نہ صرف تاثیر تہٕ خلوص بخشان بلکہ چھِ اَمہٕ سِتۍ اَکھ اسرٲرِیت
تہٕ پٲدِ پیدان۔ یِنُن احساس مارُن کوتاہ مشکل چھُ اَکِس حساس انسانَس
خٲطرِ یہ چھُ افسانہٕ نگار "ذکرِ" افسانَس منز ہاوان۔ "وہمہٕ" افسانَس منز
چھِ ژٕ کِردار۔ راوی اَکھ بٕڈ تہٕ پیرزادٕ۔ دوٚشوٕنۍ چھُ وہمہٕ۔ کَس اوس پے
زِدوہ یہ ترٕہ وٕہرۍ یہ بروٚنہہ لیکھمتِس اَتھ افسانس منز چھےٚ تِمَن وہمن جاے
دِنہٕ آمٕژ۔ یم اَز کالکۍ بنگہٕ پَرنہٕ رچھِ تہٕ یم شاید تِمہٕ وِزِ تہٕ پرٕ راَسۍ۔ مگر افسانہٕ
نگار نہ چھُ تقریر کران تہٕ نہ گوٚشش دِوان بلکہ چھُ تخلیقی سُتھرس پیٚٹھ
بنِنس باسَس پٲرِتھ یِرَن وٲرِس بروٚنہہ کِنہٕ ترٲوان۔ افسانُک راوی چھُ
وَنان۔
اَکی شُری کرٕ مےٚ کُن نظراہ تہٕ دِتُن نار "یہ مُلک" باقیوٕ دِتُس جواب

"ہمارا ہے" تمۍ ووٗنکھ پتہٕ "اس کا فیصلہ" تموٗ ووٗنہس، "ہم کریں گے" مےٚ
دیُت گوٗش گمر پننہِ جایہ گوس حاران زِ یمَن شرٕبن کتہِ گو وپتاہ، زِ بہٕ کمُس چھس۔
مےٚ نےٚ اوس پہٕ ٹیوٗک تہٕ کوٗرمُت۔

(وہمہٕ پ۔ ل۔ پ)

افسانُک راوی چھُ بڈٕ آسنہٕ کنِۍ کمتری ہندِ احساسُک شکار تہٕ امہٕ کنِۍ
چھُ سُہ پرتھ غار معقول واقعس پیٹھ خطا مانان۔ یوٚدوے تس کُنہِ رنگہٕ تہٕ کُنہِ واقعس
ستۍ کانہہ تعلق چھُنہٕ ـــــ نہٕ کوٚر تمۍ ہندوستانس ستۍ الحاق، نہٕ کوٚرُن ہندوستٲنۍ
فوجس سال نہٕ لوٗبُن ہندوستانس منٛز کانہہ لاس نہٕ کوٚرُن جلسہ نہٕ کڈِن جلوٗسہ۔
مگر توتہٕ آیہ تس ہندوستانس ستۍ ہنگہٕ منگہٕ کتھۍ کرنہٕ تہٕ سُہ آو پننہِ ہےٚ گرس منٛز ففتھ
کالمنسٹ مانہٕ۔ کردار چھُ یہ سورُے نانان تہٕ تس تام چھُ فقط گوٗش دِیُن
گمرسوٗچِس چھُسنہٕ ٹلنابہ۔ سُہ چھُ سوٗچان۔

"دوٚتا نہٕ ڈاکٹن" افسانُک مرکزی خیال چھُنہٕ اہم بلکہ چھُ سُہ فنی ورتاو لوٗبہٕ ووٚن
لیُس اتھ افسانہٕ نگار دِوان چھُ۔ اتھ افسانس چھ پانژھ کردار یمَن منٛز ترٛےٚ تاراچند
تاراوتی تہٕ ہی بٹنی اہم چھ۔ راموٗجوٗ تہٕ تمۍ سنٛز آشنہٕ ہنٛز کتھ کنہٕ ستۍ چھُ تہُنٛد
لوٗ فقط نظر تاراچند تہٕ تاراوتی ہندۍ کردار ورگہٕ پاکھ بروٗ مہہ کنۍ یوان۔ ہی بٹنہٕ
چھ پننۍ عایلہٕ تہٕ تس چھنہٕ راموٗجوٗ تہٕ تمۍ سنٛز آشنہٕ ہندۍ تاراچندنۍ قصیدہ خوٲنی
خوٗش کران امہٕ کنۍ نہٕ زِ تس چھُ اتھ قصیدہ خوٲنی ستۍ کانہہ اختلاف بلکہ امہٕ کنِۍ
زِ تاراچندنۍ یمہٕ لوٗکچہِ تہٕ پرٛلوٗکچہِ تعریف بوٗزتھ چھُ تس پیٹھ پاپ و وگنان
باسان تہٕ تس چھُ پنہٕ زس گرٛشہان۔ افسانہٕ کس آخرس پیٹھ تاراوتی ہنٛد
اعتراف بوٗزتھ چھُ یک یک اکس ترٛہس منٛز۔ تمۍ سُند سورُے ذہنی دُنیا
بدلان تہٕ سوٗ تہٕ تاراوتی چھ تالہ موٗت کرتھ باکھ ژھٹان۔ صوٗرتِ حال چھےٚ
یہ زِ باکھ ژھٹنہٕ روٗس چھنہٕ ببہٕ کانہہ چارہ روزان۔ اتھ وَدن ٹنُکہِ

چھےٚ پننہٕ تہہ داری۔ ہی بٹنہٕ چھےٚ پننہٕ بیقلأزی بیپھڑ تہٕ ودان تہٕ تاراوٕتی ہنز
ہمدردی خاطرٕ تہٕ تاراوٕتی ہنز۔ باکھ چھےٚ ساأرے عمر چھیٚنبہ گرٕ ھنٕس بیپھڑ مرثیہ۔
دوٚہشوٕتی کرِدارن ہُند نالہٕ موٚت چھُ اکِہ طرفہٕ کرِدارن ہُند کتھارسس کرِتھ عمر ہُند بوٚس
لوٗزراوان تہٕ بیٚیہ طرفہٕ پرٕن وألس برونہہ کُن تہٕ اکھ سوالیا أنان یُس کرِدارن خاطر
تمہٕ سنز ہمدردی وۄپدا دِتھ تس تہٕ معنی ساأوی کران چھُ۔ امریکہ پرٕن وألس BOOKS
ABROAD ناوی رسالہٕ کس جنوری ۱۹۶۴ کس شمارس منز چھُ "بیتہٕ لاران پربت"
سوٚمبرنہٕ بیپھڑ تبصرہٕ کران اکھ افسانس تہٕ افسانہٕ نگارس متعلق وَنہٕ آمُت۔

"THE ANGEL AND THE WITCH — THE BEST STORY IN THIS COLLECTION AND PERHAPS ONE OF THE FEW SIGNIFICANT STORIES IN KASHMIRI IS A FAIR EXAMPLE OF HIS METHOD. THE MORAL PROBITY OF THE MAIN CHARACTER, TARA CHAUD WHICH HOLDS OUR INTEREST NOW THAT HE IS DEAD IS REVEALED TO BE NOTHING BUT A SHAM, HIDING HIS SEXUAL IMPORTENCE. KOUL HANDLES HIS MATERIAL SO DEFTLY THAT IT IS NOT UNTILL THE FINAL CONFE-SSION OF HIS WIDOW THAT WE LEARN THE TRUTH ABOUT TARACHAND. IN THIS WAY OUR SYMPATHIES ...... ARE HELD

IN A CREATIVE TENSION ....

THIS COLLECTION DOES HIM (KOUL)

A GEAT DEAL OF CREDIT.

کول صابُن یہ افسانہ چھُ گرٛتھ تہٕ ژٕرِتھ۔ افسانہٕ نگار چھُ بلکل ریوٲیتی فنی آلہٕ اکہِ جملہٕ سٟتۍ کردارن منز کاینات بدلاوان تہٕ اتھۍ سٟتۍ پرٛن وٲلِس تہٕ یہ ذٕہنس تہٕ وٕتھرٕ بنیٖل ہیوٚ انان۔ تَس چھِہنہٕ پرٛتھ یِوان زِ بقولِ سونہٕ مال "یٛندرازٕ ہیوٚ تار اچیند یُس طوطیا رنگہٕ صافہٕ، بادٲمی رنگہٕ اچکن، سفید تنگ موٗرِ پاجامہٕ تہٕ پالِش کرِتھ گُرگابہٕ لاگان اوس، یُس رُوحٲنی رنگہٕ مہاتما اوس، اوس ژٕکہِ یوٚت ژھوٚرٕ تہٕ تارٲوٕتی یوسہٕ لوٗپُن ہِشِ آس نہ چال، نہ ڈال، نہ عقل، نہ شکل تہٕ ہانٛژ یُس کھوتہٕ ہوٚنی جان چھِیے آسان اَمِس ژٕکہِ پیٛٹھ مہان زِ دٕزی دٕزی کوٚرُن نہ ذٕہرٕ تہٕ زانہہ۔

"کرٛفیو،، افسانس منز یوٚد وۍ نیٚبر مہٕ کرٛفیُک حال نظر گژھان چھُ مگر پرٛن وٲلِسندِس احساسس چھُ یُتھٕ باطنی کرٛفیوٗ کوٚمب کران یُس امہِ کِس مرکزی کردارس رُمِن رُمَن شرٛ نیٚبتھ چھُ گوٚمُت۔ یہ افسانہٕ چھُنہٕ صرف مٲلِس تہٕ ایم۔اے پاس بیکار نیٚچوٕس درمیان ذہنی ژھِہن تہٕ اخلاقی بنہٕ ہاوان، بلکہ روٗڑٕ گمژٕن قدرَن تہٕ جدید آگہی درمیان تہٕ کشمکش بردہٕنہٕ کُن انان۔ یہ افسانہٕ چھُ تمہِ احساسچ باوتھ تہٕ یُس فردس معاشرس برخلاف اعلانِ جنگ کرنس تہٕ مجبوٗر چھُ کران۔ افسانہٕ مُطابق چھُ یہ معاشرٕ موکلیوٗمُت تہٕ اتھ دٕج تروٗپ کرُن گوو وُقراوِراوُن تہٕ پننی بصیرت کھٕج کرٕنی۔ نوٚو سونٛچ تہٕ پرٛون عقیدٕ تہٕ زیوٕ زرٕ پرٛژھ ہینکہٕ نہٕ لرٕ لوٗرٕ روٗزِتھ تکیازِ اتھ منز آسہِ ناہمواری، بٮ۪نہٕ بلبٕ شوٚبی تہٕ ناپایداری۔ مرکزی کردار چھُ یِمہِ آیہِ یہ باوتھ کران:

میٚرٕ لوٗنس پیٚٹھ یُس روغن اوس کھالنہٕ آمُت۔ تمہٕ

اُسی ژکل ہوی وُتھی میتو . . . . تاوُ پکَن اوس کُنہ کُنہِ جایہ
وُبھِ مِستی لاہ کھوتمُت ۔ نوی جورِ بڈٕ اُسی نہ پرانین تاکَن
ستی ہش کھبوان تہ یم ہِلی گلِدِ تا پیح ٹاکین تہ اَنہِ ٹین ہند
خاطرٕ آسہن بناونہ آمتی تمن بیٹھ ٹیبل لیمپ، ٹایم پیس
تہ ڈیکوریشن پیس سجاونی آسی بلکل چارٕ گی ۔ (پ ل پ
ص ۸۹)
مول چھُ یژھان اُتھ پرانہ لرِ ووستہ مہدس اُتھ شیر ناولو
لگر پیتھوس چھِ باسان اُتھ لرِ چھُ ازتہ پگاہ وُسی بیوٕن،
سُہ چھُ سونچان ۔
" یہ لب شیر اَسہ ۔ کوسہ گارنٕ پھِیہ پگاہ بینیہ نہ بیاکھ
وُسی . . . . . "
یہ سورے مکانہ چھُ آوسیومُت ۔ اُتھ چھُ ازتہ پگاہ
وُسی بیوٕنے . . . . . "
مگر یَبَس چھِے وُنہ اَمہِ سَتہ تاکھ ترٛ پور مکانہ کہِ بجرِ چ خوش
فہمی، ییمیک نصف کھوتہ زیادٕ حصہ پرانیو پیٹھو، ٹینہ
کھنجو، جد بڈی بَب ہند وقتہ چہ لیفہ زِچو ستی بَرِتھ چھ ۔
بیلہِ اکھ سیوٗد سادٕ مُنش تہ یم لفظ بوزِ تہ سونچہ زِ یہ ما چھے تمہِ ہندی مکانُک
دلیل یَتھ منہ ۔ فضول عمران منز گرو یتھ سو مہراُو دھ چھے تہ بیلہ اکھ حساس قارِی
پرتس خاطر بنہِ مکانہ، معاشرچ، کشیرِ ہنز، تہذیبک تہ سارِ دُنیہچ علامت ۔ سُہ وُچھنہ اُتھ مکانس منز پننہ
معاشرک ہجر، کجر تہ گجرے یوت بلکہ اکھ اکھ لفظ بنہ علامت، سُہ وُچھنہ اُتھ مکانس منز پننہ معاشرُک
ہجر، کجر تہ گجرے یوت بلکہ اکھ اکھ لفظ بنہ علامت مختلف خیالن، مختلف سسٹمس مختلف مفادن تہ

مختلف نۆلانن ہنزیمہ آدمس از تام برابر گژھان آے۔ سٕتھ تاکھ تہٕ ترٛ بوٗر تمثیٖل ما چھےٚ واریاہ سٕنز
پہٕ کینژھاہ اہمیت رِوایتی انداز (۷) سٕتھ ہٕندسس چھےٚ سوٗ تہٕ ترٛےٚ یعنے
۱+۲ یا وٕنو وحدت تہٕ کثرت۔ افسانہٕ نگار ما چھُ سارِنے پرٛانین مفروضن چیلنج
کران۔ سُہ ما چھُ اَکِس نوٚوِس آدمس، اَکِس نوٚوِس الہامس، اَکِس نوٚوِس ٹیکس
پرٛاران تہٕ آے کانٛچھان۔ یہ تہٕ داَری چھےٚ دوٚیمس یا ترٛیٚمس سٕتھرس بیٚتھ تہٕ یہ چھےٚ
افسانہٕ نگارن ہنز فنی عظمت زِ گوڈنکس سٕتھرس بیٚتھ چھُ سُہ فقط کتھ وَنان۔

افسانہٕ کِس آخرس بیٚتھ چھُ نیٚتھو، سُہ رٕوِ یہ ہٕتھ ہیٚتھ گرٛزلنک سٕنز۔ کران
یُس تمہٕ ٹوٚشن کرِتھ اوس زیوٗ نمُت تہٕ یُس بَب وۄستہٕ مہٕدس لَب شیٖرنہٕ خاطرٕ
دِنہٕ وول اوس۔ یہ ما چھُ موٗجوٗد نظامس برخلاف اکھ بغاوژ ہُند اعلان۔ فرد ہنز
معاشرس برخلاف پننٛ وجوٗد منہٕ ناونچ کوشش۔ سانہٕ دوٗرُک فرد ما چھُنہٕ تتھ
معاشرس چوٗنہٕ جرنہٕ تہٕ پننۍ محنت رَتہٕ چھینیہ دِنہٕ خاطرٕ تیار یٚمہٕ تہٕ تَس کہیں دِتہٕ
تہٕ یُس گرِ کھوتہٕ گرِ آوسان چھُ۔

یہ وَنُن چھُنہٕ صحیح زِ افسانہٕ نگارس چھےٚ کٕلہم رِوایتی قدرن ہنز نفرت۔
تمہٕ سُند المیہ چھُ یہ زِ سُہ چھُ انسانی قدرن، رِوایتی اخلاقی قدرن، خاَرس، جمالس تہٕ
صداقتس لول بران مگر بیلہِ سُہ ساَری سے معاشرس منز یمنے قدرن ہُند استحصال
تہٕ آنہٕ مانے وُچھان چھُ تس چھُ کٕلہم سِسٹم آوٚسیوٗمُت تہٕ کھوکھُ باسان یتھ کانہہ
شیٖر پاَر ہیکہِ تہٕ گژھتھ۔ افسانہٕ نگار چھُ اکِ خلوٗصہ برٕ تہٕ طنز سٕتی ییٚچ مٕ۔ احیہ چاشش
پرٕن واَرس رنگہٕ رنگہٕ ماَل تہٕ رغبت انان چھےٚ پننٛ ہوز بروٚنہہ کُن انان۔ تمہٕ ہنز
دگ چھےٚ تمہٕ سُندس طنزس بلضے تم سوال تہٕ بناوان یم بوٗزِتھ کینہہ لوکھ اکِ غاَر انسانی
آیہ بریٚڈی تہٕ چھِ کڈان۔ افسانہٕ کرِ فیوٗ ہس منز تہٕ چھِ یم سوال وۄتھان۔

'' اگر بینٛ وۄستہٕ مہٕدتس ماَلِ سُند کاکدٕ دِباوِتھ تس بگاَرِ ہیٚنٛز تمیک

بدلہٕ کیاز چھُو مےٚ ہوان ؟ بٔ اگر میون مول
چھُ، یہ چھا میون قصوٗر مےٚ چھہٕ تَس سۭتۍ کانہہ
ہمدردی۔ بہٕ چھُس تَس سۭتۍ نفرت کران۔"

(ص ۱۰۱ پ۔ ل۔ پ)

یہ چھہٕ اَکِس فردٕ سُند سوال۔ یہ چھُ اکھ معاشرُک، اکھ کلچرُک تہٕ اکھ تأریخی
حیثیتُک سوال۔

" پگاہ" ہری کرشنُن طویل افسانہٕ ہیٚکہ وارِہن شٔری افسانہٕ بأتھ
تہٕ کیہنہٕ نقاد چھِ اتھ اَمہِ کنۍ اکھ ناکام افسانہٕ مانان تِکیازِ تہند کنۍ چھِ اَتھ
مستقبلچ چھل لگاونہٕ آمٕژ یمہٕ مےٚ توٗر یہ فکرِ زِ مستقبلچ چھل کیاہ ٲسۍ ؟
میانہٕ موجُوبہٕ کنۍ چھُ یہ ہری کرشنُن اکھ منفرد تہٕ وکھ افسانہٕ یتھ منز اکھ بوٗرت
تجربہٕ ریڈان چھُ۔ اَمۍ افسانن برٲو ترجمہٕ سپدِ یتھ تہٕ قدر منز نتھ تہٕ یہ چھہٕ
سہل کتھ۔ گوڈ چھُ ہری کرشنُن ترجمہٕ کرُن تہٕ مشکل تِکیازِ تمۍ سُندین افسانن
منز چھےٚ کأشر محاورچ COLLOQUIALNESS موجوٗد یتھ ترجمہٕ کرُن پزۍ یا گٹھ
فرہادنی کول کھنُن چھُ۔ اتھ افسانس منز چھُ افسانہٕ نگار تمہٕ بگیچ کتھ کران یُس
سُلس تہٕ کمھنس ہوٕن لوٗکن خاطرٕ زانہہ چھُنہٕ لیوان۔ یہُند زمانہٕ چھُ جموٗد برٕتھ
تہٕ یہنز زندگیہ یُس شٔشرٕ لوٗگمُت چھُ تتھ چھُنہٕ کُنہہ دوٚہ ٹِک ہری یہ تہٕ ولگلان۔
زٕکہ چھےٚ سُلنۍ تہٕ مکھو۔ ساری زندگی زنہٕ شٔشر ماس یتھ منز نہٕ کنہٕ وُشنیر
چھُ آسان تہٕ نہٕ تاپھ۔ اَمہِ افسانک سکوٗل چھُ وٲسی گومُت سٔمے ہسبتھ تہٕ
زبان۔ سکوٗلس چھُ فقط ناو بدلان۔ گوڈٕ پریمی سکوٗل پتہٕ لوٗدر مڈل

---

لہ ہردے کول بھارتی ۔ سون ادب ۱۹۷٦ء

سکوٗل تہٕ پَتہٕ نہرو میموریل نوٚو رِنڈل سکوٗل گمژ زِکہٕ چھُ یہ پریمری سکوٗلے روزان ۔ پنڈت نہرو ہَس پَتہٕ چھےٚ خاندانٕ آیہٕ تمی ہنز کوٗر تہٕ حکوٗمت کران ۔ گمژ سُلَس لکھنَس یا سکوٗلَس منز چھےٚنہٕ کانہہ تبدیلی یِوان ۔ سوٗرُے چھُ روزِتھ گومُت ماحول تہٕ زندگی تہٕ زبان تہٕ ۔ کانونٹچہٕ یَس لوٗکچہِ کوٗرِ لکھنہٕ ژوٗرِ رِ جماژ منز ہوٚچھی عاشقی کران چھہٕ سو چھےٚ ماج بنتھ رِنس ستی جورِ ماران تہٕ کوٗرِ انعامہٕ رٹنادِ تہٕ خاطرِ سٹیڈیم یِوان گمژ سُلہٕ تہٕ لکھنہٕ چھُ وُنہٕ ژوٗرمے جماژ بران تہٕ تمَن چھُنہٕ وُنہٕ بہارِ ٹیاد تہٕ یِیلہِ تم سٹیڈمہٕ کارگنز ران چھہٕ باسان چھُ زِ گژھندہٕ تہٕ چھکِنہٕ یاد دوٚشوے چھہٕ ہیڈماسٹر ہنز ۔ گاوٕتہٕ رَچھان گمژ توتہٕ چھےٚنہٕ پنز مہٕ جماژ کھسان ۔ یِہنز زندگی چھےٚ کینہہ ستی تہٕ لگنہٕ خاطرِ کنہٕ جِرب متھنہٕ ستی شروٗع گژھان تہٕ اَمی ستی موکلان ۔ یہ جِرب ، یہ چھُ سُہ کلوسٹرال یِمو زندگیہ ہنز حرکت خبر کرِ بند کرِتھ چھےٚ تہٕ بُتھ کنُن چھےٚ ژھایہ بے ہنگم بے ترتیب ژھایہ روٗزمژ ۔ یِمَن ژھایَن منز چھےٚنہٕ فقط لکھنہٕ تہٕ سُلے یا آتی بلکہ سوٗرُے سکوٗل ہیڈماسٹر سبکنڈ ماسٹر تہٕ یِیلہِ کُنھ تہٕ ، اُزیکُ یِیلہِ کنھ چھُنہٕ زِگتکُ زہر حیوان بلکہ زِگتس زہر چاوناوان ۔ دِیان ناوِم صاب اوس اُمی افسانن سخت متاثر کوٗرمُت تہٕ سُہ اوس باسنے وِتان زِ اَسہِ چھُ لکھنہٕ تہٕ سُلہٕ گومُت ۔

۱۹۶۷ئہٕ پَتہٕ ووت کاشُر معاشرکین بُنیادی تعمیری عنصرن کانی نوقصان ۔ معاشرُک اکھ حِصہٕ گو وُکنہٕ تام سازشہٕ تحت عجیب سیاسی تہٕ سماجی تضادن منز ۔ اَوٗرِ تہٕ بیاکھ حِصہٕ کنہٕ تام خوفس منز ۔ افسانہٕ "لال مجنون قصہ" چھُ یوٚہے ماحول بدِکڈتھ اکھ طنز ۔ بوٚرمُت نفسیاتی گرت پرٛاوان تہٕ یہ نفسیات چھےٚنہٕ فردن ہنز بلکہ تمن ہیچن ہنز یِہند حِلُن تمن دوہن اوس ۔ مگر کُنھ ہند گرت

چھُ تیتھ زِ افسانہٕ ییہِ اَنہِ تہٕ پرٕنہِ تہٕ پگاہ نہٕ بشرطیکہٕ کأشرِ ن گرٕشہِ زانہہ کأشرٕ زبأنی
کنٕ ظوٗن ۔ افسانُک ہیرو چھُ ژھوپہٕ کرٕتھ تہٕ اَمی سنز یہٕ ژھوپہٕ چھےٚ انسأنی تہٕ
اخلأقی نوقطہٕ نظرٕ روشنوٗنی پروفیسر صأبن زٕم کران مگر تم چھ بینین حأری تأتن، غوٗلن
تہٕ اَکس کھوٗتٕس ایگوہس (EGO) منز تیتی آوری زِ تم چھ اَکس نہٕ سُنن واجینہٕ کنہ
رٕتھ اَنی اَنی یہٕ ڈیٖڈٕ زِ تہٕ کھٕنٕز چھیپٕرٕس میوٗندٕ بناونچ کوٗشش کران ۔ رزاق صأب
چھُ روأیتی کأشرٕ بُیس بینین اختیارٕن ہُند ہمیشہٕ سُہ ناجأیز استعمال کران چُھ ییمہٕ
ہتی اِنسأنیتس تسلی چھُ گرٕھان ۔ شاہ صأب چھُ انگریزی ادبُک پروفیسر اَسِتھ
تہٕ دینی آیہ جذبأتی ۔ بنسی لالس چھُ بِھران زِ تمی کیازِ پرنأو نہٕ کاکی سوادا بجایہ تس
روپیٖس پیٹھ تہٕ تمی کیازِ تُلنہٕ تمی ستہ نوٗنہ برٕتہ گیتا مرُک منز تہٕ رینہ صأب تس
پیٹھ چھُ خوف طأری سپدان ۔ تس چھےٚ باسان بیلی اُتھ تلہٕ گرٕھان تہٕ ہانٕز نہٕ
نام بیلی بدٕل ناوس پینہٕ آیہ وٕنہ وان تہٕ رینہ صأبس زٕم کران ۔ تس چھےٚ نِرملاسارٕنی
کورِن ہنٕز علامتھ باسان ۔ بیلہٕ یہٕ ننان چھُ زِ لڑکس اوس اوتار کرشن ناو ۔
شاہ صأبس چھُ تمہٕ ڈرامہس انٹی کلایمکس لبنہٕ یوان ییمٕک سنز سُہ غأرٕ شعوٗری
پأٹھی کران اوس ۔ رینہ صأب چھُ شُکر کران تہٕ کأنی کینہہ اَتھ دوہ چُھٹی ہیتھ بیلی
ستی ماجہ بھگوتی تس تلہٕ ٹیل گرٕھتھ تہٕ کھلہٕ وُڈُن کرنُک اراد کران ۔ یہٕ کھلہٕ وُڈن
کرنُک تصوٗر چھُ مجبوٗری، بےکسی تہٕ خوٗفچ اَژہین ڈگ ہیتھ ۔ اَژہین اَمہٕ کنہ
زِ اَتھ گوو نہٕ اَمہٕ پتہٕ تہٕ ژہین تہٕ اَمہٕ ڈگہٕ تہٕ سمأجی تضادن لیُ جہار یتہٕ سارٕنٕدر
بیاسٕتہ موجوب، لوٗب، طمع باوتھ چھُ افسانہٕ نگار "نہٕ وٕنتہ لایق کنہ" ناوی
افسانس منز کران ییتہ پینہٕ آیہ اَکھ وکھ اسلوب چھُ یُس اَمی تہٕ دأری بدکڈان
چھُ ۔ ییتہ منز ماجہ کیٖشرٕ ہنز ڈگ لبہٕ ہتہ آمٕژ چھےٚ مگر یُس سرسٕری پأٹھی پرٕنہٕ کنہ
اکھ بھوکھ آسُن تہٕ سرسری کنہ باسان چھُ ۔

رُت اَدیب گژھیا رُت اِنسان تہٕ آسُن کینہٕ نہٕ، سُہ فاصلہٕ ہیوٚک نہٕ شیقہٕ پاٹھۍ کانٛسہٕ کرِتھ۔ مگر اَکس کتھہِ ستۍ چھہ سارِنۍ اتفاق زِ فنکار گژھہِ پننہٕ تجربک پرزرا ایماندارٕ ی سان بروٚنہہ کُن اَنُن تہٕ یہۍ خصوصیت چھےٚ فنکارس اکھ فنی پرتیشٹھا، پرزنتھ تہٕ عوامی لول دِوان۔ جان فنکار چھُنہٕ کُنہٕ رنگہٕ تہٕ فنس منٛز اصوٗل وَرتاوان اگر اصوٗل ورتاوس اَژن تیلہِ بنہٕ اَدب فارمولائی یتھٕ مثال ساناہ ترقی پسند تہٕ جدید ادبہٕ منٛز ییٚتھ پاٹھۍ دِنہٕ یِیہ۔ رُت اَدیب گوٚو سُہ یُس کھلہٕ تہٕ ستہٕ نظر ستۍ کینہٕ ژٕ ٹنک مُشاہدٕ کرِتھ اَمہٕ کِس نبضس تھپھ کرِ۔ یوٚہے نبض، یوٚہے باس چھُ دوٚیمِن باس تہٕ ژٕ ترنس ستۍ زِنتھ فنکار سُنٛز شخصیژ ہُنٛز کوندِ منٛز یپہٕ یتھ یِیہٕ اُدیبس ژھرہٕ ژھرکھ کرناوِتھ لفظن ہُند وُلتھ لبان۔ ہری کرشن چھُ اکھ فنکار تہٕ ایماندارٕ ی سان پریتھ رنگُک تضاد کھوکھرِ پرٛید کڈان۔ ذاتی زندگیہٕ منٛز کم رنگ چھہ تس متعلق چھینہٕ مےٚ معلوٗم نہٕ تتھ چھینہٕ کانٛہہ اہمیت تہٕ مگر تخلیقی سطحس پیٹھ نہٕ چھُ کینہٕ اصوٗلُک نہٕ کینہٕ سیاسژ، نہٕ کینہٕ فرقہٕ پرستی ہُند شکار سپدان، نہٕ چھُ پننہٕ میژ ہنٛز مُشک منٛز تھ اکھ تان دِلہٕ تہٕ بیاکھ راول بیٚنجہٕ گرو تھوان۔ سُہ چھُ فقط اخلاقی تہٕ انسانی نقطہٕ نظر کینژ تہٕ بینس میراثس لول برٕ تہٕ خاطرٕ اَمہٕ تضاد برٕ تہٕ کھوکھرِ پرٛچھ کتھ کران تہٕ یہ کتھ ووت تس "تایھ" افسانہٕ پیٹھ برابر افسانن منٛز وَنان۔ باضنے چھُ تس باسان زیمہٕ چھینہٕ وَننہٕ لایق کتھ مگر وَنتہٕ روٗس چھُس نہٕ قرار تہٕ یوان۔ ہری کرشن کو پنٛنہٕ آوازِ چھےٚ کینہٕ پیر دیگنڈ آئی ینژ روٗس اَمہٕ بتہٕ سازندر سیاسژ تہٕ چھوکہٕ داوی معاشرکہٕ تضادٕ ژیتہٕ وٕنہٕ دِوان ــــ

افسانہٕ "اکھ صاب تہٕ بیاکھ صاب" چھُ استحصالی سیاسژ پیٹھ طنز، متضاد خیالن ہندی لیڈر چھہ فقط اکھ اکی ہندی ژُکی در۔ تکھ بےعقل بناوِنی تہٕ تہندِس رتہٕ چھینہٕ لگہٕ ژس پیٹھ ووشِ تراوِتھ اکھ اکی ہندِ خاطرٕ جنت کھرٕ کرُن،

بوٗتے چھُ پہنٛد دیُت ۔ یوٚہے طنٛز چھُ افسانہٕ "کنٛھ چھےٚ زبوٚ ہنٛز سوال چھُ ڈھوٗنگ" زیادٕ شدت لبان ۔ اَمہِ افسانچ یوسہٕ دستاویزی شہادت افسانہٕ نگار بیٚیس لفظس منٛز چھُ دِوان سوٚ چھےٚ ہاوان زِ افسانہٕ نگار چھُنہٕ مصلحت آمیزی کاٚم ہیتھ پننس تخلیقی ضمیرس زبوٗ ژٹان ۔ اَسہِ ساری چھِ تہٕ عوامی راجس چھُنہٕ جران یُس تحریر تہٕ تقریرچ آزادی دِوان چھُ نگریُس درحقیقت بقول مرحوم محی الدین حاجنی عوامس" حام "زانان چھُ تہٕ توٚے چھےٚ اَتھ افسانس منٛز لکن زبوٚ ژۄرِ رنہٕ تہٕ سلیہٕ دِتھ تمن منسٹر صابنس بنٛگلس منٛز اژنک اجازت دِنہٕ یوان ۔ بیٚیہ تمن بنیوٗ زبوٚ ہتہٕ فرشس لیوٗن چھُ یتھ تمن عوامی راجک وِٹامن تہٕ پروٹین واتہٕ تہٕ بنا کشیرک خاب پیہ باعمل ۔ بنٛگلکس فرشس زبوٗن ہنٛز پالش سیدِ تھ ۔ ژکہ چھُ مقصد فرشس لیوٚی لیوٚی یہنٛز زبوٚ غاٚب کرنہٕ ۔ کوٗل صابن چھُ اتھ افسانس منٛز اکس میتھ رُٹ فنی ورتاو تہٕ وُہراو دیُتمُت زِ شاید ہے آسہِ بیٚیہ کنہِ ہندوستانی زبانی ہندِس افسانوی ادبس منٛز ہندوستانی جمہوری نظامکس دِرس بیٚتھ یوٗت سنجید طنٛز کرنہٕ آمُت ۔

ہری کرشن چھُنہٕ داستان نگارن ہٕنٛدِ پَرن وٲلس رتھ ناوہ تہٕ خاطرٕ کرُٹ کالج کورِن خیالن ہنٛز شہزادِ بناوِتھ تمہٕ آیہ بیٚیتھ زِ سوقیانہٕ جذبس لکہِ وُتش ۔ تمہِ ہندی زنانہٕ کِردار چھِ یوٗنہٕ کیٚچ ، ہی بٹنی ، اوٗشہٕ ، تاراوٗنی ، سرلا ، نرملا ہِشہٕ زنانہٕ یم کٲشر ہندِ حوالہ بنہٕ ماحولچہ پروردہ چھےٚ ، یتھ بیٚتھ بدلونہٕ وقتک سوٚن اثر چھُ ۔ سارے زنانہٕ کِردار چھِ فطری ، باضے چھُ افسانہٕ نگار تیتھ کِردار تہٕ ووتلاوان یُس پننہٕ عملہِ کنہِ زیادٕ ژھاے یا سان چھُ نگریُس اکہِ مخصوص تہذیبہِ کہِ حوالہٕ پننی اکھ برگزٕ شخصیت چھُ تھوان ۔ مثلے "اُنی" افسانچ ہیروین ۔ کنہہ وِزِ چھُ کوٗل تیتھ کانٛہہ زنانہٕ کِردار منٛز کھنڈس ووتلاوان

یُس تیٚتھ مُتاثر کرن وول چھُ آسان زِ سارِ افسانٕچ معنویت چھُ بدٕ کڈان۔ یتھٕ کرٕ راچ مثال چھےٚ "عُریاں کتھ" افسانٕچ کوٚر یوسہ پننہٕ ووڈ بلوٗ پرٕ نیس پنٕنہ سٕتہٕ کرنہٕ خاطرٕ پلہٕ وان چھےٚ۔

ہری کرشنہٕ نِنٕ افسانن منز۔ چھُنہٕ وندموکلِتھ لوٚت وندٕ ژلانے۔ وَندٕچ چھےٚ سارِنے ووٚمید آسان توٚ کنہِ چھےٚ تیاری تہٕ سیدان مگر تا یہ دوہ یتہٕ لوٚت وَند چھُ خلاف توقع۔ دراصل چھُ افسانہٕ نِگارس کشیر ہُند تاریخ فقط برٕم دِنہٕ وول شاٗلی تارکھ باسان۔ تکیازِ یہ چھےٚ "سرٕ ژی کھیل" یتھ وُچھن وول ڈُکس اَتھ دِتھ چھُ سوچان زِ آزادی کیازِ چھےٚ تس برٕم دِوان۔ تس کیازِ آزادی اَتھہٕ موٗ ہتھ نوان۔ سُہ کیازِ مجبور؟ سُہ کیازِ براران، سُہ کَس براران؟ آخر کیا چھےٚ یہ "سرٕ ژی کھیل" وِلن کُس چھُ؟ — ُلکھ — باشعورُ لکھ چھِ ژورِ ژورِ لٹہٕ یہ کھیل وُچھان مگر فکر چھکھنہٕ تران زِ وِلن کُس چھُ، ہیرو سُند مول کینہٕ تمہِ سُند دوس کینہٕ ہیروینہٕ ہُند مام۔ اکھ اقتباس:-

بانو فکرٕ نوٚر زِ وِلن کُس چھُ۔ اُمس کو سہ ژینڈٕ ژلہِ تمہٕ ستہِ؟ یا بے کُس جاگیر ہیکہٕ تس رٕٹتھ۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ کوس یہ لاٰ یہ منز تس بردشٹھ کینہٕ سرٕ کہٕ مندس ژھوٗ نُس بیٹھ بہتھ۔ اُمیک پرواے کرنہٕ وراٰے زِ پلوٗن ماگرٕ شہم لیُتھ۔ پتلوٗنس مانیر تمہٕ کوٚ ھٹی۔ کوٚ ھٹس ماگرٕ شہم گینٔہ۔ تکیازِ بہ ادوٗس تھوکمُت۔ اسٹھاہ سٹھاہ تھوکمُت —

یہ تھکُن تہٕ کُنہِ تہٕ سَنُن چھُ سانہٕ دورُک سُہ دیُت یُس پرٕ یتھ چیزس منز۔ کھوکھرٕ اُنتھ شکلہٕ تہٕ ناو تام چھُ یدلاوان۔ یہ چھُ سُہ جموٗد یتھ منز۔ ساٰرے پہچان چھےٚ راوان — باضِنہ نہٕ چھُ اَتھ ماحولس منز۔ وق کانہہ تبدیلی انان

ہتہ تہ پھٕنے اَتھ کانٛہہ اہمیت ۔ "شمشان وٲراگ" چھُ "پگاہ" افسانچ
معنویت اَتھ توسع منٛز EXTENSION پھٕنے ہوٚنٛرچ ترقی تہٕ تہ دگہٕ ہتھ
INTENSITY تہٕ ۔ یہ پھٕنے راوٕنٛچ دَگ ۔ کرٕدارن چھِ ناو، شناخت
تہ وونِدتام رٲوی ہتہ ۔ میانہٕ خیالہٕ چھِ ژور کردار ڈاکٹر، ٹارزن، بیڈرو
تہ پہلوان اکوے کرٕدار ۔ اکھ کرٕدار ژوٚن خانَن منٛز یاگرٕتھ ــــ کانٛہہ فرق
پیٚیہٕ نہٕ اگر ڈاکٹرنہٕ جایہ بیڈرو تھاوون تہ ٹارزنہٕ جایہ پہلوان ۔ سیٹھاہ تہ
چھِ یمَن دوس مگر شُہ چھِنہٕ وُنہٕ زٕہتھ گومُت ۔ تکیازِ تِم تُسند اوٚندلوٚکھ
چھُ کنہٕ حدس تام زندٕ تہ اوے چھُ سُہ شمشانَس پیٹھ ٹارزن تہ بیڈرو ہسن
وُڈُن وُچھتھ اَتھ شمشان وٲراگ وَنان یُس شمشانہٕ نیرتَس تامے محدوٗد
چھُ ۔ اَمہِ افسانٕچ اکھ خوٗبی چھٕنے زندگیہ ہندِس سوٚدرس منٛز پیرگرٕتھ راوٕنٛچ
سوٚدگ یوٚسہ یمِ کرٕدار غار شعوٗری پاٹھی للہٕ وان چھِ تہ یتھ ستہ یمن تیوٗت
لوٚے کھوٚے گومُت چھُ زِ شعوٗری سطحس پیٹھ چھُ اُمیک احساس تہ موٗتمُت
یمِ چھِنہٕ کرٕدار بلکہٕ ژھایہ ــــ زِندٕ موٗردٕ ــــ یمَن چھُ صرف ٹانہٕ پَرٕز باسان
مگر یہ ٹانہ تام چھُ وٕنِس گومُت ۔

"حالس چھُ روتُل" افسانَس منٛز چھُ افسانہٕ نگار زندگی تہ فلسفہٕ
کین وارِیہَن سوالَن وُرُن تُلان مگر کانٛہہ تہٕ نتیجہ: کانٛہہ تہ پَرٕز چھِنہٕ مُشخص
کران تکیازِ پریتھ کُنہٕ پھٕنے پتہ زِہکہٕ حوالہٕ یُزِ یا اَیرِ آسان ۔ یمِہٕ رچھُ تی یہ
اَسہ کُنہٕ ٹایم فریمس منٛز پوٚز چھُ باسان ۔ یہ چھُ ذٲتی زٕترُن ۔ اَدٕ اَکی زِ ترٕ
اکھ چیز تہ دوٚیم بیاکھ ــــ سامی جلیَن چھِنہٕ ترٕ لگان ۔ تَس خاطرٕ چھُ دُنیاوی
ماحولُک یاوٕنوٗ نیٚبرم پریتھ چیز بدلوٗن تہ اَمہِ کِنہٕ اَیرِ تکیازِ تَس خاطرٕ چھُ پوٚز
سُہ یتھ منٛز نہٕ کانٛہہ بَدلاو یِیہٕ ۔ نفسیاتی نظرٕ وُچھتھ چھِ اَتھ افسانَس منٛز ترے

کِردار۔ سامی جی سُپر ایگو (SUPER EGO) تکیازٕ سُہ چھُ ماحولیاتی پژرٕ رس فقط سوٗچُن مانان۔ مکھہٕ چھُ اِڈ (ID) یُس فقط اکھ منفی سوٗچُک حِصہٕ چھُ کینہٕ وَر، غار حساس تہٕ پوشی ـــ راوی ایگو (EGO) یُس سامی جِیَس تہٕ مکھنس درمیان شوٗنگتھ چھُ۔ اَمِس چھُ حالُک ژیُھہ پریشان کران تیزٕ شوٗزٕ منزٕ چھُ سُہ تنہائی کھوژٕنچ تہٕ گژٕ زیچ دگ مِنجھ پریشانی تمی شِندی دوٗشوے ستی باچ چھِ ویچھتی۔ اَکِس تہٕ تیرنہٕ اَنہٕ گژٕ تہٕ کھوژُن تہٕ بیاکھ کلہٕ نٕکہ کُمل مِنجھ لوٗیے خرھیوٗ پیوٚ مُت۔

اکھ آیہ چھُ افسانہٕ نگار یُنہٕ سماجہ تیرہٕ اَنہٕ گژٕ ہنزٕ کتھ کران سُہ چھُ پینتو ہمسفر وکُنی مولوٗیس تہٕ صُبحَس پرژاران۔ صُبحس یِلہٕ لوٗزٕ تہٕ اَپرٕ سِرگژھ۔ مگر سوال چھُ یہ روٗتُل ییمی گژٕ زوٗل کٔرِتھ ساریسے شِشرٕ لاگِتھ وَتہٕ تام بند کٔرِمُت چھُنے ماکرٕ اَمِس راتہٕ ہسے منزٕ نکر۔ لبقولِ غالب ع کون جیتا ہے تیری زُلف کے سر ہونے تک۔

کوٗل صابس چھُ علامت کِردار تہٕ کِردار علامت بناوُنک ہورٕ۔ "سُہ کُکُر کُل"۔ یہ چھُنہٕ کانہہ کُکُر کُل بلکہ سُہ کٔرِ کُل یُس کتھ وَنِن وٲلی وُچھ تہٕ یَتھ اَندی اَندی داریاہ تماشہٕ پیدٕ۔ بحیثیت کِردار چھُ نہٕ نہٕ تہٕ پوٗشہٕ تہٕ لوٗکُک اَمِین نہٕ تہٕ بَبہٕ ہوشُک آگاہ تہٕ یس یہ اَکِس جوان زنانہٕ ہنزٕ پٔژِیہٕ زوٗچھِنس ہُژ اوس روزان تہٕ اَدے ژٕرٕ ناوِنوو تمہ یہ بظاہر ہیٚنشُل آیچ موہر لگاوِتھ۔ بحیثیت علامت یِیہ چھُ یہ کٔرِ کُل اکھ تماشہٕ اکھ کاوِ پینہٕ وول، اکھ ٹاوٹاو تہٕ بَس۔

"راگ وٲراگ" افسانس منزٕ چھُ انسانی فطرتُک ہُند دیکھٕ زر ہاوُنہٕ آمُت۔ کِشن چند یَمہٕ آیہ بٔنِس خاندانی تہٕ تحصیلدار تامِس بُتھِ لگان چھُ سُہ سورُے چھُ تسی بینِس نیچوِس روٗپ کرشنہٕ وِزٕ مُشتھ گژھان ـــ

کِشن چندیُس راوی پتھ دس پیٹھ رِس "انارکلی" ڈرامہس منز۔ اَمہِ کِنۍ روول دِرِ نشتہ
انکار چھُ کران زِ تَمۍ چھُنہٕ پننِس مالِس روگہٕ جوس کُنہٕ بڑ دوہ یا لوکہٕ دوہ دستار
وولمُت تہٕ نہٕ چھُس والہٕ نُک ارادٕ چھُ روٗپ کرشنَس زندگی اجیرن کران۔
یوٗ دوے کِشن چندُن مول سری کنٹھ تیک پننہٕ وقتہٕ تحصیلدار آسی، دولتہٕ تہٕ زمین
جایدادُک زبردس دبہٕ دبہٕ اوس تھوان مگر تہٕ کرُتھ تہٕ ییلہٕ کِشن چندس ماٗلۍ
میٹرکس تریِٹمہٕ لٹہٕ فیل گژھہٕ کِنۍ کُتھ کرِ نی زتہ اوس سُہ لوگ پننہٕ لرِ سیدسیوٗ ڈیکہٕ واوجہٕ
ہتہٕ تموک کِہنہٕ ہتہٕ اَمہِ ستۍ ووتھ تحصیلدار دِ تہٕ خاندان ژُرِتھ رہٕ چوٗ مجبوٗر لوٗکتی اوٗنۍ
گرٕ۔ اَمہِ پتہٕ روٗد کِشن چندُن پاتھر کرُن، گوٗن گِندُن ماٗلۍ سندِس چھُس پیٹھ جاری
تہٕ ییلہٕ اکہٕ دوہ سُہ جیکس پیٹھ ووتھ رِ دس کھوت تور وۍ آین ژناپہٕ بنداہ وُرِش اَرندتی
یُس متعلق یہ تام معلوٗم اوس نہٕ زِ سو آسہا وور زِ کہنہٕ موند ڈیکہٕ وانہٕ کوٗر ــــ سُہ
اوس تس ستر ان کران وُچھتھ عاشق گومُت تہٕ آسِ پانہٕ زِ ہرن ہش ٹلی ہیرہٕ مرٕ
تہٕ اَمہِ ستۍ اُس تَمۍ سندِس مالِس سری کاکس ہِتھ رب متھہٕ آمڑ۔ بایہٕ ہیچھی کار کرتوٗ
کرن ووٗل کِشن چند چھُنہٕ نیچوس کتام سِکہٕ کورِ ہتی کرنہٕ دِوان تہٕ کِمہٕ تام لاکیچہٕ
کِنۍ کتام ڈپٹی سیکرٹری ہتر۔ بدشکل بے شوب تہٕ کِتہٕ کور زِ چھ کورِ ستی خاندر
کران ــ ووٗنۍ نہٕ چھُ روٗپ کرشن خوش تہٕ نہٕ تَمۍ ہتر زنانہٕ، نہٕ کِشن چند۔
ییلہٕ روٗپ کرشن پننۍ سارے دگ سازن منز۔ وہتر اونٛ کوشش کران چھُ
تہٕ کِشن چند براندس پیٹھ بیہتھ تموک چوان زنانہٕ وَنان چھُ زِ تس پرِ ہے
نیچوس تسی سِکہٕ کورِ ستی خاندر کرُن۔ اَرندتی چھِ نہٕ پننی ذات مُترِ اتھ منز تھوَنان
زِ سِکہٕ کورِ ستی خاندر کرُن گیو دوہ دِ نُس گرمتہٕ پھیوٗر تراوُن۔ یہ انسانی
وِبھژار، یہ تضاد، یہ ظاہر پرستی، اصل وجود منز اونٛ انسانی فطرت، یہ
سورُے چھُ افسانہٕ نِگار اسلو بچہٕ سوبز لہٕ ستی تِتھ پاٹھۍ دانہٕ راوان زِ پرن

وول چھُ بے شوٚنکی پاٹھۍ پانس وُنۍ دِوان زِ سُہ تہٕ ما چھُ کُنہِ نہٕ کُنہِ رنگہٕ سماجی
فاشن پالنہٕ خاطرٕ پننس اصل وجودس کتر کھینچہٕ ستۍ کھش کران ۔ پرن والِس
پانس ستۍ چھُھ کرٕتھ یکہٕ ناونکُ بتر چھُ ہری کرشنہٕ فنک اکھ رٕسیل اظہار
تہٕ یہ اظہار چھُ "سیھ راز دلنے" سوٚمبرنہٕ منز زیادٕ پریٚیہ وُن باسان یمن افسانن
ہُند ماحول چھُ کشیٖرٕ نیبر تہٕ امہِ کنۍ چھِ یمن افسانن منز تم مسلہ کلہٕ کڈان یہند
تعلق بڈ ین شہرن ستۍ چھُ ۔ انسانہٕ سند شناخت، تمی سُند اکھ مشینی تہٕ نفسانفسی
ہندِس ماحولس منز راوُن تہٕ اکہِ مشینہٕ ہند پُرزٕ کی پاٹھۍ گسہٕ سیھ ژھوٚرٕ ڈیرس
پیٹھ واتُن تہٕ ماحولچہٕ رنگہٕ رنگہٕ کثافتہٕ منز ہُربر کرُن ۔ یہے معنویت چھِنے
"سیھ راز دانے" تہٕ "پزٕ سونچیتہٕ ہنا" افسانہٕ بد کڈان ۔ افسانہٕ "ہانگل"
تہٕ "ہوٚنۍ" چھُ انسانی رِشتن ہُند راوُن ۔ انسانی وِلقارُک تہٕ بکرک
راسی گرژھن برون نہٕ کُن انان ۔ "فیر وِل" افسانہٕ چھُ تتھ لوٚکس کُن اشارٕ یمِ اکھ
سسٹم تھنہٕ سارٕ ے سے کشیٖرٕ منز واریاہ کالہٕ پیٹھ جارٕی چھُ یتھ منز ۔ ایکا ندارن
دستار والنہٕ چھُ لوان یتھ تم امہِ سسٹمکی قصید پرن ۔ ہری کرشنن
طنز چھُ یمن افسانن منز زیادٕ تیز پراوان تہٕ تمی سُند تخلیقی سوٚنچھُر چھُ
زیادٕ کاڈ کڈان ۔ ووٚنۍ چھِ تمی سندۍ کردار سمیٖس لرٕلوٚرٕ انسان آسنہٕ بجایہ
ہندسہٕ باسان ۔ سارے زندگی زنہٕ ڈجٹن (Digits) منز تقسیم چھِنے سپزمٕژ
یتھ منز "موہن جیئں" ہیٚو انسان ژُ وُتس پیٹھ لبسہٕ پراوان چھُ ۔ یہ آری پراری
لوسان زنہٕ وِیٹنگ فار گوڈو ___ سرلایہ تہٕ موہن جیُن خوانی رِشتہٕ ___
موہن جی دِلہٕ منز سیٚے گاشرٕ شکس لدیہٕ ٹکو تا تہٕ سرلا مِسٹر گنگولی کمس تام بڈس
بنگالی افسرس ستۍ کوٚرے ، نہٕ رشتن ہُند کانہہ احساس ، نہ کانہہ اخلاق ، پننہٕ
ہستی منز یمہٕ انا یچ شکار تہٕ پننس غریب بابس ہندِ سے لوٚکس یایہٕ نہٕ بلکہ تمی

ہنٛز سأری ہے زندگی غأرشعوٗری پأٹھۍ لبہٕ مونٛڈ کران ۔ موہن جین المیہ چھُ یہ زِ سُہ پننۍ شناخت رٕچھنچ کوٗشش کران ۔ مگر سُہ کیا کرِ ۔ سورُے ماحول چھُ تس برخلاف ، تمی سندۍ شُرۍ تام یمن بیلوٗ تہٕ ڈبلو ہوی لے معنے نا و چھِ ۔ یِیلہِ شُرۍ ہندی زبأنۍ منٛز پوٗچھ متعلق تس پرٛژھان چھ سُہ چھُ تمن چیا تھ لایان تہٕ وَنان ۔ "شُکس شُرۍ ۔ ہیہٕ مٹس بیٚٹھ لوکھ شور ، یِلہٕ کیا چھم ہندی کران ۔ بدبخت نہ روزِ ہٹکِ تہٕ نہ تتکی"۔

ہیۍ گرٕ راوُنچ دگ چھےٚ "ژٕ سوٗنچتہٕ ہنا" افسانس منٛز کاڈکڈان ۔ یہ دگ چھنہٕ فقط اکِس گرٕ رأوی ہٕنٛدس کأشرہٕ ہنٛز بلکہ تمن سارِنے انسانن ہنٛز یمن گرٕ رووُمُت چھُ ۔ انسان چھُنہٕ فقط کھیٚنہٕ ، چیٚنہٕ ، شونگنہٕ تہٕ کیٚنہٕ سالس تل روزنہٕ خأطرٕ یوت زندٕ ۔ سُہ چھُ فقط اکِس معاشرس منٛز بھیان تہٕ انسأنی تکمیل لبان ۔ پننہٕ سنسکرٕتی ہندۍ سنسکار چھُ تس رٕمن رٕمن وُشنیر کھوان ۔ انسان چھُ کمٕ ورأستھ تہٕ بیٚنس کلچرس ستۍ تھٕ آسنہٕ کنۍ پانس کأفی وُسعتہٕ وار زانان ۔ مگر یِیلہٕ تس پننۍ ثقافت —— پننۍ موج راوان چھےٚ سُہ چھُ زندے مران ۔ "ژٕ سوٗنچتہٕ ہنا" افسانُک کردار ماجہ ، نہ ماجہ کٔشیر پرٛژھان ۔ اقتباس ۔

مےٚ کُس اتھرُ اوس کوٚرمُت زٕ ژےٚ کوٚ ڈھٕنس یہ پننہٕ

"کوہ چھِ منٛز ہنٛز ...... ژےٚ سنٛدُے اندیشہ.....

ژٕ تتہٕ چھُ ووٗنی ہوا سیٚٹھاہ ہوٚندریومُت ۔ خبر کمہٕ

ساعتہٕ یہ سوٗشینہٕ ژھٕٹھ یوٚ یہ مےٚ مأرِتھ ژٕھنہٕ ۔

مگر ژٕ سوٗنچتہٕ ہنا انسان چھا صرف اکے طریقہٕ مران ؟

پیٚتہٕ روزن وأنی سرجن

رشو بند و گھوش ، مسٹر ملکانی ، بہادر ، یم سأری تہٕ چھنا پتہٕ پتہٕ جایہ

کرنا میتھ موٗدی متی۔"

یہ افسانہٕ چھُ ۱۹۹۰ء برونٛہہ لیوکھمُت یێلہِ کشیرِ نہٕ شینہٕ ژھتھ آس تہٕ نہٕ کرٕ ہٕ مُتی شینی، فقط اَس سوٚرٕ دگ یمِن استقبالس پرٛاران۔

"بھر" افسانہٕ چھُ فکرکہِ تیوٚت تہہ دار، تمثیلی تہٕ علامتی آیہٕ تیوٚت باڈُودار تہٕ افسانہٕ ہوٚنٛزِ کنہِ تیوٚت وُستہٕ دار زِ یہ چھُ ہری کرشنہٕ سنٛزن افسانوٚ منزٕ اَکھ تہٕ کاشُر افسانٕچ کانہہ تہٕ REPRESENTATIVE سوٚمبرن آسہِ امہِ افسانہٕ روٚس نامکمل۔ اَتھ افسانس چھِ وارِیاہ سوٚتھرٕ تہٕ ڈینٛگ چھُس یہِ یہ چھُ بہن ناجِیزن ہنز کتھ۔ دوٚیمِس سوٚتھرس پیٹھ چھُ افسانہٕ نگار تہذیبی ارتقہکس گوڈٕنِکس مرحلس بازیافت کران۔ انسانی تہذیبچ گوڈنِچ صوٗرت یێلہِ نہٕ انسانس کانہہ خود غرضی آس تہٕ امہِ کِنہِ نہٕ اوٚس کانہہ دوس تہٕ نہٕ دُشمن۔ سُہ اوٚس اَکھ پوٚرٕ وجوٗد مگر یۄتاہ تہذیبُک کاشُر پیوان گوو سُہ گوو چھکرنہٕ یِوان، سو کھہِ ساوی زندگی گذاران، گوو کلس کیاہ تام زِ سُہ گوو گاڈن لوشش لاگنہِ — اَتھ دِرنٛتبدلِ کرِتھ چھُ تہٕ لوٚنگ لوٚگ نہٕ صرف یہِ وَننہٕ زِ لوشش گرتھ ھن آرس لاگنہٕ ییِٛ بلکہ اَمِچ طاویل کران وُنی تمِ تر، نار تہٕ لوٚرِنی دلیل پھوٚبھی وُژھہ نہٕ یہ تفسیر ہنٛز مگر تس توٚگ نہٕ کینٛہہ وَننُن تہٕ تس ترٛو وسارِ ہوے اَتھن۔

افسانہٕ کِس خوشگوار ماحولس منزٕ کرٕ ہنس پارٕ ژھی واٚلی سُنٛد برٛچھ ہیتھ ظاہر سپدُن چھُ اَکھ وُستہٕ دار تہٕ منظم آیہٕ انسانی مساواتک تہٕ کُنٛزک پارٕ پارٕ گریٛھن ہاوان۔ وودنی چھِ پیٛھرٕ منزٕ روزِتھ آرٕ چہِ گاڈ کھینُک تمنٛنے حق یمِ کرٕ ہنزٕ پارٕ ژھی لاگن۔ پھوٚبھ چھُ اَتھ جبرس برخلاف وَننُن یژھان، مگر زبان چھس نہٕ دم پھُٹ چھُ گرٕ ژھان مگر تورٕ چھنہٕ کرٕ ہُن پوٚرٕ ژھ لاگن۔

اَتھ افسانس منزٕ چھِ ترٛے کردار، یا وَنو ترٛے علامژ کانٛی اہم۔

اَوّن اَکھوٗش تہٕ پھوٗچھ ۔ اَوّن چھُنہٕ کہِں وُچھان تِمہٕ کیٚنہہ چھُ سُہ NON-
DETACHED تَس چھُ باسان زِ تَس چھُ سفید پوٗژھ لاگِتھ یِلہٕ زَن تَس
دوکھ دِتھ کرٕہُن پوٗژھ چھُ خبر کر لاگِتھ آمُت آسان ۔ تَس چھُنہٕ یہِ معلوم
سپدان زِ پیٚتھر منز کرچھُ کھوٗتی راج آمت تِمہٕ سُند بٔستی والیٚن ہُند ذہنی
رُوی یہِ کرِتہٕ کِتھ کُنہِ بدلیہ ۔ سُہ چھُ تِمَن منز روٗزِتھ تہٕ الگ ۔ ییٚتِس حالس
منز مَس ۔

یِلہٕ پیٚتھ چھُ حساس ۔ تِمہٕ سُند واحِد مسلہ چھُ، تِمہٕ سُند سورنچ، تِمہٕ سُنز
دلیل، تِمہٕ سُنز معقولیت ۔ سُہ چھُ پرٕتھ کیٚنہہ اَتھ معقولیتہٕ کِہ وَچہ کھاران
تہٕ یہِ اَتہٕ پوٚز چھُس باسان تہٕ چھُنہٕ وُنتھ ہیکان تِکیازِ اَتھ چھُس زَنہٕ
تِکِ تَس وَنتِچ نہٕ بوزِ کانہہ، ساٚری تراوِن تَس پیٚٹھ اَسُن ۔ حاس آسنہٕ
موجب چھُنہٕ سُہ پانَس پیٚٹھ پرٕتھان کرنادِنی اَمہٕ موجب چھے تَس پھوٚچھ
زِلو نلیٚتھ گرٕتھان تہٕ سُہ چھُ ہمیشہ یہِ دگ للہٕ وان روزان زِ پوٚز
زانِتھ تہٕ ہیکِ کیٚنہہ تِمہٕ زانہٕ پوٚز وُنتھ ۔

کھوٗش چھُ خبر کیٚتہٕ پیٚٹھ کرٕہنی پاٚژھی پھیٚچ ہیٚتھ لوان تہٕ کِتام بادشاہ
سلامت سُند حوالہٕ دِتھ ہیٚنہٕ ہیٚنہٕ سارِنے کرٕہنی پاٚژھ لاگنا وان تہٕ کرٕہنس پاٚژھس
تہٕ زِندروزِ نس منز اَکھ تعلق پاٚد کران تہٕ ہنگہٕ منگہٕ سارِنے منز ذہنی تبدیلی
اَتھ حدس تام اَنان زِ ساٚری چھِ کھوٗشی بنان تہٕ اَمہٕ وِزِ چھُ پھوٚچھ سوچان ۔
"پاٚژھ کِس رنگس تہٕ گاڈِن کیاہ چھُ پانہٕ واٚنی واٹھ ۔ گاڈِن چھُ واٹھ
اَیڈ ہنز بوچھ سِتی ۔ یہِ یِمَن کرٕہنین پاٚژھن تَل چھُتی چھُ میٚے سفید پاٚژھس
تَل ۔ کرٕہُن پوٗژھ، سفید پوٗژھ ۔ نہٕ اَکھ اَکِس نِش بیوٚن نہٕ اَکھ اَکِ سِند
کھوتہٕ بہتر ۔ نہٕ ہیکَن تِہندی کرٕہنی پاٚژھی تِہندی غاب غاب غاب

کرِتھ نہ ہیکہ میون سفید پوژھ میانہِ زندگیہ ہُند کوس کاتھ۔" (یِتھ راز دانے ص ۵۲)
ممکن چھُ ِزبلہ نظر ما آسن یہن پرِژن کُن اشارہ یمن منز سارے آبادی گرِتھ
چھِنے۔ یہ افسانہ چھُ دون رنگن بدِ کڈان —— سفید تہ سیاہ، پوز تہ اپُز۔
وحدت تہ کثرت، وجود تہ چھکرن۔ مگر یہ چھِنہ کانہہ رزمیہ زِ پوز زینہ۔ یہ
چھِنہ کانہہ کشمکش۔ یہ چھُ سفید رنگک اعتراف شکس تیمیارزِ سہ چھُ کانہ
منز محدود۔ یہ افسانہ چھُ انسانہ سُند پانی پانس بپنہ کھوچہ (RATIONALITY)
ستی رِتہ داوی کرنک المیہ۔ یہ چھِنے تمن پھرن منز دلیل یم پوزی پوزی پرِتھ
دورس منز انسانس پننی الٰہی ارزتھ تہ ماصمیت راوِ۔ یمن پھرن دیتو کُنہِ تہ
منظم تحریکہِ ہُند ناو۔ یمو پھر بو بھالو انسان ہو چھِنہ کولہ تہ پھٹھ گوس
برم اِتہ سہ اوس آبِ حیاتس منز ڈونگہ ڈُنگ کرِتھ امر یِتھ چوان۔ مگر پھوِچھ
پژر رلود فاقے تہ دم پھٹ۔ یمو پھر و نہ یمو کوڈس پننُ روپ الگ تہ سو
وحدت، سہ انسان، سہ پژر گود چھلہ چھلہ یتھ نہ کانہہ رنگ اوس تہ نہ کانہہ
آکار۔ ہری کرشنہ نہ امہ افسانہ کِتھ پژمتے غالبُن یہ شعر پرِتھ موکلاوِنہ

ہم موحّد ہیں ہمارا کیش ہے ترکِ رسوم
ملتیں جب مٹ گئیں اجزائے ایماں ہو گئیں

تنقیدس منز چھِنہ کانہہ کُنہ آخری آسان۔ تنقیدی اصول زھنڈی
زھنڈی، ہینی ہینی تہ تولی تولی چھہ یم اصول بکار ییہ وقتہ کھوکھر باسان۔
تنقید چھُ ژِکہ تنقید نگار سُند اکھ ذاتی ردِ عمل۔ سہ چھُ تمہ معیارس پیٹھ
کُنہ چیزس سام ہیوان یُس تس پننہ ذہنی آکار تہ ادبی زوی یہ کِنہ مولُل چھُ
باسان۔ اکھ کتھ چھِنے ضروری تہ پرِتھ کُنہ قسمہ کس تنقیدس منز اہم ز
تنقید چھِنہ لیوان کانہ ہندِس ذاتس کرنہ بلکہ تمہ فنس یمکہ واسِد ادبیہ،

منز ادبی شخصیت تنقید چھ کھوچہ چھنے کھسان ۔ میانہ خاطرٕ چھُنہٕ سُہ ہری کرشن اہم یُس ہری کرشن چھُ ۔ بلکہ سُہ ہری کرشن ییٚمی سنز ترجمانی تمی ہندی افسانہ کران چھِ ۔ یہ وَنہٕ پھیر افسانک تمثیلی کردار مدِ نظر تھاوِتھ زِ اَسی ساری چھہ نامکمل تہٕ اَکِس دَیِس رُوس چھُنہٕ کانہہ مکمل ۔ بحیثیت افسانہ نگار چھنے ہری کرشنس منز تہٕ کمیہ تہٕ فنی خامیہ ۔ مثالے

پننس گوڈٕ کانُس منز چھُنہٕ ہری کرشن زبانی کُن پوٗر توجہ دِوان ۔ شاید چھُ یہ وَشفہ اَمہ کِنی گرٕ ھان زِ سُہ چھُ زبانی منز ڈرامائیت پاد کٔرِتھ پٔرٕھان تہٕ یہ چھُ سُہ پیٚشِ لفظس منز تام کران ۔ اقتباس ۔

"یمن لرِن نیٚبرِ چھُ لوٚڈ باڈٕ وآسان مگر اندر آسان جایہ ژھوچر وو ٹین آسان سرنیہہ، کھٹین منز آسان انہٕ گوٚٹ ، کانی ہندی ترٚیٚتی آسان ڈسی بیٚہمتی ۔ دار تہٕ درواز یِیٚ آسان سٹنگ ڈٔلی متی ۔"

لفظ "آسانک" گردان اوسُنہٕ ضرورٔری ۔ یہ عبارت ہیٚکہ ہے ییٚمہ آیہ تہٕ لیکھنہٕ یِتھ ۔

(۱) یمن لرن نیٚبرِ چھُ لوٚڈ باڈٕ و آسان مگر اندر جایہ ژھوچر، کھٹین انہٕ گوٚٹ ، کانی ترٚیٚتی ڈسی بیٚہمتی ، دار تہٕ درواز یِیٚ سٹنگ ڈٔلی متی ۔

(۲) (COLLOQUIAL) چھُ کوٗل صابنہٕ اسلوٗبک سارِوے کھوتہٕ زوردار پہلوٗ ۔ یہ گوو زبانی ہندس روزمرس منز کردارن ہنز کتھ یاتھ ہُند مخصوٗص رٔوی یہ ۔ مثالے

(۱) نہ شکل نہ عقل نہ چال نہ ڈال ۔ اَڈٕ گر ماجی ، ڈوڈ گرز لوٗخ ۔

(ب) دوشوے بٲژ ٲسی نہ تارا وِتی اذ نگیہ ٹیس تہٕ دِوان کڈنہٕ لٕ ڈیکی ہے چھ توٚحالہ ڈوٗنیے کڈان ۔

بڑھ ہیکن ہتہ بڑ مثالہ دِنہ یتھ۔ مگر یوٚہے COLLOQUIAL چھِ
کنہٕ کنہٕ جایہ وکھٕت باسان۔ مثالے افسانہ "پگہس" منز چھُ بلکل شروٗعس منز لفظ
"ہیرک" ورتاوسیٹھاہ ثقیل بیلہِ امہِک ورتاو، امہ پتہ بلکل فطری چھُ۔ غارفطری
ورتاوچ مثال۔

پرٛیر پتہ یُتھے لڑکہ پنٛنن پنٛنن کلاسن ہیتنہِ اژنی زٕور مہ جمارژ ہُند سُلہ
ووتھ لکھنس "ہیرا۔۔ بیلہ کنٛھس چھِیا پہاڑ یاد کورمُت"۔

"نا ژٕے چھُتھا کورمُت"؟

"کریوم ہا، مگر مےٚ نا یادے روزان"۔

"وونی کھو یِنہ۔ سہ ہا چھُ یمہ کینکرُ"۔ مکھنس زردیوو بُتھ۔ سُلن
کرٕ بے فکری سان اُسنہٕ ہنا پتہ پلہٕ نودنس کیاہ تام"۔ رٹو ہیرا متھو اُتھن۔۔"
دوشوٕنی جاین چھُنہ لفظ ہیر مناسب۔ تکیازِ اَنِین چھُ افسانہ نگار
کِردارن پرٛن واٚرس سٟتؠ تعارف کران۔ یمہ کینکرُ لفظُک ورتاو تہ چھُ
محاورس خلاف تکیازِ سُلس چھُنہ معلوٗم زِ یمہ کینکرُ کیاہ گوو۔

(۳) اُتھی افسانس منز مولوی صاٖبُن رِٹایر گژھن۔ قاٖیٖینس منز ٹائمک
پیوند ہیوٗ باسان۔ تکیازِ سکوٗل چھُنہ سکوٗل بلکہ روزٕ گومُت وَق پتہ اُتھ منز
کانہہ تبدیلی چھےٚ اکھ فنی تضاد۔ مولوی صاٖبنس عقل نماہس ہا ورنہ رِٹنس مزید
طنزِیک نِشانہ بناوُنہ قاٖطرٕ چھِ لِکھارِس یہ وشیہٕ گومُت۔ مگر یہ گوو فنُک تقاضہ
نظر انداز کرنس برابر۔

(۴) بلخصٕے چھُنہ تجرُبک وُتش افسانہ نگارس فنس زیادٕ سٟنہ نکُ موقعہ
دِوان۔ اَوے چھُ لفظن ہُند کنہٕ کنہٕ جایہ بےوایہ استعمال باسان۔ وونی گوو
یہ وشیہٕ کس لکھارِس چھُنہ گژھان۔ افسانہ نگار ہندِس بچاوس منز ہیکو یہ

اُردوٗ شعر وُنِتھ۔

بجا ہے کوشش ضبطِ جنون پر کیا کروں ناصح
جگر پر چوٹ پڑتی ہے تو آنسو آ ہی جاتے ہیں

(۵) "یِتہٕ لاران پربت" ہیکہِ جان افسانہٕ آسِتھ مگر ہری کرشنہٕ نہِ حوالہٕ چھُ
مے یہ ہُناتگن گڑی باسان۔ واریاہ وُنِتھ نہِ چھُنہٕ افسانہٕ نگار کینہہ وُنِتھ ہیکان۔
تکیازِ کُنِتھ ہُندِ پَن چھُ دولہٕ دولہٕ بِکِتھ شروکنین اُڑان۔ ہری کرشنہٕ نِس پَرِن وٕ اُلِس
چھُ یہ خلافِ توقع باسان۔ کاشُر زبانِ منز۔ چھُنہٕ پربت اکھ کوہ بلکہ اکھ رُوحانی
۔بجرچ جاے میون مطلب چھُنہٕ زِ یہ کیا ہیکہِ نہٕ اکھ تضاد یا PARADOX
علامتھ بنِتھ۔ مگر یُس ماحول افسانس منز چھُ تتھ منز۔ چھےٚ یہ علامتھ بےمعنی باسان۔
اَتھ علامژ چھُ افسانہٕ نگار JUSTIFY کرنہٕ رۄستےٚ دولا بوٗ، پریشانیوٗ نہِ خیالی
وِشواسَن خاطرٕ وَرتاوان نہِ ورتاو چھُ ہری کرشنہٕ نِہ حوالہٕ مخولہٕ باسان۔ شاید
چھُ جدید آہنگ باس دِنہٕ خاطرٕ یہ افسانہٕ لیکھنہٕ آمُت۔ مےٚ تو گژھہٕ بوزُن زِ یِتہٕ
لاران پربتکس بیٚش لفظس اگر "یِتہٕ لاران" افسانہٕ عنوان دِنہٕ یِہ یُس بُہٕ یِتہٕ لاران
پربتہٕ کھوتہٕ کُنِہ کور زۄدار افسانہٕ۔

(۶) باضے چھُ ہری کرشن افسانہٕ نگارس لُکہٕ کُڈِتھ یا نہٕ تِمی ہنز۔ جاے
رُٹان نہِ پَرِن وٕ اُلِس خاطرٕ رنگس منز بےرنگی کران۔ مثالے داہ آہنہٕ نِشےٚ آہنہٕ کس
اُخرس میٚیٹھ بنِہ صاٮ۪بُن یہ وَنُن یہ "چھا امین کاک یا بتی زِ دوشن افسانہٕ زِ بوٚتس
کھۄن حالات ول گمژ نہِ بوزن وٲلی گژھن حیران نہِ پریشان۔"

(۷) باضے چھُ افسانہٕ نگار بروٚنٹھےٚ مُشخّص کرِتھ مینین (CONCLUSION)
کنکلوٗژن بدِ اَنِنہٕ خاطرٕ جلدی کرِتھ کِردارس سِتؠ نا انصافی کران۔ مثالے نی تو
اکھ بہترین افسانہٕ "دوتا نہٕ ڈآن۔"

کٕتھ چھےٚ بلکل فٔنی آیہٕ گراینہٕ برونہہ پکان۔ تاراچند تہٕ تاراوٗتی ہندی کِردار چھِ اَسہٕ برونہہ کُن رامہٕ جیٚو، سونہٕ مالہٕ تہٕ ہی بٹنہٕ ہند واَسہٕ یوان۔ یِیلہِ یِم ترشوٗے تاراچندُن گرچھِ واتان تہٕ تاراچندُن شوٗ چھُ گرِکڈنہٕ یوان۔ تاراوٗتی چھےٚ لاشہٕ یِیہٕ یِیہٕ سارِنٕے موندٕن ہندی پاٹھی لبلہٕ کران یتہٕ تہٕ اورٕ اُژتھ چھےٚ وَنان۔ یینہٕ پی آرلوم پنٕنہٕ ہٕنہٕ وٕریٕین ماکورٕ سِرس فاسش، ووٕنی دژاوسُہ ییٚمہٕ گرٕ منز۔ ووٕنی چھٕسو وَنان بہٕ ہَبی چھٕسُہ سنہٕ وٕرِش، بہٕ ہَبی چھٕسو شرٕ وٕرِش۔

تاراوٗتی ہندس اَتھ اعتراقس کو سہٕ جواَزِیت چھےٚ؟ تاراوٗتیہٕ ییٚم نہٕ پنٕنہٕ ہٕنہٕ وٕریٕین اَندری دٕزِتھ تہٕ اکھ ذٕہر رِنگ تہٕ بیٚرٕ ژھونڈ کیا زِ کرِ تاراچندُن شوٗ گرِ پٕیری تھےٚ تَس ذلیل؟ اُتھ چھِنہٕ کانہہ فنی جواَزِیت۔ اگر تاراوٗتی ہندِ کِردارُک کانہہ اپِسر برونٕہٕ ہاونہٕ آمُت آسہٕ ہے تیٚلہٕ کرِ ہیوٚ یہ اعتراف کانہہ این زایم کھیتھ ہضم اتِھن چھُ کول صاب ساری فنی OPTION نظر انداز کٔرِتھ تہٕ جلد افسانہٕ ختم کٔرِتھ نہٕ صرف تاراوٗتی ستی بےٚ انصافی کران بلکہ افسانچہٕ حسین تہٕ رنگہٕ مندور ہنز۔ ییٚکہِ کیٚنہہ تہٕ ہٕچ کران۔ اکھ نفیس OPTION روزِ ہے یہ سارِیے زٕنانہٕ نیرِ ہٕنہٕ تہٕ یہ تہٕ کرِ ہے یِنہٕ خیالی گو نہٕک اعتراف ہی بٹنہٕ تاراوٗتی تِنش تہٕ تاراوتی کٔرِ ہے ذہنی بور لوٗ ژراونہٕ خاطرٕ تاراچندنہٕ ژھوژرٕگ اعتراف۔ اَمہٕ ستی میلہِ ہے تاراوٗتی یِنہٕ بوس لوٗ ژراونُک جواز تہٕ ہی بٹنہٕ خاطرٕ تہٕ بدلہٕ ہٕنہٕ کتھن سیٚتے۔

(۸) میٚتے ووٗن گوڈٕے زٕ ہری کرشن چھُ ازتامِچہٕ کاشُر افسانچ اکھ اہم اَرزتھ۔ اکھ اَدبی مندور بناونی کوتاہ مشکل چھُ تہٕ زانن تِمے یِم اَتھ مندورِ خونِ جگر وندان چھِ۔ کتھ کرن والین چھےٚ فقط کتھ کرنہٕ آسان مگر تمن چھُ

کُنھ کرنُک حق تہٕ تہٕ یہے باش چھےٚ تنقید نگار ہنز۔ سُہ چھُ لِچٕ ٹاسا کُڈتھ کتھا
کران تہٕ بتہٕ کرٕ پرٕ تھے ہش کتھ۔ "یِتھ راز دانے" افسانس خاطرٕ چھُ یہ ناو
سِٹھاہ گوٗب بیلہٕ زن سوٚ ہمرٕ نہٕ خاطرٕ یہ ناو ٹھیکھے چھُ باسان۔ لل دیدِ ہند
حوالہٕ ہیکن اَمہٕ ناوٕ کی ساری DIMENSION ناولہٕ منزٕ ے بدرٕ کڈتھ نہٕ ییتھ۔
للہٕ ہندی یم زٕ مصرعہٕ چھِ بنات خود اکھ ناول ؎

ہیچو ہارٕ نجہٕ بیٚنرٕ و کان گوم

اَبِچھ چھان پیوم یتھ راز دانے

اَتھ افسانس منز نہٕ چھُ بیٚنرٕ یُو کان تہٕ نہٕ اَبِچھ چھان، یہ اوسنہٕ
افسانہٕ آسنہٕ کنی اَتھ افسانس منز ممکن تہٕ۔
باقی چھُ افسانہٕ نگار افسانہٕ برونہہ ترسیل پرٛاونہٕ خاطرٕ اساطیری
عنصرن ہنز وضاحت کران۔ یہ چھُ گوڈ تہٕ ہٕ اَدٕ گون تہٕ۔ یہ دمہ
"بٹن ہنز درمہ کتھا یوسہ مسلمان بائے تہٕ پرٕتھ ہیکن" افسانک مثال
افسانہٕ نگار چھُ شیش ناگ، وشِشٹ وشوامتر بیتر تمثیلن ہنز۔ کتھ
وُنتھ گوڈے پرٕن وٲلس افسانہٕ سمجنہٕ خاطرٕ تیار کران۔ یمن وُلکن خاطرٕ
افسانہٕ نگار لیکھان چھُ یِہند حوالہٕ چھےٚ منے یہ پرٕ کتھ باسان ووٚن گوٚو
زیادٕ بہتر روزِ ہے اگر یہ وضاحتی کتھ حاشیس منز دِنہٕ آسہ ہے آمٕژ امہٕ
ستی روزِ ہے پرٕن وٲلس تاثرٕچ وحدت۔ کول صابن یہ افسانہٕ چھُ پنٕنہٕ
نوژھہ تہٕ فکرٕ کنی تیوٗتے اہم تہٕ پننہٕ بیانیہ عنصرٕ ستی سے پرٕتیتھ پرٛاوان یِس
مشہوٗر ہندی ڈراما، "ایک اور دھرونا چاریہ" ہندی زبانی منز پرٛاوان چھُ۔
بہرحال کول صاب چھُ کاشرٕ زبانی ہند اکھ کارٕ ووٚتُن افسانہٕ نگار ـــ
رِوایتُک لور روایت ساز۔ یمہٕ ہنز فکرٕ ینن اکھ دکھرٕ و وٚلُت چھُ۔

# اختر محی الدّینٕ سٕندی افسانہٕ

## فِکری پوٚت منظر

مجروح رشید

یوٚدوٕے اختر محی الدّین سٕندی کیٛنہٕ افسانہٕ اُکس حدس تام دوہ دۄیچھ زندگی نکھہٕ چھہٕ تاہم چھہٕ تمٕ سٕندی اہم ترین افسانہٕ تمے گٔژ۔ رنہٕ یوان یمن منٛز تمٕ سٕتر فکرٕ ہنٛد پوٚتر گوٚب چھہٕ۔ "ہٕتک"، "دندٕ وزُن" تہٕ "ڈٕری یایہ ہُند بیزار" ہوٚین افسانن منٛز سٕپٕز ضرور افسانہٕ نگارسٕنز سماجی وابستگی علاوٕ فرد سٕندین ذاتی جذبن تہٕ جبلتن ہنٛز باوتھ تاہم چھینہٕ یم افسانہٕ تنیٚ اہم بیٚتیاہ "ژٕس" تہٕ "ارتقا" ہوی افسانہٕ چھہٕ۔ امیک وجہ چھہٕ شایدیہٕ زِ دندٕ وزُن، ڈٕری یایہ ہُند بیزار تہٕ ہٕتک ہِوین افسانن ہٕندین واقعاتن ہنٛز اغلیٛژ بیٚٹھ چھنے بحث کرنٕچ گنجایش موجود۔

پریتھ لِکھارٕ سٕندی پأٹھۍ روٗد اختر محی الدّین تہٕ اُکس دورس تام رومانوی فکرٕ لِلہٕ کھوٗل کران تہٕ اَتھۍ فِکری رُجحانس منٛز تخلیق کرنہٕ آمُت اکھ نمایندٕ افسانہٕ چھُ "آدم چھُ عجب ذاتھ" اختر صأب چھہٕ پانہٕ امہٕ افسانہٕ کہ حوالہٕ لِکھان۔

"منٛز کالہٕ کیٛو افسانو منٛز چھُ "آدم چھُ عجب ذاتھ" امہٕ کنۍ اہم زِ امیک موضوع چھُ مٕتہٕ حُسنُک باش یُس مادکہٕ تربیتہٕ زنم ہیتھ بالا حقیقتٕ ہنٛز تریٛنہٕ دَن دِوان چھُ۔ اَتھ منٛز چھہٕ بذاتی کٔنے کردار ملہٕ سٕجان۔ رمضان تہٕ میم صأب چھہٕ اُہنٛزے UNDERSTANDING تہٕ بالا حقیقتٕ ہنٛدِ باسہٕ کٕس مقامس بیٚٹھ

چھ یم زاکھ اکس منز جذب سپدتھ مہ سبحانہ شخصیتھ مکمل بناوان - بظاہر دون ہندموت چھُنہ مہ سبحانس منز غمکہ تہ ماتمک جذبہ ووتلاوان بلکہ تس بیٹھ تم سر آشکار کران یم بیان کرنہ خاطر لفظ چھِنہ - اوے چھُ سہ محض یتےیوت ونتھ ہیکان "کیتھ دراو شل" یہ ونتھ چھُ پانہ پہے سنز شادِ ہند اسناہ کران"۔ راہی افسانک عنوان چھُ "آدم چھُ عجب ذاتھ" تہ اتھ یتہ کنہ چھُ رحمٰن راہی سند یہ شعر ے

آدم چھُ عجب ذاتھ جدائی چھے بہانے
بُلبل چھُ گلن منز تہ متیومُت یہ منز وچھ

وچھوے تہ تیلہ چھُ اختر صابنہ افسانک تہ راہی صابنہ شعرک نفسِ مضمون کُنے۔ انسان چھُ متضاد چیزن ہندمرکب تہ امی سندس وجودس منز چھِ تم عنصر شامل یم تمتھ مٹاونہ خاطر کافی چھِ۔ بقولِ غالب ے

میری تعمیر میں مضمر ہے اک صورت خرابی کی
ہیولیٰ برق خرمن کا ہے خونِ گرم دہقاں کا

افسانس منز یُس نفسیاتی حالِ بدرمضانس ہردینہ سنز گرتھان چھُ سُہ چھُنہ تمس یہ سکتھ تھاوان زِ سُہ ہیکہِ ہے زندگی تہ اتھ سنزِ وابستہ معاملاتن سنز سمجھوتہ کرِتھ۔ سُہ چھُ اتھ برعکس زندگی نِشہ فرار کران یہ زن اکس رومانوی کردارُک سند خاصہ چھُ۔ راہی صاب چھُ رمضان ہندِس کردارس اُدموکھ باعث تنقید زانان تکیازِ تمن چھُنہ رمضانُن وِیوہارا غلب باسان۔ راہی صابنہ کنہ گورتھ رمضانہ زندگی ہندین مختلف رنگن ہند حسن پرزناوِتھ ہیکُن اُدے ہیکہ ہے سُہ مستند کردار بنتھ۔ راہی صابن چھُ افسانچ قدر سنجی کرنہ وِز NEGATIVE CAPABILITY ہند تصور زیرِ نظر رودمُت یمہ کنہ تمن افسانکُ استحان کران مشکلات چھِ پیش آمتے۔ یہ کتھ

چھِنے پَتھِ جایہِ مُسلّم زیرِ تبصرہ افسانس پیٹھ پَنُن رائے پیش کران چھ تِمَو پَتھِ تنقیدی مطالعک تہٕ بصیرژ ہُند زبردس مُظاہر کورمُت یمیک اعتراف مرحوم شمیم احمد شمیم صابن پننس مضمونَس "کشمیری ادب میں رومانوی رُجحانات" منز کورمُت چھُ۔ مرحوم شمیم احمد شمیم صابن چھُ افسانس پیٹھ بحث کران پننِ سورُے قوت استدلال ورتاوِتھ اَمہِ افسانہٕ کِس رومانوی پاسن پیٹھ کاشش ترژومُت یَتہٕ

کاشُر افسانہٕ کِس گوڈنکس منز اوس فرد تہٕ تمی سُند ذاتی ردعمل افسانہٕ نِشہٕ غائب۔ فرد سُنز ذات تہٕ تمی سُند چیزن نِسبت رد[illegible] تہٕ تمی سِنز مختلف نفسیاتی کیفیژ سپز گوڈنکہ پھِر اختر محی الدین سُند ذِسی کاشرِس سائنس منز ظاہر۔ تمس اوس پیہ زانان چھُ مؤلِہ کِنی جمُوعہٕ اضداد۔ تمی سِندِس افسانہٕ آسی تِمَو افسانو نِشہٕ مختلف یِم تمِس برونہہ لیکھنہٕ آسی آمتی یا تمس پتھی لیکھنہٕ آسی یوان۔ اَمی سِندِن افسانن منز نہٕ اوس جاگیرداری ہُند نظام نہ سرمایہ دار تہٕ نہ ظالم تہٕ نہ مظلوم۔ تمی سِندِن افسانن منز یُس چیز پیسلہِ پاٹھی نظر گژھان چھُ سُہ چھُ انسان تہٕ تمی سِنز کمزوریہ۔ اَمہِ قسمکہِ سوچک نتیجہ دراو یہِ زِ تمی سِندِن کینژن افسانن منز رٹ پلاٹچ جاے نفسیاتی تہٕ ذہنی کیفیژو تہٕ تمی سُند فن رُوٗد نظریاتی قولہ ہارِ نِشہٕ دور فقط انسانس پرزناونچ کوشش کران۔

اختر محی الدین سِندِن افسانن ہُند دُنیا چھُ رنگارنگ۔ انسانی نفسیات تہٕ کیفیژ علاوہ یِم مسلہ افسانہٕ نگارس دربیش چھ رُوٗدی ہتہ یمن منز چھُ کایناتچ پُراسراریت، انسانن سُند ازلی لون، موتک خوف، زندگی ہنز معنویت تہٕ اَمچ بے معنویت تہٕ انسان سُند کلہم صورتحال یتھ منز تمی سِنز بےبسی تہٕ مجبوری تہٕ شامِل چھِنے۔ یِمن تمام موضوعن چھِ کلہم پاٹھی اختر صابنِن افسانن منز بہتر باوتھ سپز مژ۔

تِمَن ہُنٛدِ بَن کینٛژن افسانَن منٛز چھ مُرکہٕ آدم ہنٛز حیثیت، کائناتس متعلق تِمَن ہنٛز زان تہٕ تِمَن ہُنٛد علم زیرِ بحث یوان ۔ افسانہٕ نگار چھ ییتھۍ ہوٚی مسلہٕ تھٕچھن کردارن ہنٛدِ ذٔریعہ پیش کران یِم پزٕ تہٕ پأٹھۍ انسان ہنٛز بے بسی تہٕ مجبوٗری وحاطہٕ چھ کران ۔ یِم کردار چھ کائناتچہٕ وسعژ ننٛبہ حأرتس منٛز گیر گژھان تہٕ تِم چھ سو زبان بولان یتھ تشکیک پریدان چھ ۔ یتھٕن کردارن کاہہٕ مسلہٕ دٔرپیش یِہ وزنہٕ چھ آنکارس وار تہٕ نہ انکارس بلکہ چھ سر ایپانٛد یس منٛز ۔ یتھٕن افسانن ہُنٛد کلہُم فضا تہٕ ماحول چھ مابعدالطبیعاتی ۔

"سہٕ تم وٚد اوٚسس بے ییٚمی کان لوے ۔ سہٕ شوٚد تہٕ اوٚسس
بے ییٚمی تار کوٚٹس ھٹول لاے ۔ دٕو شوٚے وٚقتو لاج مٔے
پایہٕ کریکھ موٚد ہاموٚد ہا" یہ کریچھ لأجم ایمانٛدأری سان ۔
بہٕ ہے وٚچھان اوٚسس تو ہنٛد مرٕن ۔ مگر وہٕ نی رٕوٚد تہٕ
سُہ کھوٚژناوٚن وول اَتہٕ گوٚٹ سُہ وٚنھ راہ راوٚن وول
اَتہٕ گوٚٹ وہٕ نی چھُم باسان یتھ لبہٕ اپار ۔ مگر کیاہ؟"
(ژٕ چھکھ ژٕ چھکھ)

اختر صأبنٛن افسانن ہُنٛد اکھ اہم موضوع تہٕ مسلہٕ چھ فرد سنٛد ذاتک تہٕ پزر زنرژ ہُنٛد CRISIS ۔ اختر اوٚس پرٕوٚن یس کھوٚن لکھأری اوٚ موکھ آہس تِمَن ادبی رجحانن ہنٛز ستٕ زٕ تہٕ گئی پأری زان یِم تمہٕ ہندس دورس منٛز ادبی حلقن منٛز متعارف یا مقبول آسۍ ۔ تِمَن ہُنٛدِ ین افسانن ہندۍ کردار چھ موجوٗد دورکس انسان سُنٛد ذہنی کرب تمہٕ شدژ سان وہٕ تلاوان

زِ گُمانہٕ چھ گرٛزھان زِ یِم ما چھِ زندگی کُن بٔتھ پھیران۔ "چھاکانٛنہِ سام تھٕ" افسانس منٛز وقتُکن وول کردار چھُنہٕ کانٛسہِ ستیٚ رشتہٕ جوٗرِتھ ہیکان۔ تٔمِس چھِ زندگی ژُکہٕ تُکی ژانان۔ سُہ چھُنہٕ رشتہٕ ژٹان بلکہ چھُ رشتےٚ پانٛنی پلتےٚ تَمِس نِشہٕ دوٗران۔ سُہ چھُ رشتن قریب روزنکی جتن کران مگر تمن کومہٕ رٹنہٕ باوجوٗد چھِس یِم رشتہٕ رکینہٕ ژلان "گہیے تا پھہ گہیے شہلُ" افسانک مرکزی کردار چھُ کانٛہہ سُکسن میٚزن پیٹھ بہتھ ژنانن تہٕ مردن ہندس شورس منٛز شرٛیک سپدنکی ژھرٕ کھ ڈنان۔ مگر یہ چھُنہٕ ممکن ہیکان سپدِتھ۔ سُہ چھُ تہندی یا پھی اُکن یرٛزھان مگر ناکامی چھےٚ تمیٚ شُند مقدر بنان۔

"بہ اوٗسُس پننہِ کِنہِ ژاس کران۔ سگریٹ زالان۔
زنگہٕ وایان زِ یِم وُچھن نا مےٚ کُن۔ بہ ہکر مکھ یورٕ
سلام۔ سگریٹ چاوِہکھ ظہرا چاوِہکھ کافی تہٕ ــــ
صرف یرٛژھہکھ تہٕ کتہ پیٹھ چھُو اسان۔ مےٚ تہٕ
اُسنٛا وِی توٚ مےٚ گووارہ کال اُسنٛس ــــــ
مگر یِمو دیت نہٕ مےٚ کُن کانہہ توجہ۔"

(گہیے تا پھہ گہیے شہلُ)

"گوٚبرا توٚ بہ کوٗت ستاٚ گرٛزھن۔ یرٛژھن وول اوس دوٚن زنگن پیٹھ کھڑا۔ اُمِس آسنہٕ پانٛس جنتھ۔ اُمِس آسی دٔند تہٕ پراژِ اندر ــــــ یہ اوس تمنہِ ہیو یمن شرٛ ڈیڈی جان، ماماجی، یا چاچاجی ونان چھِہ۔ یہ اوس انسان ذاتہٕ منٛزے۔ لہٰذا کُس کھوژِ ہٮ۔"

(چھاکانٛنہِ سام تھٕ)

اختر محی الدین سُند افسانوی دُنیا چھِ انسان سندِس ظاہرس کیو باطنس گاشراوان۔ تمِس چھُ یمہِ کمہِ شند پورِ پورٕ احساس تہٕ تہٕ ادراک تہٕ زِ انسان سُند باطنی دُنیا ہیکہِ نہٕ معروضو ورأے باوَتھ لبِتھ۔ اخترس یتلہِ یُتھ ہیوم حلہ درپیش چھُ یوان سُہ چھُ پننہِ فنکار آسنُک ثبوت دِتھ تِتھی معروض ژاران یِم پرزِنہٕ یاٹھی ان ہندِ ین اندرِ ملین احساسن تہٕ کیفیژن زِ لو چھِ بخشان۔ یِتھی ہِوی افسانہٕ پرِتھ چھُ انسان سُند فکری ارتقاء تہٕ انسانی تواریخکی مختلف موڈ تہٕ دور تہٕ برونہہ کُن یوان۔ "ارتقا" افسانس منز چھُ انسانی صورتِ حال باونہٕ خاطرِ کچھِ کُلُ بطورِ معروض ژارنہٕ آمُت یُس پرِتھ موسمس منز حال تہٕ رنگ بدلاوان تہٕ پننُ وجوٗد بچاوان روٗد۔ تحریکُ پہلوٗ چھُ اَتھ افسانس منز تہٕ ناکارِ

"بہ ہسا اوسُس اکھ کچھِ کوٹ۔ میأنی وقتت اُسہٕ کہیں بہ اوسُس تیوٗت جیمِ زِمے بسیایہٕ تہٕ آسہِ ہیے نہٕ کاہہ۔ سو نہٕ اوسُس بہ اکس اندس کُن رٕبہ منز کلہ کڈان تہٕ دٔچھی کھوڈری خوفہٕ ہٕنز نظر دِوان۔ نصیبہ ہیے آسہِ ہیم نیلہ اوسُس ژھینہٕ ژھایہٕ تاپہٕ زِژوٗ ستی پان تہٕ وُشناوان۔ دوہیے اُسہِم نتھ آسان زمینہٕ دوٗسہِ گرٕ ھنہٕ تھرس یِہ وٕستھ تہٕ بہ گرٕژھ میٹر بدزی"

(ارتقا)

انسان ہنز بے بسی، مجبوری تہٕ زندگی ستی تمِ ہنز۔ مالے تہٕ موتُک خوف چھُ ادبُک پرون تہٕ مقبوٗل موضوٗع۔ انسان یتلہِ ماجہ زِ لوان چھُ تمی دوہہ پیٹھ چھُس موت پتہٕ دوان تہٕ پتہٕ چھُس دوہہ اکہِ رٹان۔ موتُک خوف تہٕ امہِ کہ ناگزیر آسنُک باس چھُ اختر محی الدین کو کر یوٗتی ہندِ تلازمہ ذریعہِ دِوان۔

"گاشہٕ کھنڈ گژھ ہنا موٗد۔ تمس اوس اوتھ وسان۔ سہٕ اوس موٗمتس پوتس توٚسہٕ وُچھان تہٕ وناں چھکھ سا بوزان آخر موٗد۔"

(ژِس)

اختر صاہبنین افسانن منز روٗد سماج تہٕ اتھ منز بارسس مُروجہ قدرن ہُند نظام اکہِ نہٕ تہٕ بییہ رنگہٕ شامل حال۔ اکھ کتھ چھےٚ ثبوتہٕ زِ کامہ تہٕ ذی ہوش باضمیر تہٕ روشن دماغ انسان چھُ لازمن سماجس منز مُروجہ قدرن خلاف آہ موکھ بغاوتھ کران تکیاز تمس چھُ پننہٕ پان نفسیاتی سطحس پیٹھ پتھین حالاتن درمیان غار محفوظ باسان تہٕ سہٕ چھُ نفسیاتی COMPLEXES منز ہینہٕ لوان۔ سہٕ چھُ اکہِ سےٚ چیزس یا تصورس متعلق مختلف انسانن ہُند ردِ عمل وُچھتھ راوان۔ "متی کتھ" افسانس منز چھِ تھےٚ ہیوٚ عالم درینٹھی گژھان تہٕ افسانہٕ نگار چھُ انسان ہندِ COMPLEXES ید کڈنس منز کامیابی پراوان۔

"اما محمد سلطانس آو مَثر۔ اکی دوٚیمِ اصلاح ہیاوان ہیاوان اوٚد و سہٕ پاگل مےٚ بیوٚتھ۔ محمد سلطان آسی یلوٚ زٕ ڈٕ ہتی تہٕ سہٕ اوس ہنگا پھران مےٚ روٚٹ رکووُم تہٕ پرژھمس "بابا کمیوٚ زالہٕ لوٚ گُکھ۔"

تمی دوٚیمِ نہٕ جواب کہیں۔ مگر مےٚ اوسنہٕ تہنز زِ یوٚ جواب بوٗزُن ضروری بہٕ چھس انسانس اتھ پیٹھ تھاوِتھ اندرم ساری سرژہتھ نوان۔"

(متی کتھ)

اختر محی الدّین ہندین افسانن منز چھِ زمانکی ساری لرِ پھرِ نی بنہٕ وجوٗدکی بییہ پننہٕ اہمیژ تہٕ معنویژ ہُند باس دِوان۔ تمی ہندی کردار یتہٕ دوہ دِ رِیمژن قدرن

تہٕ رنیمژَن ریژَن تہٕ رلوٲیژَن ٹیپ چھِ ژٹان تتہٕ چھہِ تم موٗجوٗد دورکین موٗلن پیٹھ تہٕ زہرخند کران۔ "پرالب" افسانُک رام ژُندر چھ دریٹھِمہٕ۔ رلوٲیژِ ہنز علامژ تہٕ بنُٹ چھُ جدید قدرَن ہُند استعارٕ۔ بنٹ چھُنہٕ سمٲجی نۆقطے نگاہ کِنۍ کانہہ کارآمد فرد ییٚلہِ زن تمۍ سندی باپتھ قابلِ احترام چھہِ۔ رام ژُندرس چھُ بُہتھ زِ بنٹ چھُنہٕ اوٚموکھ کیہنہ کرِتھ کراوتھ ہیکان تکیازِ یہ چھُ تمۍ ستۍ کرمہٕ رکھِ لیکھتھ۔ ہوٚنۍ ستۍ دلیل چھنہٕ افسانَس منز اَتھۍ کتھ کُن اشارٕ کران۔ مگر بنٹ چھُنہٕ یمَن چیزَن ہُند قٲیل۔ تس چھُ مروجہ قدرن، ریژَن تہٕ رلوٲیژَن خلاف غوصہٕ اوٚموکھ چھُ سارِسے تہٕ سارِنے نفرت کران تہٕ سارِوے کھوٗتہٕ زیادٕ چھُس یَنِن مُبڑِ بَب کھران۔

"بنٹ آو۔ وُہہ وُہر نوجوان۔ مس کلہٕ کرِتھ۔ موٚٹ گردن کرِتھ۔ لوچھ لاگِتھ۔ ماکہٕ تہٕ موکُر۔ تہند رۆہ رکانہٕ تلہٕ اوس باسان تس چھُ پرِتھ کانہہ چیز کھران تہٕ سارِوے کھوٗتہٕ زیادٕ یینن مُبڑِ بَب"۔

(پرالب)

بہرحال اخترمحی الدینہٕ سندِین افسانن منز چھُ بتدریج اکھ فکری ارتقا نظرِ گژھان تہٕ اَتھ پَتہٕ کنہٕ ییٚتہِ تمۍ سُند ذٲتی تجربہٕ تہٕ مشاہدٕ شٲمل چھِ تتہٕ چھُ معروف جدید فکری رُجحان تہٕ افسانہٕ نگار سُند وسیع مطالعہٕ تہٕ کارفرما۔

---

۱؎ کاشُر نثری ادب تہٕ جدیدیت، کاشُر ادبُک فکری پوٚت منظر ۱۹۸۰ء

۲؎ "آیئنہ" تیسرا یادگاری ایڈیشن۔ ۱۹۸۳ء




محفوظ جان

## اَبتدآئی دور:-

ادبہٕ خاطرٕ یِم اصوٗل ارسطون بارسَس اَنی تمیک دأیرٕ چھُ افسانس تام تہٕ وِحاطہٕ کران۔ افسانہٕ خاطرٕ مقرر کرنہٕ آمتی اصوٗل چھِ مجموٗعی طور پٲرٕ دُنیہکی فنکار ورتاوان آمتی یِمہ کِنۍ افسانس منز بین الاقوامی رنگ چھُ پادٕ ہیوٚکمُت سپدِتھ ۔ دُنیاے افسانس منز یک رنگی موجوٗد آسنس چھِنہٕ افسانوی اصوٗلے یأتی بُنیاد فراہم کران بلکہ چھِ افسانس منز ورتاونہٕ آمُت فن تہٕ اَمیک برابر شریک۔ اَدٕ سہٕ موضوع پلاٹ، اسلوٗب، مکالمہٕ یا واقعہٕ کِس صوٗرتس منز آسِتن۔ اَمہِ قسمٕچ رنگ بستگی چھےٚ کُلہم افسانوی دُنیہس اندر تھٲنۍ۔ ووں گوو فن کُس تہٕ کمہِ آیہِ ورتاوِ، تمہِ سِتۍ چھےٚ کِنہٕ تہٕ مقامی افسانٕچ بالیدگی تھٲنۍ نیران۔ یِتھۍ نے ہوٚن فنی اصوٗلَن ہُند پأداوار چھُ برصغیرُک افسانہٕ تہٕ ایشیاہس منز۔ وأتِھ یوٚسہٕ ترقی افسانن کٔر، سو روٗزنہٕ کُنہِ مخصوٗص زبأنی تام محدوٗد بلکہ پھہلو وأنی فنن تمن سارِنٕے زبانن تام یِمن وامہٕ یہِندِ بدولتہٕ برصغیر کی مختلف قوم زانہٕ چھِ یِوان بامے سہٕ کأشُر، پنجأبی، بنگالی، ملیالم، آسامی، اُڑیا، سندھی یا کینڈی چھُ۔

کأشُر افسانہٕ چھُ اُردوٗ تہٕ اُردوٗ افسانہٕ چھُ یوٗرپی افسانہٕ کھوٚتہٕ وأنسہٕ لوکُٹ۔ یوٗرپی مأدانن منز کھوکھش کرنہٕ پتہٕ ییلہِ افسانہٕ برصغیر کِس درواز س ٹھُک ٹھُک

کران چھُ ۔ تمِ ساری اصوٗل چھِ اَتھ مدِ نظر تھاوِنۍ یِوان یِمن تحت اُمی وجوٗدِ پیٚو مُت چھُ آسان ۔ یوٗرپی افسانَس منٛز یِم تہٕ تجربہٕ کرنہٕ آسۍ آمتۍ تِمن ہمراہ تراو یہٕ افسانہٕ ایشیٲیی سونچس تہٕ مقٲمی ویوٗہارہٕ مطٲبق لوٗگ یِتھَن واسن کڈنہٕ ۔ واشنگٹن ارونگ، نیتھنیل ہاتھارن، ایڈگر ایلن پو، موپاسانہٕ کامکاہون مایہٕ ناز افسانہٕ نگارن ہنٛدۍ ہمہ جہت تجربہٕ پاہناوی تتھے کٔنۍ برصغیرکۍ افسانہٕ نگارو یِتھ کٔنۍ یِہند استعمال مقٲمی طورِ سیٚد مُت اوس ۔ یوٗرپی افسانہٕ نگارو ورتاوی مقٲمی موضوع، کردار، واقعہٕ تہٕ خیال ۔ اُتھی نقشہٕ قدمس پیٹھ گٔیۍ برصغیرکۍ افسانہٕ نگار ۔

سجاد حیدر یلدرم اگرچہ برصغیرکہٕ اردوٗ افسانُک سرسری ابتدا کران چھُ تہٕ منشی پریم چند باضابطہ پأٹھۍ اکھ فنی افسانُک مگر یِتھ کٔنۍ یوٗرپی ابتدٲیی افسانہٕ تعمیری تہٕ جذباتن ہنٛز عکاسی کران چھِ تتھے کٔنۍ چھُ ہندوستانُک ابتدٲیی افسانہٕ تہٕ ۔ لہٰذا اوسُن یہٕ ممکنے زِ کٲشر افسانہٕ کیاہ کرِہے اَمہِ نِش بدل کانٛہہ وتھ اختیار ۔ آ ۔ یہٕ کتھ چھےٚ پزٕ زِ کٲشر افسانہٕ تھَنہٕ پیٚتہٕ خٲطرٕ اوس اکھ سُہ ڈلیلہٕ مگر رِوٲیتی ماحول موجوٗد یٔمہٕ کِنۍ کٲشر افسانہٕ تھَنہٕ پیٚنچہٕ کتھ چھےٚ کرنہٕ یِوان ۔ اَمہِ قسمچہٕ رِوٲیژ آسہٕ پریتھ زبٲنۍ ڈکھس مگر کٲشرِس افسانَس اوس یہٕ ڈوکھ زیادے یِہن مضبوٗط ۔ اردوٗ افسانہٕ چھُ تمہٕ وقتہٕ قلمس زیٚو دِوان یٔلہِ ہندستان انگریزن تہٕ کٲشر ڈوگرہٕ حکمرانن نِش آزٲدی حاصل کرنہٕ خٲطرٕ لڑان اوس ۔ کٲشرِس افسانَس لوٗگ تمہٕ ساتہٕ کُن یٔلہِ کٲشرِن ہندِن دِلن منٛز چکھ دارن، سوٗدخوارن، شقدرن، ذالدارن تہٕ سَرٕ دولن ہنٛد ظلمچ خوفناک صوٗرت دِنہٕ تہٕ دُب دُب کران اُس تہٕ بیگارِ ہنٛکۍ زخم سرتازٕ آسۍ البتہٕ اوس زلوم زنجیر آزٲدی ہنٛدکۍ کاسہٕ ڈول وزنہٕ لوٗگمُت ۔

کٲشر یا اُردوٗک ابتدٲیی افسانہٕ، یِم دوشوٕے چھِ پتہٕ دورکۍ تتھۍ آیہٕ یِم منٛزٕ وقتی رجحانن ہنٛد تاثُر عکس نظرِ چھُ گژھان تہٕ زن گوو یِمن ابتدٲیی افسانن اندر چھ

زمانک تُلہٕ تواو کُنہٕ چھ انعر بازی ہُند شکار تہٕ کُنہٕ جذباتن ہتھ یر گوٚمُت۔ اُردوک سجاد حیدر یلدرم یا نیاز فتحپوٗری تہٕ کاشُر زبانی ہُند سوم ناتھ زتشی تہٕ دینا ناتھ نادم چھ افسانہٕ کہ ابتدائی کوشِشہٕ ہنز ژینہٕ وِنی دِنہٕ وٲلی۔ یہندی افسانہٕ چھ مقامی انہارن ڈیکھ۔ اکہ طرفہٕ چھ یم افسانہٕ نگار حالاتن تہٕ واقعاتن ہُند رۄح افسانوی زبانی اندر بیان کرنچ کوشش کران تہٕ دوٚیمہ طرفہٕ چھےٚ فنی کوشش ذاتی تاثرن تہٕ ہاوباوی جذباتن ہنز شکار گژھان۔ مگر توتہٕ چھ یم افسانہٕ نگار اُردوٗ تہٕ کاشرِس اندر میلہ کُنہٕ ہنز حیثیت تھاوان۔ یتھہٕ کُنی وَنہٕ چھ یوان زِ منشی پریم چند تہٕ سجاد حیدر یلدرم چھ اُردوٗ افسانہٕ خاطر سوے کام انجام دِوان یوسہٕ انگریزی افسانہٕ خاطر ایڈگر ایلن پو تہٕ واشنگٹن ارونگ دِوان چھ۔ تتھے کُنی چھ سوم ناتھ زتشی، دینا ناتھ نادم تہٕ اختر محی الدین کاشر افسانہٕ خاطر سُے مرتبہٕ تھاوان یُس رۄتبہٕ ایڈگر ایلن پو تہٕ واشنگٹن ارونگ انگریزی افسانس، سجاد حیدر یلدرم تہٕ منشی پریم چندس اُردوٗ افسانس اندر حاصل چھ۔

کاشُر افسانہٕ اُردوٗک کوٗنس بوے آسنہٕ کِنی چھ یہ تمنے وَنہٕ پدین میٹھ کران یم یُدی برصغیر خاصکر بھارتی افسانہٕ نگار وَیدِ کڈی تہٕ بقولہٕ ہردے کول بھارتی:۔

بلکہ چھ کُنہٕ کُنہٕ جایہ حالے آئی ہندِس حدس تام پراگرافن ہندی پراگراف ہوی اکی انمانہٕ لیکھنہٕ آمتی مثالے .....

"ربہٕ کول سورنے چھ اتھ (کولہٕ) آب راسے زن گژھان تہٕ کامی گامس آبہٕ کامن گژھان۔ توٚرے چھےٚ گاش پھولہٕ پیٹھہٕ اُڈ راتژن تام آبس منگ آسان .. .. .. .. .. .. .. ..
اَز تہٕ اوس گامی گام آبہٕ داد ژسیھ آمت .. .. .. .. .."[1]

---

[1] دینا ناتھ نادم "رے" افسانہ ۱۹۵۰ء

اُتھی وٚری یِس اندر چھُ تامِل زبٲنی ہُند اکھ افسانہٕ نِگار اُکِس افسانُس اندر لیکھان یَمیُک ترجمہ یہِ چھُ:

"..... پہاڑی نالہٕ یُس گامہٕ کِنہِ داں کھہن سگ اوس دِوان،
اوس دانہِ بیٚپنہٕ بروٚ تہِ ہوٚ کھمت یِمہِ کِنہِ گامُک لوکھ آسی ہر وِرِنڈ بکہٕ ژھہ
آسان ..... "[1]

گو وِ کہ امِہ وقتہٕ یہِ کینژاہ لیکھنہٕ اوس یوان تتھ منز۔ اوس کُنہٕ نہٕ کُنہٕ رنگی ہشر آسان۔ یہِ ہشر آسنس آسی وجوہات تہٕ ہوی۔ اکہِ طرفہٕ اوس ہندوستانکس ذہنس تہٕ سماجس اندر دوٚ پرٚ حکمرانن ہُند ظلم و جبر پنتی چھاپ قایم کٔرتھ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ اوس جاگیرداری نظامن عام لوکن ہُند زندرُوزُن مشکل بنٲومُت۔ لوکھ آسی غرِیبی زندگی بسر کران، اقتصادی حالی ہُند راج اوس جیپس جیپس بیٹھ۔ ڈاکہٕ زنی تہٕ لوٗٹ مارُک بازر اوس گرم۔ تعلیمہٕ تہٕ نظامہٕ حکمرانی ہندی ساری شعبہٕ آسی تباہی تہٕ بربادی ہندی اڈٕ بنیمتی۔ رشوتن اوس پرتھ کانہہ فرد آوُرومُت۔ دفترن منز اُسی نہٕ ہوا پیٚم کینہہ کام اندان۔ لوکھ آسی ہر رنگہٕ مویوٗس تہٕ بددل سپد متی۔ یُہے صورتحال تہٕ افراتفری اُس کٲشِر ہندس ازلس تہٕ باگہِ آمژ۔ بلکہ اُس کٲشِر ظلمہٕ جبرکس ذرِیاوس اندر پیر گمژ۔ بے بسی، لاچاری، غوٗلامی، اقتصادی تباہی غرض کلہم افراتفری تہٕ ہر رنگیچ مسکینی بنیہِ کاشر ادبٕچ سوزِن بیتھ ہیتہٕ واد وٚری ین ہنز خمیر اُس۔ امہِ قسمِہ ادبی خمیرٕ رِ سِتی اُس بیاکھ اکھ خمیر کاشرِس ادبس ذرخیز بناوان۔ یہِ خمیر اُس روٗمانی ذہنیژ، روٗمانی مکتبِ فکر یِمہٕ آیہِ برصغیرس اندر سرگرم اوس، تمی آیہِ اوس یہِ کاشرن ہنز منز۔ تہٕ یِم ساری موضوع بنوٚ خاطر سانین افسانہٕ نگارن مٲدان ہموار اوس، کر کر حقیقی پوت منظرس

---

[1] راج رتنم "تامل افسانہٕ — ہالو"۔ ۱۹۵۰ء ماخوذ از کاشر افسانہٕ — ہردے کول بھارتی تحقیقی رسالہٕ نمبر ۲، کشمیری ڈپارٹمنٹ یونیورسٹی آف کشمیر سرینگر، ۱۹۸۱ء ص ۸۴۔

اندااستعمال ۔ سجاد حیدر یلدرم، سُلطان حیدر جوش تہٕ منشی پریم چند چھ مختلف موضوع پننین افسانن اندر ورتاوان آمتی ۔ خاصکر حقیقت نگٲری، رومانیت، سیاست تہٕ اصلاح پسندی ۔ منشی پریم چند چھُ زندگی منز پیش یِنہٕ والین حادِثن، واقعن، اصلاح پسندی، انقلاب تہٕ فنی ژاوی جارن افسانن منز زینت بناوان تہٕ اُہندین افسانن منز چھُ گامی ماحول، سادٕ زندگی، سیرت، سبزر، ایماندٲری، ظلم وجبر، استحصال، فقیرٕ پرٕوری، لاچٲری تہٕ مُفلسی ہیوین موضوعن کُن زیادٕ پہن توجہ دِنہٕ آمٕژ تہٕ اُمی چھِ اَمہِ ماحولُک مکمل تصویرٕ کشی کٔرمٕژ ۔ اَمیُک اعتراف چھُ پروفیسر قمر رئیس یمن لفظن اندر کران :۔

"۔ ۔ ۔ ۔ پریم چند نے ۔ ۔ ۔ ۔ بے غرض محسن، صرف ایک آواز، کیفر کردار اور خون سفید جیسی کہانیاں لکھیں ۔ جن کے ہیرو کسان اور دیہی مزدور ہیں اور جن میں پریم چند نے پولیس، مہاجنوں، مہنتوں اور زمینداروں کے ہاتھوں کسانوں کی تباہی کے قصے سُنائے"[۱]

یا

"دیوکی نے شوہر کو ہمدردانہ نگاہ سے دیکھا ۔ ۔ ۔ ۔ شوہر دن بھر کا تھکا ماندہ گھر آیا ہے اُسے کیا کھلائے ۔ ۔ ۔ ۔ اُس نے خود کئی دن سے دانے کی شکل نہیں دیکھی تھی ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ہر ایک چہرے پر فاقہ کشی اور مصیبت کا ایک دفتر تھا ۔ ۔ ۔ ۔ ۔"

(افسانہ ۔۔۔ سفید خون)

منشی پریم چندس علاوٕ کوٚر بییہِ تہٕ وارٕہیو افسانہٕ نگارو یمن موضوعن ہُند استعمال

---

[۱] پروفیسر قمر رئیس "پریم چند کی روایت" "الفاظ" افسانہ نمبر، جلد ۱، جلد ۶، شمارہ ۲،۱، جنوری تا اپریل، ۱۹۸۱ء، ص ۶ ۔

یمَن منز علی عباس حسینی، مہاشئے سدرشن تہٕ اوپندر ناتھ اشک تہٕ شامل چھُ۔
بالہٕ یارِ کوٚر یمَن موضوع عن مُند استعمال دینا ناتھ نادم، سوم ناتھ زتشی، ارجن دیو مجبور تہٕ اختر محی الدین بیتر۔ اختر محی الدین تہٕ باقے چھ پننین افسانن اندر گریسی تمن بیٹھ سپدن والہٕ ظُلمک رو داد بیان کران، فرقہ وارانہٕ فسادات، عوامی مسلن، تشدد، تباہی تہٕ بربادی ہوی موضوع تہٕ چھُ اختر تہٕ اُمی ہندی ہمکال ورتاوان تہٕ تھنز وو کھنے پزن تہٕ پاٹھی کران مثلن :

کشیر پیٹھ اوس اکہِ طرفہٕ قبایلیو حملہ کوٚر مُت تہٕ بێیہِ طرفہٕ آسی جوٚمس منز مُسلمانن کتراوان۔ اکہِ پاسہٕ تم مُسلمان یمَن عقلہِ طاون اوس، ہێندین تہٕ سِکھن ماران تہٕ بێیہِ پاسہٕ آسی تم ہێندی تہٕ سکھ یمَن عقلہِ طاون اوس، مُسلمانن خوٚن کڈان۔
کاشرِ ن لوٚکن پیٹھ اوس عجیب مصیبتک وقت آمُت۔ جوٚمہ کین ہێندین مُند خونخوار زدی یہ وُچھتھ اوسکھ سورُے ہێندی مذہب اپز تہٕ بے بُنیاد لوزتہٕ لیوان ......

(افسانہٕ۔ "داغ"، مصنف۔ اختر محی الدین، دسمبر ۱۹۵۵ء)

اختر محی الدینس برو نہہ چھُ ظلم و جبرک پرد دینا ناتھ نادمن پننین افسانن اندر چاک کوٚرمُت۔ مثلن۔

"..... تمَن دوہن اوس شہر دوٚیم مارشل" چلان تہٕ لوٚکن آسی نہ کانسی منز ہکتکی کھالتھ رٔزتہٕ داد کران تہٕ کیتھ کٔنز رچا نکھ آسی گاو کدُس نکھ تہٕ پکنا دیکھ ئیڈ ہتی مےٚ آسہ ماجہِ مکانہِ ژوچہ درِ ژمرِ تہٕ یمہ مےٚ نالس گنڈِتھ آسہ بێلہ یڈ کھو کھشتہٕ پکنا وکھ ژوچہ آیم مز رتہٕ۔ مےٚ درِ ژاے یہ تُہ چھُ مگر بیٹھے آو بوند قی

تہٕ تمۍ ژھینانمٕ بوٚندقہٕ ٹاس اُتھس۔ مےٚ چھُ وُنہٕ تمیک آکھ
دُچھنس چھانٕس۔"

(افسانہٕ۔ "شیشہٕ پھتو پھتو"۔ دیناناتھ نادم، ۱۹۵۲ء)

مُنشی پریم چندس علاوٕ پتہٕ دِین افسانن اندر سماجی حقیقت نگاری ہندی موضوع نظر چھہٕ گژھان تمن اندر چھہٕ اعظم کریوی، مجنوٗن گورکھپوری، علی عباس حسینی، سہیل عظیم آبادی اوپندرناتھ اشک تہٕ راشدالخیری تہٕ شامل۔ یم افسانہ نگار چھہٕ سماجی مسائلن کُن صحیح توجہ دِوان تہٕ سماجس منز چھوت چھات تہٕ فرقہٕ بندی ہند رُجحان تہٕ بدرِ کڈان۔ مثلن

"۔ ۔ ۔ ۔ ۔ بوڑھا باپ دل مسوس کر، بوڑھی ماں رو دھو کر اور بھائی خفا ہو کر خاموش رہے۔ وہ جانتے تھے کہ ان کا گھر اس قابل نہیں کہ کوئی آئی۔ سی۔ ایس آکر قیام کرے، وہ اسے خوب سمجھتے تھے کہ ان کا جھونپڑا کسی بیگم کے اتارنے کے لایق نہیں۔ انہوں نے ٹھنڈی سانس بھری، آسمانوں کو دیکھا اور چھاتی پر سِل رکھ لی ۔ ۔ ۔ ۔"

("آئی، سی، ایس"، افسانہ، مصنف۔ علی عباس حسینی)

پتہٕ پانٹھ چھُ سوم ناتھ زتشی تہٕ نادمنین افسانن علاوٕ ع۔ ہ۔ ہارون ہندِس افسانہٕ "زوٗن" تہٕ ارجن دیو مجبور ہندِس "کولہٕ وان" افسانس اندر افراتفری، سیاسی بدحالی، سیاسی مصلحت تہٕ سماجی بے اعتنائی ٹاکارٕ درتھٕ گژھان۔ کاشرین افسانہٕ نگارن ہنز یہ ابتدائی مشق روٗز پانسن وریین پتہٕ فنی بالیدگی ژھاران تہٕ اُخر میوٗل اُتھ تھٕ باصلاحیت فن کار یتھ اُردوس پریم چندنِس رنگس منز میوٗل۔ یہ پوخہٕ کار تہٕ کارگر افسانہٕ نگار اوس اختر محی الدین یُس ذری یاہٕ مُند "یزار" ہیوٗ شاہکار افسانہٕ

لیکھتھ کاٗمتر فنی افسانک باضابطہ ابتدا کران چھُ ۔ اَتھ افسانس اندر آٔس پریتھ رنگہٕ فنی بالیدگی نمایاں ۔ موضوع ، زبان تہٕ حقیقت نگاری ہُند فنی بجر چھُ اَتھ افسانس اندر رازتہٕ پَتھ سدابہار زندگی ہُند باس دِوان ۔ اَمِہ زبان چھِنے کامیاب فنیٖ اعلیٰ نموٗنہٕ ۔ مثلن :

"..... تلے یاگ یجاے ، یاگی .....

چھنِنہٕ پوشہٕ رنگہٕ مٔنے ڈیٖٹھمٕس تن ....."

(افسانہٕ ۔ ڈُریایہٕ ہُند بیٔر اَر ، مصنف ، اختر محی الدین)

اَتھ افسانس متعلق آو بمبیہٕ پیٹھٕ چھپن وٲلس رسالہٕ " QUEST " لٔس منز وَننہٕ زِ !

" THIS IS A POEM OF LOVE ETERNAL

& DESERVES TO BE INCLUDED IN THE

WORLD ANTHOLOGY OF SHORT STORY."

زیٖوٹھ بحث اَو کٔرِف ترأوِتھ ہکو یہِ وَنِتھ زِ اُردو تہٕ کاشرس ابتدأیی افسانس اندر چھُ کأنی ہشر ۔ اد سہٕ حقیقت پسندی ، حقیقت نگاری ، رومانیت سماجی بدحالی ، اقتصادی بحران ، طبقأتی کشمکش ، استحصال ، لوٗٹ مار ، عموماً می یا مفلسی ہُند کردار یا موضوع ، زبأنی ہُند استعمال یا اسلوٗبُک پہلوٗ چھُ یمن دوشونی افسانن اندر دوشونی چھِنے خاصیہٕ تہٕ مشترکہ ۔ کاشرس ابتدأیی افسانس اندر یوسہٕ فنی کمزوری نظر چھِنے گژھان ، سوٗ چھِنے ابتدأیی اُردو افسانچ وراثت ۔ اگر اُردو تہٕ کاشُر ابتدأیی افسانہٕ تبصرکس خانہٕ انس منز شأمل کرون ، کانہہ ہرج چھُنہٕ ۔ یمن دوشونی زبأنن ہند ابتدأیی افسانہٕ چھِ بیانہٕ لحاظہٕ ڈیلہٕ ماحول ژٕتس پاوان ۔ یہنز زبان چھِنہٕ چُست بلکہ ڈیٖچ ۔ افسانہٕ بران چھُنہٕ پاسان زِفتاری چھُ افسانک مطالعہٕ کران

بلکہ چھُ تَس محسوٗس گژھان زِ سُہ چھُ کستام اخبار یا کمہِ تام اخبارٕک اداریہ پران۔ مثلن

"۔۔۔۔ گرمی کا موسم تھا۔ میں ہوا کھانے شملہ گیا ہوا تھا۔ مہر سنگھ بھی میرے ساتھ تھا۔ وہاں میں بیمار پڑا۔ چیچک نکل آئی۔ تمام جسم میں آبلے پڑ گئے۔ پشت کے بل چارپائی پر پڑا رہتا۔ اس وقت مہر سنگھ نے میرے ساتھ جو احسانات کئے۔ وہ مجھے ہمیشہ یاد رہیں گے۔ ڈاکٹر کی سخت ممانعت تھی کہ وہ میرے کمرے میں نہ آوے مگر مہر سنگھ آٹھوں پہر میرے پاس بیٹھا۔ مجھے کھلاتا پلاتا، اٹھاتا، بٹھاتا، رات بھر چارپائی کے قریب بیٹھ کر جاگتے رہنا مہر سنگھ کا کام تھا، حقیقی بھائی بھی اسے زیادہ خدمت نہیں کر سکتا تھا۔۔۔۔"

(افسانہ۔ "صلہ ماتم"، مصنف۔ منشی پریم چند)

تہٕ

"لالچوکس منز اور پریور پکن والیو۔ ٹانگہٕ والیو، سائیکل سوار وہ تہٕ اَہہٕ گنتو ہیوٚت جل جل پہن قدم تلُن۔ دکاندار وہیٚ خریدار وُلوُلو موکلاوٕنی۔ پاکارو ہیوٚت ڈیر ڈگہ وٹنُ تہٕ بیٹہٕ پٹھکی پولیس وٲلی ہیوٚت ڈچھِنی کھوورِی نٔروایان ۔۔۔۔ یِگاہ دژاس یہ گرتہٕ وو تَس لالچوکس منز ۔۔۔۔ ہوٹلس اندر کُرسی پیٹھ بہان بہاٲنی بیٚیِہ منیٚ اَکِس اخبار چہ سورخی کُن نظر ۔۔۔۔ چیشم دید گواہن ہُند بیان چھُ زِ لالچوکس منز اوس اکھ شریف انسان یَمِس خواجہ غلام قادر چھانٛن ناو چھُ، ہٕ وہ دِتہٕ۔ اوہآے وطن دُشمن عنصر تہٕ رٕوٚٹکھ خواجہ صاحب تہٕ دیتہٕس مار، خواجہ صاب گو زخمی، سُہ چھُ ہسپتالس منز داخل ۔۔۔ پولیس موقعس پیٹھ واتہٕ ہاتہٕ، وطن دُشمن اور پریور ژلرا وِہاتہٕ

خبر خواجہ صاًب ماسٔیدٕ ہا شہید ....

حکومت کشمیرس چھ اُسی مشورٕ دِوان زِ تمہِ قدم ین تُلنہٕ

یُتھ یم وطن دشمن نیست و نابود گژھن تہٕ شریف

انسانن ہنز زندگی روزِ محفوظ۔"

(افسانہٕ "وَنُن مأنیم"، مصنف۔ اختر محی الدین ۱۹۵۸ء)

ذأتی تاثرن ہندی شکار گمتی یم افسانہٕ چھِ واقعے وارِیاہ کم۔ ورنگہ یمتے افسانن ہُند دیُت چھُ یہِ زِ کفن، نمک کا داروغہ، خون سفید، گلی ڈنڈا، دو بیل (منشی پریم چند)، کالے صاحب (اوپندر ناتھ اشک) صرف ایک آنہ (کرشن چندر)، خودکشی (سعادت حسن منٹو)، گرہن (راجندر سنگھ بیدی)، چوتھی کا جوڑا (عصمت چغتائی)، اٹھارہ آنے (اختر انصاری)۔ اردو۔ دٔنہ وژُن ڈٕری یایہٕ ہُند ییز ار، ترس، انہٕ گٹہٕ منز بنہٕ کہتھ، شیشہٕ جنگ (اختر محی الدین) زِہٕ ژوٕر (صوفی غلام محمد)، کوکر جنگ، لانج (امین کامل)، مدن سرہٕ تہٕ منوش (علی محمد لون)، لومریج (بنسی نردوش)، ہم زاد (ہردے کول بھارتی)، ووٕنی ہُنز چھنے وأری (شنکر رینہ)، حالس چھ روتُل، یگاہ (ہری کرشن کول)، نروان (اوتار کرشن رہبر)، کرفیو، ترکو نجل (رتن لال شانت)، یونت کتھ، میانہٕ خوٕنچ کتھ (گلشن مجید)، بلا عنوان (بشیر احمد بشیر)، کُنہٕ ذاتھ (اقبال فہیم)، آہن (ناصر منصوٗر)، کدٕل (مجروح رشید)، چھٹی (آفاق عزیز) تہٕ کجر (محفوظ جان) بیترِ ہوی نُمایند افسانہٕ بنیہِ تھٕنہٕ ـــ کأشرُ۔

اُردو تہٕ کأشرُ ابتدأئی افسانہٕ اگرچہ کینژن کمہ وٕرین ہُند شکار تہٕ گوٗمُت چھُ مگر اَتھ منز چھِ مقأمی ماحولُک مکمل تصویر لبنہٕ یوان۔ مثلن:-

"ترقی پسند تحریک سے قبل برصغیر میں اُردو کا جو افسانوی

ادب وجود میں آیا اس کا تعلق بھی ہندوستان کی سرزمین اور
اس کے کسی نہ کسی علاقے کی تہذیب و روایات سے ضرور تھا۔
اس سلسلے میں رتن ناتھ سرشار کی تصنیف "فسانہ آزاد" اور مرزا
رسوا کا ناول" امراؤ جان ادا" قابلِ ذکر ہیں۔ رومانٹک
اسکول کے ادیبوں کو اگر نظر انداز کر دیا جائے تو بھی منشی پریم
چند، پنڈت سُدرشن اور ڈاکٹر اعظم کریوی وغیرہ نے جو افسانے
لکھے ان میں اپنے اپنے علاقے کی تہذیب و روایت، رسم و رواج
اور سماجی اور سیاسی مسائل کی بڑی حقیقت پسندانہ اور دیانتدارانہ
عکاسی کرنے کی کوشش کی گئی ہے"۔ [1]

اَتھ مقابلہٕ چھُ کأشر افسانُک یہ تجزیہ تہٕ پیش یمہٕ سِتہٕ اُردوُ تہٕ کأشر افسانُک ہشر
بدِ چھُ نیران۔

"ہرگاہ یہ کتھ تسلیم کرِتھ اَیہِ نام ہیٚنہٕ یہِ زِ ادب چھےٚنہٕ سماجی،
سیاسی کیو اقتصادی حالاتو نِشہٕ الگ تھاوِتھ نہٕ وچھےٚنہٕ یوان تہٕ
نہٕ تخلیق سپدان۔ ہرگاہ یہ کتھ تسلیم کرنہٕ یہِ زِ یہ چھُ کلہم معاشرُک
اکھ لازمی حصہٕ آسان تیلہِ بابہٕ تہٕ کأشر افسانُک ارتقأیی عمل غأر فطری
تہٕ نہٕ غأر حقیقی...... ٹھیک یِتھے متوازی رشتہٕ چھُ سائنس معأشی،
معاشرتی کیو سماجی ارتقأیی علمس تہٕ ادبس درمیان تہٕ...." [2]

---

[1] منظر، شہزادہ، "جدید اُردو افسانہ"، ۱۹۸۲ء کراچی، ص ۱۹۶، ۱۹۷۔
[2] بھارتی، ہردے کول، "کأشر افسانہ ـ ۱۹۴۷ ـ ۱۹۶۵ تام"، تحقیقی رسالہ، نمبر ۲،
شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر، ۱۹۸۱ء، ص ۴۵ ـ ۴۶

## ترقی پسند دور :

ابتدٲیی افسانہٕ آسۍ تن یا ترقی پسند، دوشونٕی منز چھِ موضوٗع کٕنہٕ حدس تام رلہٕ ملہٕ یعنے سماجی تہٕ رومانی، البتہٕ چھُ ترقی پسند دورس منز ورتاونہٕ آمتین موضوعن پیٹھ حقیقت نگاری ہُند عنصر غالب ۔ سماجی نابرابری، اقتصادی بدحالی تہٕ ظلم و جبرُک قلعہٕ مسمار کرُن اوس ترقی پسند تحریکہٕ ہُند پروگرام تہٕ عوام پریتھ لحاظہٕ با پرجا بناوُن، ترقی ہندی منزل بَد کڈُنی، عوامی مسلن ہُند حل ژھانڈُن، غریبن موٗل پراہ ہیٚنٛز جہالتھ تہٕ ناانصافی دوٗر کرٕنی، غرض انسانس تہٕ انسانیتس راحت واتناوُن اوس امیُک مُدعا تہٕ مقصد ۔ یُہوے مقصد ہیتھ کوٚر برصغیر کیٚن افسانن تہٕ ترقی پسند ٲداںگ ساں ۔ اکھ ٲداتس اندر تروو سارِنے برونہہ منشی پریم چندن قدم ۔ کفن، ڈامل کا قیدی تہٕ نئی بیوی ہوی افسانہٕ چھِ ناانصافی ظلم و جبر، بوچھ، غربت تہٕ غولامی ہندی سراپا ترجمان ۔ مثلن :

" سیٹھ جی نے کار سے اترتے ہی کانسٹیبلوں کو حکم دیا 'ان بدمعاشوں کو مار بھگا دو" فوراً ہڑتالیوں پر ڈنڈے پڑنے لگے ۔ دس پانچ تو گر پڑے باقی اپنی جانیں لے کر بھاگے تو نوجوان سرغنہ دو آدمیوں کے ساتھ ڈٹا کھڑا تھا ......
ثروت میں اتنا تحمل کہاں ۔ سیٹھ جی خود ڈنڈا لے کر دوڑے، کانسٹیبلوں نے ان تینوں آدمیوں کی گردن ناپی، حراست میں لے لیا اور لاری کی طرف لے چلے جو اسی لئے لائی تھی ۔"

(افسانہ ۔ ڈامل کا قیدی، مصنف : منشی پریم چند)

پریم چندنہٕ افسانہٕ نگاری پیٹھ تبصرہ کران چھِ نقاد لیکھان زٕ

" ..... سیدھی سادھی زندگی، سیرت سچائی اور ایمانداری اور کبھی

کبھی بعضوں کی بے ایمانی، چالاکی، فتنہ پردازی کا نقشہ پریم
چند کے افسانوں کی جان ہے ۔۔۔۔ دیہات والوں کی
عام زندگی کا نقشہ دیکھنا ہو تو ان افسانوں کو دیکھئے جن
میں لوگوں کی بیچارگی کی تصویر صاف نظر آتی ہے ۔ غریب
کاشتکاروں کو کبھی پولیس، کبھی زمیندار، کبھی تحصیل کے
عملے، کبھی قحط سے ایسا سابقہ رہتا ہے کہ آرام سے بیٹھنا نصیب
نہیں ہوتا ۔ ان واقعات کو ایسے دردناک پیرائے میں
منشی جی نے بیان کیا ہے کہ پڑھکر دل بھر آتا ہے۔“ [1]

پریم چندس پتہ چھ کرشن چندر، راجندر سنگھ بیدی، عصمت چغتائی، اوپندر
ناتھ اشک، احمد ندیم قاسمی، سعادت حسن منٹو، غلام عباس، حاجرہ مسرور،
خدیجہ مستور تہ قرۃ العین حیدر ترقی پسند افسانکی پانناوَن وٲلی۔ کرشن چندر، احمد
ندیم قاسمی، حیات اللہ انصاری تہ سعادت حسن منٹو ہندی ترقی پسند افسانہ چھ
پننہٕ اندی ہِکہِ ماحول تہ صوٗرتحالکی ترجمان۔ ییلہِ زن راجندر سنگھ بیدی تہ اوپندر
ناتھ اشک ہندین افسانن اندر ئژ مہ طبقک ماحول، کردار تہ موضوع نظر چھُ
گژھان۔

یمیٖتہ ترقی پسند اُردو افسانک روحِ رواں پریم چند چھُ تژہ اَس کٲشر
ترقی پسند افسانچ بوے کٲشر افسانک ابتدا گژھنس ستی یوان۔ سوم ناتھ زُتشی،
دینا ناتھ نادم، صوفی غلام محمد، اختر محی الدین تہ امین کاملن ابتدٲئی افسانہ چھ مقامی
ماحولکی پٲداوار، یتھ اندر کٲشر کاشتکار تہ عام شہری رنگہ رنگہ ظلمک شکار چھُ لیٖنہ

---

[1] فاروق محمد طاہر، ”نمائندہ مختصر افسانے“، ۱۹۸۷ء علی گڈھ، ص ۱۲۔

یوان تہٕ تِمنٛدِس اَژلس افلاس ، لاچٲری ، بے روزگٲری تہٕ بیگٲری باگہِ چھِیے آمژ۔ کٲشرِ زبانۍ ہِنٛد نقاد چھُ ابتدٲیی افسانَن اندر فنی کم۔ وٗریہ ہیٚتھ نشاندہی کران یِمہٕ سٟتۍ افسانک اول وانگن نوٚن چھُ نیران تہٕ زَن گو وافلاس ، لاچٲری ، بوچھ تہٕ زور زبردستی ہِنٛدی عکس چھِ ابتدٲیی افسانس اندر گوڈٕ پیٹھے میلان ۔ پروفیسر شفیع شوق چھُ "ییلہِ پھوٚل گاش" افسانس متعلق لیکھان زِ :

"... گرس منز چھُس تہٕ افلاس ، لاچاری تہٕ دوکھو ورآے بٔہِ یہٕ کیہتہٕ ...
... جندس تل چھُس نیٚچوٗ یِتہٕ سیتہٕ دِزان" [۱]

دینا ناتھ نادم تہٕ امین کامِلنٕ افسانہٕ چھِ تِتھے پٲٹھۍ گٲمی ماحولکی پٲداوار یِتھ کنۍ کرشن چندر تہٕ راجندر سنگھ بیدی ہِندی افسانہٕ چھِ ۔ اختر محی الدّین اُسی تن یا پریم چند ، امین کامل اُسی تن یا کرشن چندر ، راجندر سنگھ بیدی اُسی تن یا صوفی غلام محمد یہندِ ن افسانن اندر چھُ مقامی سماجُک عکس میلان تہٕ کردار تِہ چھِ مقامی ۔ اردو افسانس اندر چھِ زمیندار ، کاشتکار ، مزوٗر ، سیٹھ جی ، ٹھاکر ، مہاجن تہٕ کٲشرِس افسانس اندر ڈالدار تہٕ شقدر ، موٚزوٗر ، گریوٚس ہوی ناو مقامی کردارن ہنز نشاندہی کران ۔ ترقی پسند افسانن ہنز زبان چھِ تے جُست تہٕ افسانوی ۔ دو بیل ، خود کُشی ، صرف ایک آنہ ، ڈریایہٕ ہُند ییٚتر ار ، کوکر جنگ تہٕ ترٛکوٗنجل ہوی افسانہٕ چھِ فنی زبانۍ ہِندی ترجمان ۔ مثلن :

"شی تو ہے مرچہٕ پڈٕ ۔ اَمس بچٲرِس بوچھ ژُھمہٕ ۔ اَدٕ تہٕ چھُ دلیوسا
پھل پھُلی کھینہٕ ۔ زَن تہٕ کیہتہٕ تہٕ چھِو کھسوان ......"

(افسانہٕ : کوکر جنگ ، مصنف ۔ امین کامل)

---

[۱] پروفیسر شفیع شوق ، "کٲشرِ ادبُک توٲریخ" کشمیری ڈپارٹمنٹ ، کشمیر یونیورسٹی سرینگر ۱۹۹۴ ، ص ۲۸۴ ۔

"..... دوسری مرتبہ اگر میں نے تمہیں یہاں سوتے ہوئے دیکھا" پولیس کا سپاہی کہہ رہا تھا تو تمہیں سیدھا جیل خانے پہنچا کر چھوڑ دوں گا۔ حرام زادہ کہیں کا، سور کا بچہ..... نکل یہاں سے........."

(افسانہ — "صرف ایک آنہ"، مصنف۔ کرشن چندر)

اَتھ دوران آیہ برو نِہے پائھٕژ رۄمٲنی افسانہٕ تہٕ لیکھنہٕ۔ لول، محبت، نفسیات تہٕ ذہنی آدریرن ہنٛز کشمکش تہٕ چھےٚ یِمَن رۄمٲنی افسانن اَندر ڈیٚنٛھ گژھان۔ مثلن:

"..... چھوری کا جسم تواز کے لمس سے کانپ گیا جیسے وہ چھریرا کنوارا جسم اپنے خوابیدہ احساسات لئے اس کے جگانے والے ہاتھوں کا منتظر تھا..... اور جب چھوری نے اپنے ہونٹوں پر تواز کے سانس کی آنچ اور اس کے لبوں کی سردی کو محسوس کیا..... اور وہ اسے چوم رہا تھا۔ وہ پہلا بوسہ، ٹھنڈا یخ بستہ بوسہ..... باہر سے برف اندر سے شعلہ بوسہ..... وہ اور نرم اور سرد جسم جیسے گلاب کی پتی برف میں دھوئی گئی ہو جیسے برف کے ٹکڑے کو سورج کی کرن نے چھو لیا ہو۔"

افسانہ — "شہوت کا درخت"، مصنف — کرشن چندر)

"..... بے قرأری ہندِس اَتھ عالمَس منٛز۔ ووٚتھ دوموٗدر گرٛتہٕ پھِر وُرِنہٕ منٛز۔ تھوٚد تہٕ بیوٗٹھ دارِ پیٹھٕ کُن دأرِتھ تہٕ دلوکُنہٕ کِنہٕ کانٛہہ آواز گرٛتھ۔ تِمھن ہنٛد ٹاس ٹاس بوزِتھ سُہ لوگ اَنِہ گٔنٛڈِ منٛز۔ آنگنِچ دوہ سِہ سارِنہٕ۔ پھیری پھیری بیوٗٹھ عبدُالغنی نِنس ٹاورس کُن وُچھنہٕ۔ تَس آس بیٚنِیہٕ تہٕ بیٚنِیہ کانٛہہ تہٕ یاد پیوان۔ تِمہٕ سُنٛد لول بوٚزِتھ ٹیمیک

تُس سیٹھاہ مارِ موت اوس ......"

(افسانہ۔ کاُنسہ موراوِن شُرے پان، مُصنف۔ بنسی نِردوش)

رؤمانی افسانن ہُند اکھ موضوع جنسیات آو کنہ ورگہ تہ کُنہ ٹاکارِ پاے کھٹِھ وُرتاونہ۔ قحبہ خانن بیٹھ سپدن والہِ جسم فروشی تہ نوکرانن ستی بیٹش ییہ کہ صوُرتحالک نقشہ یا ملک تقسیم گژھنہ وقتہ زنانن بیٹھ سپدن والہِ ظُلمک تہ استحصالک ہوبہو ترجمان چھُ جنسی افسانہ۔ سعادت حسن منٹوٗ تہ عصمت چُغتائی چھے اَمہِ موضوعُک استعمال زیادے پہن کران۔ اَمہِ موضوعُک ٹاکارِ استعمال چھُ ییمہِ آیہ کرنہ آمُت۔ مثلن:

"...... کلونت کور کا بالائی ہونٹ کپکپانے لگا۔ ایشر سنگھ نے دونوں ہاتھوں سے کلونت کور کی قمیض کا گھیرا پکڑا اور جسطرح سے بکرے کی کھال اُتارتے ہیں اسی طرح اس کو اتار کر ایک طرف رکھدیا۔ پھر اُس نے گھور کر اس کے ننگے بدن کو دیکھا اور زور سے اس کے بازو پر چٹکی بھرتے ہوئے کہا.... چوس چوس کر اس کا سینہ تھوکوں سے لتھیڑ دیا۔ کلونت کور تیز آنچ پر چڑھی ہوئی ہانڈی کی طرح اُبلنے لگی لیکن ایشر سنگھ ان تمام حیلوں کے باوجود خود میں حرارت نہ پیدا کر سکے... کلونت کور تھوڑی دیر کے لئے خاموش ہو گئی۔ لیکن فوراً ہی بھڑک اُٹھی، وہ کون حرام۔ادی ہے، جس کے پاس تو اتنے دن رہ کے آیا ہے اور جس نے تجھے نچوڑ لیا ہے، کون ہے وہ الفتی.... کھاو واہگورو جی کی قسم۔کیا اس کی تہہ میں کوئی عورت نہیں۔ ایشر سنگھ نے بڑے دُکھ کے ساتھ اثبات میں سر ہلایا۔ کلونت کور بالکل دیوانی ہو گئی۔ لپک کر کونے میں سے کرپان اُٹھائی۔میان

کو کیلے کے چھلکے کی طرح اُتار کر ایک طرف پھینکا اور ایشر سنگھ
پر وار کر دیا ۔ ۔ ۔ ۔"

(افسانہٕ " ٹھنڈا گوشت" مصنف ۔ سعادت حسن منٹو)

تہٕ وارگہ باوتھ چھےٚ یتھ پاٹھۍ ۔ مثلن :

از گیہِ اَتھ کتھ ژور ؤری ۔ سہٕ دوہ اوس وونی سارنے مشتھ
گومُت یێلہِ شامہٕ ژھمبر آسہٕ میلان تہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ گیہٕ شووے ژِ
ذاَلدار ستر کورِ کوٚر موہنوی کٕڈ ٹھٕٹھ ۔ یہ بوزِتھ گیہٕ گامی گامس
دہی ژھتے ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ اکھ کھوٚرئیس ذاَلدار صابنو ژھیٹۍ پھلیو
ستۍ یڈیووسے کریا تمۍ ستر ۔ خانہٕ ماجہِ کورِ پھوتہٕ لاٗس ٹھٕٹھ ۔ ۔
خاندرۍ یتہٕ اوس پھوتہٕ لاٗنۍ بُتھ ؤچھے نارِ ژونگ ہیو
سپُدمُت ۔ مگر حیاتہٕ شرم آسہٕ پھوتہٕ لاٗس کیہنہٕ تہٕ کم گمژ
تکیازِ شرم تہٕ پردہ داری منز اوسہٕ تہندۍ وارۍ وٕنۍ تہٕ
ذاَلدار صابنۍ پاٹھۍ دُنیہس منز یور ۔ ۔ ۔ ۔ وُنہ آسہٕ گامہٕ
سوندرۍ تہنز دِرِۓ کران ۔ ۔ ۔ ۔ کیہ ژِ؟ ۔ متے پرژھس
(آشنہٕ ہُند جواب) " ژھکنا بوزان تمہٕ ؤنۍ نٹان نٹان تہٕ لوٗت
لوٗت " پھوتہٕ لالہٕ ژھکھ موہنوی کٕٹس ستۍ ژٕمرِ گوناہ کران ۔ ۔ ۔ ۔"

(افسانہٕ ۔ سورگہ ہوٗر ، مصنف ۔ اختر محی الدین)

ہندوستان یێلہِ آزاد سپُد تہٕ کشیر یێلہِ ڈوگرو ترٲو ، ترقی ہندی منزل لگی کاڈکڈنہٕ ۔
سائنسی تہٕ میکنیکی دور سپُد برصغیرس اندر عمل پاٹھۍ شروع ۔ صنعتی انقلاب آو مقامی
اُتھن منز ۔ برباَدی پھہلاوَن واَلۍ ایٹمی ہتھیار لگی ایشیاہس اندر تہٕ پھاَلنہٕ ۔ انسانس
باسیو وُنۍ مستقبل واَران گرژھنس کُن لمان مگر تس تہٕ کہنے بچاوَن وول مشورٕ دِنہٕ

دۄل یا ترکیب وَنَن دۄل لبنہٕ یوان ۔ آدم لوٗگ پانَس تنہا پَنٕ زوٗن محسوٗس کرنہٕ۔ یہِ تبدیلی کٔر انسانَن پانَس اندر محسوٗس تہٕ قلمکارو دِژٕ اَتھی صوٗرتحالَس مختلف افسانَن اندر زیو اَتھی صوٗرتحالَس کوٗرُکھ ناو جدیدیت۔

## جدید افسانُک دور :۔

جدید افسانَس اندر آو نہٕ خارجی صوٗرتحالُک نقشہٕ تھٔوِتہٕ بلکہ اندروٗنی کیفیژٕ ہیتر۔ جدید افسانَس منز آو نہٕ پلاٹُک کانہہ خیال تھاونہٕ تہٕ نہٕ سینیو افسانہٕ نگار کردارن بلکہ روٗدُس افسانہٕ تِمی آیہٕ بیش کران یِمہِ خدخالہٕ سۄ صوٗرتحالُک بُنیادی ڈھانچہٕ وُچھان اوس ۔ اُردوٗ س اندر چھِ سریندر پرکاش ، بلراج مینرا ، جوگندر پال تہٕ انتظار حسین ہندی افسانہٕ جدیدیتکی ترجمان۔

" دوسرے آدمی کا ڈرائینگ روم " تہٕ " خشت وگل " چھِ سریندر پرکاشنٕ تِم افسانہٕ یِمَن منز تباہی ، محرومی تہٕ اجنبیت واشراو نہٕ چھِنے آمتہٕ۔ علاقی افسانہٕ چھِ جدیدیتکی علمبردار۔ انتظار حسین چھُ جدید علامتی افسانَس اندر محرومین تہٕ تنہایین کٔن ظوٗن پھِران تہٕ انسانَس واقعے بےبس تہٕ حاران لبان۔" آخری آدمی " چھُ اُمی سُند گوڈنیُک جدید افسانہٕ۔

جدید کاشر افسانُک آغاز چھُ اختر محی الدین کران یِمہٕ سۄ " گٔہے تا پھِ گٔہے شہل " تحریر کران چھُ۔ اَمہٕ افسانُک عنوان چھُ یہِ باس تِنٕ یاکھٕ دِوان زِ انسان چھُ پننِن حالَن اندر ہینہٕ آمُت ۔ سۄ چھُ اَتی دُنیہکِس لوہ لنگرس منز اوٗرُ آسان تہٕ اَتی چھُ تَس تیتھ حادثہٕ پیش یوان زِ تَس چھُ پننٕ پان بےبس ، لاچار تہٕ تنہا باسان ۔ یِمہِ کِنی تَس پننِس اندی پکھس تہٕ پانَس بیٹھ پرژھ وزُھمتہٕ چھِنے ۔ اختر محی الدین چھُ علامتی افسانُک ورتاو فنی زاوی جارن نظر تل تھاوِتھ کران ۔ تِمسنٕز زبان چھِنے علامتی افسانَس عائہٕ

مطابق "منتہ کتھ" چھُ جدید تیُک نمائندہ علامتی افسانہٕ۔ ہری کرشن کول چھُ اختر محی الدینُن ساتھ دِتھ جدید افسانہٕ پرِوہنہٕ پکناوان۔ "حالس چھُ روتُل" تہٕ "شمشان واراگ" ہِوی افسانہٕ چھِ محرومی تہٕ انسانہٕ سندِ راونُک تہٕ غوطن گرٕھنُک صوٗرتحال یاد پاوان۔ علی محمد لون سُند "شیٖنہٕ" اوتار کرشن رہبرن "زِ ہتھ گامُک اچھِ"، رتن لال شانتن "ترٕ کوٗنجل"، گلشن مجیدُن "ٹنگہٕ ڈُلمُت بر" تہٕ "ہو تمُت ٹنگ دوہ" بیتر افسانہٕ چھِ تِم افسانہٕ یِم جدید علامتی بیانس تحت پننہِ محرومی ہُند۔ از خود کلامی اندر باوان چھِ۔

جدید علامتی افسانُک یہٕ کاروان چھُ پننُ سفر برو نہہ کُن تہٕ جاری تھاوان۔ اقبال فہیم، جی، ایم، آزاد، رفیق اسٹری، آفاق عزیز، فہمیدہ جان، عبدالاحد گلشن تہٕ محفوظ جان تہٕ چھِ جدید افسانس سگ دِتہٕ والین منز تہٕ شامِل۔ وہِ گو وجدید افسانہٕ کوٗر پرتھ کانسہِ پننہِ پننہِ ذہنی معیارِ مطابق تخلیق۔ کانسہِ تھوو جدید فنی زاوی جارن قلم آیتن تہٕ کانہہ روٗد زبانی ہندس لسانی وہارس ماتحت تہٕ کانہہ ییٖد موضوع عکس پوٗت منظرس اندر افسانہٕ تخلیق کرنس منز کامیاب۔ وہِ گو گلشن مجید چھُ موجوٗد دورس اندر جدید علامتی افسانُک بہتر تخلیق کار۔ اُہندین افسانن اندر چھےٚ سرٕنی، ہنہٕ دار تہٕ داخلی مگر ورگہٕ باوتھ، لیوسہٕ اتھ رنگ بستہٕ تہٕ سرساوی بناونس منز اہم رول ادا چھِ کران۔

آخرس پیٹھ چھِ وُنتھ کُن ییٚنہٕ ظوٗن زِ اردوٗ تہٕ کاشُر افسانہٕ چھُ پرتھ رنگہٕ تیوٗت قریب زِ صرف چھےٚ باوتھے یا ژیوٚن بیوٚن زبانن اندر۔ اُردوٗ تہٕ کاشرِن افسانہٕ نگارن چھُ اکےٚ صوٗرتحال تہٕ اکےٚ رجحان اچھن برونہہ کنہٕ آسان۔ ییٚلہِ تہٕ اُردو افسانس اندر رجحان بدلیوو، کاشرس افسانہٕ نگارس پیٹھ پیوٚو ییٚد سیوٚد ا میک اثر۔

اُردوٗ تہٕ کاشرس افسانس آس ذہنی قسمیہ البتہٕ آس کارٕ گرن منز فرق۔ اُردوٗ افسانس آوٗ منشی پریم چند تہٕ کاشرس اختر محی الدین ہیوٚ پوخت کارٕ گر باگہٕ۔ اگرچہ یِم دوشوے افسانہٕ نگار کارٕ گرِ زمان چھِ مگر اخترس مقابلہٕ چھےٚ پریم چندنین موضوعن منز رنگارنگی زیادے

یہن نظر گرٕ ھان ۔ یِمو موضوٗعن ہنٛز یہ رنگا رنگی روٗز اُردوس اندر از تام تہٕ برابر جارٕی ۔ اگرچہ تِم ساری موضوٗع کاشرِن اندر تہٕ نظر چھِ گرٕ ھان یِہُند استعمال اردوس منز کرنہٕ چھُ آمُت مگر کاشرِس مقابلہٕ چھُ اردوس منز یِمن موضوٗعن ہُند استعمال زیادٕ یہن کرنہٕ آمُت ۔ بیا کتھ چھےٚ یہ زِ تِمن تھاوِ نٕ لایق زِ قحبہٕ خانن ، چھوٗت چھات ، نوکرانِن سٕتی ظلم ، عام زنانن ہُند استحصال تہٕ اغوا کرنس متعلق ہوی موضوٗع اردوس اندر نہٕ آیہِ ، آسہ تمامی مگر کاشرِس افسانہٕ نگارس اوسہٕ اَمہِ قسمہٕ کِین موضوٗعن ہُند ماحول ۔ لہٰذا اوسہٕ ابتدائی تہٕ ترقی پسند دورس منز کاشرِس افسانہٕ نگارس یِتھہٕ موضوٗع ورتاونُک جواز یہٕ نہٕ اوس تہٕ ممکن یِمیک نہٕ تس ماحول اوس ۔ اَمہِ کِنہٕ ہیکو اسی بلاشبہ تہٕ بلا درنگ وٕنِتھ زِ مقامی ماحولہٕ مطابق تہٕ فنی اعتبارٕ چھُ اُردوٗ تہٕ کاشُر افسانہٕ ہر صوٗرتہٕ کِنہٕ ہشر تھاوان ۔ چونکہ علامتی افسانس اندر کنہٕ تہٕ پیچ وابستگی آسنی چھُ ہہ کہنے شرط ۔ یِہے تا وابستگی چھےٚ جدید افسانکہ خصوصیت یِمہ کِنہٕ اُردوٗ تہٕ کاشرِن افسانن اندر موضوٗع رنگی زبردس ہشر چھُ ۔ علامتی افسانس اندر یہ ہشر چھُنہٕ صرف اُردوٗ زبانی تام محدوٗد بلکہ چھُ یہ ہشر یونیورسل تہٕ ۔

# جوٲبی کارڈ

دیناناتھ نادم

زوٗن دید ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ زوٗن دید ۔ ۔ ۔ ۔ کیاہ دیندی وُنہٕ چھکھ
اَندرٕے ؟ پننہِ تیٚنٛہ خبر دِتھ ہیوٗکھ بے ژِتاہ پاٹھۍ جمال میر تیجہ بیٹھ۔ ناستہٕ ڈباہ کوڈُن
کٕھتہ تام پھیرِن ژھچہٕ پنٛد اَندرٕ مہ چیند منزٕ تہٕ اکھ بوڑ مُشکاہ موٗتھُن دہ شوے طرفہٕ
دُندن ۔ اُتھس اوسُس بورٕ کُٹناہ ۔ تمہٕ پتہٕ لوگ گردِ بیٹھ نقشہ نِگاری کرنہٕ ۔
منٹ پنداہ ہُرٕ گئے زِ گاہے برس گو وکھوری کنہٕ کریتہٕ ۔ جمال میرن کڈ ووٗٹھ ۔
پوٚت نظر دِژٕن ۔ زوٗن دید وُچھن ۔ زٕن وُچھن یوٗہمٕ ہنٛز زوٗن ۔ پرانہٕ وارِس
کننَ تام ۔ وَرٕتھ وانجہ ژوٗلس اَسہٕ نا ییر تھ ۔
" ہا ژٕ بے لعنت ژلنی ! مے دوٗپ خبر کُس چھُ صُبحے صُبحے ۔ ناپر وہ کھلاؤ ؟
بدلاوِتھ اَکو ۔ وُٹھ گمناوِتھ وَژٕھس زوٗن دید ۔ ۔ ۔ زوٗن دید گاہ نانی تہٕ
عاہ موج ۔ زوٗن دید ۔ راتھ ہش زنانہ ۔ چھوٚتھ شین ہیو ٹوٗپ ، وہ گنہٕ
وہ گنہٕ مَس کھاسی ہشہٕ اَچھ ، تَسہٕ کدلاہ ، زِچھہٕ زِچھہٕ ژٕر ۔ ۔ ۔ ۔ سفید برف
ہیو کورٕ کپرٕ ک پوژھا ژھنتھ زٕن اَمس یتھ وَنہٕ راجہ ریتٕی ۔
کیاہ دینٛدی تابہٕ ووت لوٚت بوزن تہٕ ژٕ ے چھنہٕ وُنہٕ نیندرٕ ے ژلان ۔
جمال میرن وَدٕنس ناستہٕ پان گُلاہ اَسہٕ منز پیٚژتھ ۔ " بے شوٗار ہا چھک تہٕ وَنے
کیاہ ؟ وَژٕھس زوٗن دید وایس ۔ " مے چھنہٕ تران فکرٕ ژٕ کرہ ہیچھک ؟ اماٚ ژٕے

وُچھتھ نا یہ ورالیس گاہ منز تہ نیندر کتہٕ اَسس؟"

جمال میر گو وخفیفی ہیو۔ مگر ژٲر جگراہ کرِتھ وَوتھس" نہ دیدی اصلی تہٕ چھے نہ غلہ صابنہِ موکھ ....." زٕون دیدٕ کھژ درہ جمال میرن کھتے کتھ۔ دماہ رُودی دوشوے یتھُرس کُن وُچھان۔ اٰخرٕ وژھس زٕون دیدٕ ۔"یہ چھُ پوزٕ ے منے گیوو اسہ چھے گرشھتہ یدرِ وُچھتہ کیا چھُ گومُت نہ چھنے گھاسہ کھسوان تہ نہ پھل۔ اٰمی شدی سے للہٕ کھوتس وو تم گاش بھولہٕ پیٹھ۔"

ییتس کاس آے بینہٕ تہ واریاہ نفر تہ لوٗگ دربار۔

زٕون دیدٕ کو سہ اَس، کُتیُ اَس، کِنہ اَس وٲنسہِ؟ یمہ کتھ آسہٕ گامس منز کانسہٕ خبر۔ لِیُس اَتہ بڈ کھوتہ پوڈ اوس تمی تہ اَس زٕون دیدٕ یژھے وُچھمژ۔ مگر زٕون دیدٕ اَس پر ستھ کانہہ چیز۔ گاہے حاکم..... گاہے جج، گاہے مولوی، گاہے تھانہٕ دار نمبردار، چوکیدار، پتھوارِ۔ یہ ڈیِزٕ تہ سورُے کینہہ۔ بڈین ہنز مشیر تہ لوکین ہنز دہر بوج۔ ہشن ہنز دلے دوب نو شین ہنز باپہ کُٹھ۔ پنچاٹ آسہ ہے تہ زٕون دیدٕ اوس فاصلہٕ دِین۔ لامہٕ آسہ ہے کانسہٕ گرُشن تہ زٕون دیدٕ اوس سُہ سوزُن یا نہ سوزُن۔ خاندر آسہ ہے کانہہ تہ زٕون دیدے آسہ ہے منزم یارٕنج دود دگ آسہ ہے کانسہٕ تہ زٕون دیدٕ اوس دوا دور کرُن۔ اَپارِ کنہ اوس ساری سے علاقس منز مشہور زٕ زٕون دیدٕ ہند وژن گئے ویرہ رکھ لیُس تہ پانہٕ وائسرائے تام ہینکہ پھرتھ۔ اَوے کنہ اَس زٕون دیدٕ ہنز پینڈ۔ سارنے گامہٕ کین ہند ماتامال ہش یُس کانسہٕ کھورس کونڈ ژالیو وسہ لاریو وادتے۔

۲

جوٗنہ پوٗرس چھ وُنان اپارِ کنہ کاوہ مایُن۔ وجہ چھ یہ کہ اُمہ پاکی ساری کاوچھ اَتہ بوٗنبن بیٹھ پوٗمُن گرشھوُن رات کُساوان تہ وار ہیو چھ یمنے بوٗنبن

پیٹھ آی تہٕ ییر مٔتی۔ اَز تہٕ اوس دوہ لوسنُن کاوَواَتہٕ شور محشر ظُلمت تیُتھ زاَر صدا تہٕ اوسہٕ کانہہ یوزان۔ یک قلم گوو بندوٗقہٕ ٹاساہ تہٕ شی کرٕتھ گیٚ ساٲری کاوٹاو ٹاوکران یونٕو پیٹھ کھوٚد وٕتھہ۔ اما یہ کمیٚ ترٕوو ٹاس؟ ہُکیاے چھہ فوجی جوان پکان۔ یہ چھیٚ اُمی ہنز بے شیطنت۔ گردن موٗری موٗری چھہ آس پاس کین میوٕ کُلین پیٹھ بیہتھ کاوسوچان ..... فوجی جوان ..... نہٕ نچہ پوٚکھٹی، دوٚگن دوٚگن سینہٕ، گول گول بھینکی، رُنبہٕ وٕن شونڈ تہٕ شوٗبہٕ ہٕوتی چال ڈھال۔ زُن چھہ کانہہ فرہنگی کپتان، کمال بے فکری سان چھہ ڈالہٕ دِوان دِوان پکان۔ یانی ییر پور ووت تہٕ سمیٖیں ساٲری شُری اَندی اَندی۔ اَڈُ پو کرٕہس زنگن اَر تہٕ پاَر، اَڈُ پو ژھٔنہٕ ہس چیندن منز اکھ۔ اَڈ بیٹھس بندوٗقس نموٗستی تچھٕنہٕ تہٕ سارِ ہے نچ گرز: "غلہٕ صاب تے غلہٕ صاب۔ زوٗن دیٚدی غلہٕ صاب۔ ازہے ووتے غلہٕ صاب، سون کپتان غلہٕ صاب۔"

یی کیوان کیوان ووت شُرِن ہُند یہ جلوٗسہٕ زوٗن دیٚدِ ہنز بینیہ پیٹھ۔ ٹاس کرٕتھ برمُترِتھ دراَیہٕ زوٗن دید۔ اُچھن منز اُسُن ہیتھ بتھس پیٹھ بناوٹی سنجیدگی۔ "اَوہہ۔ غلہٕ چاب! کپتان؟ کو کرِ چاب۔ یتھٕ چاَری بیٖلہٕ گٔییہٕ کپتان بنان تہٕ تیٚلہٕ ...." مگر اُتھ بزبزِس منز آسی دوہ شوٗرے ماجہٕ پوتھر اکھ اَکی ستر۔ گردنہٕ منز ترٕ پژھنتھ۔

غلہٕ صاب کیاہ واتہٕ ہے زوٗن دیٚدِ یہ تہٕ اُسہٕ کانٕہ خبر۔ یہ تہٕ اُس ترتھ کتھ۔ اَڈی آسی وَنان زِ باوِزِ ہنز۔ کورِ مُند نیچو چھس تہٕ اَڈی آسی وَنان زِ زاہتی گوبرٕ سُند زُرچھس۔ مگر زیادٕ لکن ہنز راے اُس زِ یہ چھہ زوٗن دیٚدِ مخدوم صابنہٕ ییر پیٹھ اونمُت۔ بہر حال یمن کیاہ رشتہٕ اوس، اُسہٕ کیاہ چھُ تتھ ہستی۔ مگر ییتہٕ ہن آسی ساٲری وُچھان زِ زوٗن دیٚدِ اگر کانٕہ منز ٹران چھہ تم چھس غلہٕ صابنٕی منز تہٕ ییٚتہٕ پیٹھ غلہٕ صاب اوس ملیشیا فوجس منز۔ بُرتی بیٚدمُت تہٕ پیٹھ اوسس

نہ غلہٕ صابُن ناوِے دَندو بیٚٹھ وسان۔ اکھ کتھ تہٕ غلہٕ صاب بیاکھ کتھ تہٕ غلہٕ صاب۔
بۆزتھا واساہ اَزٕ ہیا اوس غُلنَ وور بیٚٹھ خط لیوکھمُت۔ لیکھان چھُ تمہ چھِ سَداہ قبائل
اکی دوہ ماری متی۔

سو تہٕ مالی کیاہ وَنتےٚ۔ غلہٕ صابُس نُجس بُلایہٕ۔ جوابی کارڈ چھُ تمہِ لیوکھمُت۔
زَن کاکدس پیٚٹھ موختہٕ چھُن جوٚرمُت۔

جمال میراہ۔ اَزٕ ہیاہ کھٔش ساتہٕ داہ بییرٕ رٕتھ۔ ایتا با غُلس ہیو سپوٚناہ دٕزاو
کلِ کٔشیرِ ہنٛز حفاظت چھُ وُنی کٔرن کران۔

(۳)

یمہ دوہ غلہٕ صاب واپس محاذس پیٹھ دٕزاو تمہ دوہ آس گامی گامس ترٛپہ
ترٛپ۔ تیہہ گٔژ اوس سارِوے پیوٚو مُت۔ افتاب کھسہ وُن تام سٕمے یہ سارِیے زنانہ
کیوٚم و، بُڈہ کیو لوکی زوٗن دید ہنٛز پٔنیجہ پیٹھ۔ اَڈی آسی تبرک ہیتھ آمتی، اَڈی تعویذ
ہیتھ۔ کیہنہ گریسی بایہ آسہ پُرتہٕ لونچہِ کسہتھ آنچار ہیتھ آمتہٕ تہٕ کیہنہ زنیٚتہٕ گوگلہٕ ہیتھ۔
وارِہیو آسہ ملوین واںگہٕ تہٕ ہوکھتی ہاکہ ترٛرتہٕ اَنی متی۔ یامہ زوٗن دیدہ برمُنٛز تام گے دکہٕ
دک شرُوع۔ بےٚ نہٕ بےٚ دِیہ ہس گوڈنی سوغات۔

"ہتہ دید زوٗن دیدِ یہ ملوین وانکہ ہن، یہ چھےٚ فارم گوجین ہنٛز۔" وٚزھس
رحتہٕ گوٗرمَندہ چھ مَندہ چھ۔" یہ ہا دیٚدی آسے میٚ غلہٕ صابنہ خاطرٕ پیٚتھ کُن زٕھی زٕھی تھاوِتہٕ۔"
"یہ ہاکھ ترٛہن تہٕ رٔنکھنا ایاری۔" خش پور چھ وارِ ہند سوتہٕ مونجہِ ہاکھ ہے
چھےٚ۔" وۆتھس رمضہ بیگاری۔" غلہٕ صابُس ڈٔنی زِ یہ ہاکھ چھُنہٕ شہرٕ بُن ممکن۔"
یہ آنچار مو یہ ہن تہٕ رووٚٹھ دیٚدی۔" یوہ نہٕ پورِ کاشرِ ن موکھبن ہُند ڈیپی زہس
چھےٚ۔"

"زوٗن دید۔ ناے غلہٕ صابُس کڈ آو آخر کرماے چھِ سُہ کیا چھُ وُنہٕ گوکلیوشہے

منز۔" یہ ووٚنُس واہ بٹنٕ دِند ٹوٗی ٹوٗی۔
ووٚنمےٚ نا بر بیٹھ ہا چھکھ۔ اَماسہ گوٚڑھا وُنہٕ شوٗنگتھے آسُن؟ بتہ چھلنہٕ چھُ گومُت آرس پیٹھ۔ پکان آسہ۔ اَدٕ ژےٚ کیاہ ژیر گوٚیا؟" اَسان اَسان وَژھس زوٗن دیہ۔
" پشان کیا بہہ چھہس۔ منےٚ ہے اوٗسُس کنٹھ بٲیس نشہٕ رچھ برزاہ اوٚنمُت۔ دیوم پلنٕے ژاوس نالی۔" واہ بٹن ووٚنُس ڈٕکس دٕرٕ لدِتھ۔
بیٹنِس کالس آو غلہ صاب تہٕ آرٕ پیٹھ بتہ چھٕلتھ۔ یام نزدیک ووت تام گرٕھس اَڈٕ بوٗنالہ منٛتی، اَڈٕ بوڈٕ ہکس میٹھی تہٕ اَڈٕ آس اَلِنہٕ تہٕ وَلِنہٕ۔ بیٹہٕ اَدٕ وَردی ژھنتھ دژاو بندوٗق ہتھ سارِتے ہنیاے بوٚکہٕ۔ زنانو کرٕ ہس وَژھ واَنجہٕ اٲہی" گرٕژھ باغلہ تھٕدٕ تھ تہٕ بڈٕتھ بہہ۔ موٗس تہٕ ترووُ نیرتے بجتہٕ۔" گاٹُگ گام دژاس یتہٕ یتہٕ ژوٚن میلن تام۔ ییلہٕ ژہل لگُو" تمہٕ نظر ڈوٚلکھ تہٕ اَدٕ پھیری سٲری وایس۔

(۴)

اَز آس گاش پھولنہٕ پیٹھے اَسمانس زانڈ۔ تاپ ہیٹنس تام دہ ہرُن عالم گیر اوٚبرٕ۔ تیتھ زٕسنگرمالہ آورِتھ ووت برابر کوہ دامنس تام۔ یوٗرِ لکنہٕ آسہ ونکھ ژونزلہ گرژھان تہٕ باسان ادس کنتھ تام چھُس روٗدٕ راٹھ سوٚمبران۔ عموماً چھِ یتھن دہن گامس منز لکھ اَندرے بہان۔ مگر از اَسی سٲری آرٕ نتھس پیٹھ سُمہٕ تل ڈٕھرٕ تہٕ ڈٕھرٕ کرٕتھ سُسُر گُسُر کران۔ سارِنے آسہ پوٚت وَژہ گمژ پھیرتھ۔ مرد ڈٕھرٕ نشہٕ ہُنا دوٗر آسے زنانہٕ ترووٕ نبر گرٕتھ بہتھ اَندرٕی اَندرٕی پان پرژھنان، مرد اَسی وُٹھ زن پھیشان۔ ووڈٕ ووٚنے واہ بٹ آو پھرٕ مکان یمن نشہٕ تہٕ موچھ ڈٕٹھ ژٕجس باکھاہ نیرتھ۔ "کیٛھو زٕ کریم جُوا، یہ کیٛھو بوٗزُم؟ افسوٗس۔ غدٕرے (غدر) گوٚوا ۔" تہٕ کلیٛس کھتہ ژھوپ۔

ژھوپ۔" چانٹس اَتھ دِتھ ووٚتہٕ نَس کریم کرالَن ۔ "اَمہِ ستۍ اَندِ نہٕ کانٛہہ۔ دل کرٕ۔ زوٗن دیٚدِ ہند پایہ سونٛچ۔ تمِس کتھ پانٛژ واتناوو شینٛچھ۔"

"آخر یہِ کیاہ گوو؟ یہِ کٔمۍ دوٚن؟ یہِ کٔمۍ یوٗرتھ؟" گژھ گرٕ شھان پرٛژھس واسہ بَٹن۔

"کٔمۍ یوٗرتھ۔ سانی سیاہ بَختَن۔ رات آو جار ڈاکہٕ دول تہٕ پلہٕوٗن مٔتۍ غلہٕ صابُن (ووسِ ترٛاوِتھ) کارڈ تہٕ سُہ اوس خالی۔ پتھٕ یوٗراوُسس زوٗن دیٚدِ سوز مُت تہٕ تیتھے۔ سُہ آسکھ محاذس پیٹھ۔" اَمہِ برو ہنہ ہیوٚکہٕ کریم کرالن وٕنی تھے کینہہ۔

(۵)

اکہِ اکہِ واتۍ یم ساری پھٔنٛژ ہمتو کوٹھو۔ زوٗن دیٚدِ ہنٛز پٔنیجہ پیٹھ۔ زوٗن دیٚدِ اَس اَز تہٕ کانٛس منٛز گاوگھاسہ ترٛاوتہ ژامرٕ۔

"ژنے ہے چھے وَتھ راوٕمژ۔ آخر کلہٕ دِتھ ماہی پیتی۔ ییہٕ سُہ وارکارِ محاذس پیٹھ برٛھیوو تہٕ کوٗرتے ژے سکوٗت۔ اَمہِ ستۍ ماو وٚتھ نِکھہٕ" زوٗن دید اُسہ گانٛس منٛز گاوِستۍ کتھ کران تہٕ بوٗزن پٔنیجہِ پیٹھ ژاکھر اَندر بیٹھے دِتھ آو "کسو واسہ پھیکھا؟ ژے کینہہ چھے برٛارِ زوٗن گمژ اَز۔" گانہٕ منٛز نیران نیران ہیوٚتن پانسے ستۍ وَتن۔ غلن ہاراوِر بدرِ وَتھ تہٕ ..... ہیٔے ہے توہہ چھوٕ کیاہ تام وارۍ دات گومُت۔ لکہٕ ارساتھ وُچھتھ گے زوٗن دید ہک تہٕ بک ہِش۔ "کینہہ وز، لرٛاے ژٕ دواہ؟ وٕنان کوناہ چھوٕ؟" ساری گے دم پھٔٹ کانٛسہ ہیوٚکہٕ ووس تہٕ ژھٕنتھ۔

"وٕنو — زلونی واگرَن — کتھ کرٕ۔ وو —" زوٗن دیٚدِ ہیوٚتُن رنگ ڈلُن — "کینہہ گوو؟ کینہہ گوم؟"

آخر ووٚتھس جونجلبون گُن ژھنتھ واسہ بٹ دَندٹوے ٹوے۔ "زوٗن دیٚدی

.... بلایہ ہے لگے ....“ یُتے وُنُن تہٕ ژھٹن باکھ۔ سارِنے ہیتِن گتِہ گڑھنۍ۔ دُہ وُہ دارِ ووتھکھ اوٚش تہٕ شرکنہٕن ژلے ....

زوٗن دێد گوو موے ہنا تغیر گرستی ووٚنُن۔ کینہہ تھاہ پانسے سیتۍ کینہہ تھاہ سارِنے کُن۔ غلہ چھُما وارے غلہٕ ہمیٚم وارے۔ تٔس چھُنا خبر۔ کیتھہٕ چھێپہِ دِتھ، کیتھہٕ بدلہٕ“ واسہ بٔنٛ کوٗر جِگرہیوٗ تہٕ پیہٕ نووتٔس کارڈ، جوابی کارڈ۔” یہِ۔ ہے ووت راتِ مگر۔ یہِ چھُ خالی۔ خبر“

زوٗن دێد گۓ روٗزِتھ۔ کرزا کھیترہش۔ کارڈس اُس تھپیل ہوسہ سیتۍ موٚٹھ گوٚہگج گمُت۔ وارہ وارہ مُترُن تہٕ ہیُس پوٚت تہٕ برونٛٹھ وُچھنہٕ .....

پریشہٕ طرقہٕ گۓ ژھوٚ یہ۔ ژٔرژرِ وتام گوو غائب۔ سوالے آہ صدا، یُس باسان اوس زن کانٛہہ اوس عید دوہہ مزارس پیٹھ موٗرن لبلہٕ کران .. ......

زوٗن دێد پێیہِ توٚلہٕ کرِد بتھِس، یمیٚتے دوہن یرژن منز دڑایس سارِ سے بُتھِس گیٚنہٕ ٹشہٕ۔ زہٕ معصوم اشِہ قطرٕ آس ٹارِن پیٹھ تہٕ موکھ وُچھتھ ژلے پێیہِ وایس ”ہا ہا ہا“۔ زوٗن دێد ژھُن ٹھاٹھاہ کرِتھ اُسُن۔ سارِی گیہٕ ششدر ردِیوے ناواساہ ژہیا چھُک بریٹھ۔ ژێ پێیہِ دماغ آسہٕ ہی ژہ آسہٕ کھ نا تحصیلدار بنیو مُت“ زوٗن دێد وٗتھ زہرخند کران سارِتے کُن۔ ”یتھے لێکھتھ چھُ، ژٔے چھُے ناگاش۔ وُچھ یہ کیاہ چھُے“۔ کارڈ مُترِتھ آسہ شکُن تہٕ گیٚنہٕ صاف باسان دوٗرِ زن پنسلہ سیتۍ کارڈس لێکھتھ چھُ۔ ”گلن چھُ مے لیوٚکھمُت تؤری ین زنانہ فوجس منز۔ یڑتی گرشھنہ خاطرٕ“ زوٗن دێدِ ووٚن اعلان کرِتھ۔

یمہ دوہہ زوٗن دێد ہیچُو بندوٗق ہیتھ کورہ کیرُک پوژھ ژرِ ھتھ تہٕ ہوٚل گنٛڈِتھ دڑایہ تمہٕ دوہہ آس گامہ گامس دِہ رِژھتے تمہٕ دوہہ اوسہ کانٛہہ ولِوہ کانٛہہ شُر تہٕ، نہٕ اوس کُلین پیٹھ کنہٕ کانٛہہ کاو ٹا و ٹاوکران۔

# پیلہ پھوٚل گاش

سوم ناتھ زتشی

زٕ دوہہ وُاتی شین پہوان کومو کومو۔ کنہٕ طرفہٕ اوسُس نہ ژھید گرژھان
اسمانس کُن نظر دِنہٕ ستیٚ اوس باسان زَن آسی نکی نکی تہٕ کرٛہنی کرٛہنی کیمی پیران یِوان وَسان۔
اندی پکھی مکانن کُن نظر دِتھ اَسی یم کیٚمی ویٚچھ ویٚچھ تہٕ سفید پھمبہ پشہٕ باسان۔ زن اوس
کاہہ دۄن پھمب دۄبہتھ ترٛاوان۔ یا زن اَسی پچھلیہ ہندین دوہن ساری کنشِر ہندی
ٹنگہ گلی پکجا آمتی کرہ نہٕ تہٕ تمن اَس چھاٰنی یوان دِنہٕ۔ کالہ اوسہٕ شین سوم مگراز اوسُس
سوٚم نہٕ تہٕ گوٚن نہٕ۔ یُتھ گوٚن زٕ وُہہ گزٕ دۄر اسہٕ نظر بلان۔ تمہٕ اپور اوس دہ نہٕ
وُنٕ باسان۔ دوہہ اوس ہوان لوسُن۔

دوہہ پُرتھ اوس رسول گھر کُن پکان۔ کلہ نِہٕ اسس ژادر زٕ ٹاہ وٕلتھ، یوسہ
ساری اُدر آس گمژ۔ زیٹھی زیٹھی قدم اوس تُلان۔ دُہکہ کھوتہٕ موکلیو وازٕ سُہ سکی پہن،
کیا زِ شین اوس رزد رزد پہوان تہٕ لالہ جی نس دُکانس پیٹھ اسہٕ زیادٕ کام۔ تکیا زِ گٹھن
ہندی گٹھ اَسی اور یور پھرنی آسان تہٕ تم گرژھن شیشہٕ ستیٚ تباہ۔ دوٚیم اوس لالہ جی کالہ
پیٹھے ہوان آزادی ہُند دوہہ مناونٕچ تیاری کرتی تہٕ رسول اوسُن ازٕ صبحے سوزمُت کالہ کھوڈ
ژانگی انہِنہٕ۔ دۄنس نشہٕ سوٚیرٕ پھمب اَنہِنہٕ، ٹینہہ تیل انہِنہٕ تہٕ حلوا یس مٹھایہٕ خاطرٕ سے
دِنہٕ، گوٚرس تہٕ اوسُن سوزمُت وُنہِنہٕ زٕ پگاہ وارہٕ سُہ سامگری ہیتھ۔ یمہٕ کامہٕ کرٕ تھ تیلہٕ

لال آو لالہ صآبَن کرُنس نظراہ۔

"کھو کرِتھا سارینّے کامہٕ" لالہٕ جی اوس داریاہ کالہٕ پیٹھٕ کشیرِ منز تجارت کران۔ اصلی اوس سُہ امرت سرُک روزَن وول۔ وۄہ نی اوسُن کاشُر تہٕ ہیوٚ چھمُت۔
"چیز واتہٕ نا وِتھا؟"

"مہارا سورُے اوٚنُم۔" لالس نزدیک یتھ ووٚن رسول۔ "تلہٕ مہارا یہٕ چلِم دِتہٕ یوکُن ــــ" مگر یتی ہے کاڈس منز۔ اوس لالہٕ جی بیٹہٕ حسابس منز مشغوٗل سُید مُت تہٕ رسول تجٕ پانے چلِم، دام ترٕ ترٕوُر کرُنس تہٕ تھاوِن مار پیچ دار جچیر پیٹھ تہٕ لوگ وَنہٕ لالس کُن ــــ "مہارا ٹینڈی بنِیم وُسِتھ۔ بیٔیہ چھم لڑکہ بیمار، دِکھنا فرصت لالہٕ اوس وُنہٕ مشغوٗل۔ وُٹھن اوس حرکت کران، زن اوس کو کر ژورِن وۄہوان، رسولس میوٗل نہٕ جوابے۔ سُہ اوس وُچھان لالہٕ صآبس کُن۔ مگر اَز آسہٕ رسولس سو نظر یوسہٕ اَز برونہہ کینہہ کال آس۔ اَز اوس تتھ نظرِ منز سینٹرٕ تہٕ نفرت برونہہ آسہٕ تمہٕ سنز نظر درأنی لالس برونہہ کنہٕ۔ اتی سَنہٕ ہا زٕ لالس کیُتھ پوشاکھ چھُہ؟ شانَن پیٹھ دُسہٕ کیُتھ چھُن؟ مار پیچ . . . تکیہ . . . پلنگ ژادر . . . . مگر اَز اوس تمس سورُے فکِرِ تران۔ سوٚن تہٕ وۄژُن سیاہ تہٕ سفید ــــ تہٕ لالہٕ تہٕ اوس ووٚنی زانان زِ کمہٕ تام چھِس کلٕ کڈمٕژ۔

. . . . . .

شیِن اوس پیوان تہٕ لالہٕ اوس حساب کران۔ رسول اوس اکھ نظر پننِس کھورَن کُن دِوان یمَن دُپوسیُن پلہٕ ہور لأگِتھ اوسُس، یم شیِنہٕ ستی وۄژیمتی آسی تہٕ یمَن نہہ ووتھان اوس، بیاکھ اوس لالس کُن دِوان۔

کیا مہارا چھمہٕ فرصت؟" رسول پرژھنس بیٔیہ۔

لالن پھِر گردن ــــ "کیا چھُک وَنان؟ . . . فرصت . . . اَدٕ گرتھ دُنی کس۔ مگر پگاہ واتی زِ دُہکِ کھوتہٕ سُلہٕ یہِن"۔

"اَہَن مہارا، اوسے لَرٕکس خاًر؟"

"تَس کیا چھےَ خبر؟ تۆت آباگوٚر تھُس دِیُن ۔ تَپ ہَمہٕ ہیس، خاًر خُدا کرِ یس سَہلے!" — سلام دُعا کٔرِتھ دٔراو رسول تہٕ لۆکھ گھرِ کُن پکنہٕ ۔ اُدرٕ ژادرِ زُٹ اَسِس کٔلہٕ نہٕ وُلِتھ ۔ زِیٹھی زِیٹھی قدم اوس تُلان ۔ کالہٕ اُوسُس لاگُن فکرِ تور مُت زِ پگاہ کیُتھ رُت دۄہ چھُ ۔ سُہ لۆگ پکان پکان سوچنہٕ زِ دۆیمہٕ دۄہ چھُ ہندوستانس بُرٕٹھ آزادی پیٚنۍ ۔ یعنے ہندوستان گژھِ پوٗرٕ پٲٹھۍ آزاد ۔ جمہوریہ ہند! — مگر سۍتی دوٚد تھُس یہ خیال زِ اگر یہ پوٚز چھُ صمد کاکن، جمال ڈارن تہٕ قادر سُنٛخن کیازِ وۆن نہٕ تِمَس کالہٕ ۔ تِم اَے دۄہے کالچِن سمکھان اَسی یاہ تہٕ وٲنۍ تہٕ کار تھانگُ جھگڑ ۔ قالیافَن ہُند مشکل ۔ مۆزوٗرن ہندی مسلہٕ تہٕ بیٚیہٕ حالات وِ پرٛژھنا وان اَسی ۔ تِموٚ کیازِ تھاوٕ تِمَس نِشہٕ یہ کیتھ کھٔٹِتھ ۔ لاگن اوسُس سبٕٹھاہ کیہنہٕ اۆتمُت ۔

پکان پکان ووت سُہ امیراکدل ۔ فوٗجی گاڑِ آسہٕ واریاہ اکھ اَکِس پتہٕ کدلس تران ۔ ٹانگہٕ وٲلۍ اَسی گُرٕ پن پتھ کٔرِتھ قدمہٕ قدمہٕ پکہٕ ناوان ۔ سڑکہٕ ہندی تُلی اَسی کدٕلس شیٖن ژٕٹان ۔ یُتھ ٹانگہٕ گُرٕ پن گژھنہٕ رِس تہٕ بیٚیہٕ اوس پگاہ فوٗجُک جلوٗس ۔ امیرا کدٕلکس فُٹ پاتھس پیٹھ اوسہٕ ازکاہتہٕ فقیر یا بیچھ وُن ساٲری اَسی جھیٚمتی اور پور ۔ فُٹ پاتھس پیٹھ اَسی بہان واریاہ مگر تِم اَسی آمتی موٗژان موٗژان ۔ واریاہ اَسی گریزِ کی تہٕ تیلیلکی ۔ یِم قبائلی حملس کیُت ژٕلِتھ اَسی آمتی ۔ تِموٚ منٛز اَس اکھ لوکٹ کورِ ہَن وہ دۍ باگے رۆزٕ منٛز ۔

رسول تور کُدلہٕ تہٕ وُچھن یہ کورِ ہَن شیٖنس پیٹھ بہتھ اَکِس دُکانہٕ کِس وُژ اَتھس تل ۔ ہلم اوسُس وٕہرتھ ۔ سۍتی اوس اکھ چھاپِر وول ۔ تَس سٟتۍ آہہَن کانسہٕ بکیہٕ کِس متعلق کیتھ کرِ منٛز تہٕ تِمہٕ تہٕ اوس بوٚزمُت زِ پگاہ نیرِ جلوٗس ۔ بیٚیہٕ اوسُن بوٚزمُت زِ پگاہ گژھن ساٲری آزاد...... پوٗرٕ پٲٹھۍ...... رسول ٹھہرو قدم چھاپِر وٲلِس نِشہٕ ۔ یِیلہٕ تِمی خاًر پاٹھ کوٚرُس، اَمہٕ کورِ ووٚن رسولس کُن ۔ "بنی کریمؐ کری زِتیہٕ آزاد تہٕ چانَس آسہٕ

اَولادس تہٕ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ اکھ پونسہٕ دِتہٕ۔"

رسُول اوس اُمس کُن وُچھان زاور تہٕ اکھ فوجی ٹرک شینک سینہٕ چیران چیران تہٕ بوٚرُن اُمس کور رِہند وُہرتھ لُم شیٖنہٕ ستیٖ۔ رسُول یُتھے یہٕ وُچھ تمِس نچ ہسسر۔ کیاہ تام ہیوس یاد۔ قدم تُلن تیز۔ ژادر وُچن زور تہٕ پوٚت نظر تہٕ دِژن ہٕ ۔ سیٹھاہ ژیر اوسُس گومُت حالانکہ اَز موکلیو وسہٕ سُلی بی بہٕ اوسُس دوٚہمُت لڑکہٕ چھیے بیمار تہٕ پوٚت کھوری یہٕ زِ اَز۔ لوگ سوچنہٕ زِ تس کیا خبر چھےٚ۔ باپارہٕ نوکری کیاہ گیہٕ ؟ موٚزوٚر دوہ کیاہ چھُ آسان! تموکنہٕ چھُ خون پھٹان۔ یہٕ زن اوس اَز شیٖن ہیوان۔ نہٕ کتہٕ میلہٕ ہس موکہ جار۔ یہٕ کتہٕ دِہس کالیس کھیوٚن کیٖنٹ کینہہ یا لڑکہٕ ہند خاطرٕ شتگر، کاہ زبان تہٕ ہستان۔ یُس مرٕ دیا دمی ہمسایہ وہاب صابُن اوسُس تمِس تجویز کورمُت زِ دیک اوسُس ہٕ حکیم کانہہ۔ تہٕ یہٕ لدس کوٚت پھرنا وِہے۔ گیوو ڈاکٹرس تمُ اوسُس دوٚہمُت توٚرہٕ گرٹھ اُکنُ ، مگر پیگاہ دوہ کڈِتھ تہٕ کیا زِ پیگاہ اوس آزاُدی ہُند دوہ تمُ اوسُس سیٹھاہ زور کوٚرمُت زِ پگہٕ ہے وُچھتوس، مگر ڈاکٹرن اوسُس دوٚہمُت بہرتھ کانہہ مناوِ آزاُدی۔ تمِس شوکھس ژلہٕ نا تمہٕ دوہ تہٕ یہٕ بیمارن وُچھنک مُصیبت۔

گھر نِش واتِتھ ہیتٕن اُمس زیادٕ پریشانی سپدنی، تہٕ کیازِ اکھ انسان ییمِس تہٕ کینہہ شبد رِشاند آسہٕ ، مُصیبت آسنئ ۔ سہٕ دپان گھرے اُژہاہٕ زنانہٕ دبیس اونتھاہ کینہہ ۔ اُڈٕی بچہٕ نیٚس برہ نہٕ کُن وَدان تہٕ ہٕتی تہٕ لوچھہٕ تہٕ نہٕ نژٹ تہٕ نہٕ میٹ ۔ اُڈٕی آسنئ بیمار۔ مگر رسول اوس اُتھ کیٖت برٕ دلدار پریشان تہٕ ادس مگر ہمت آسس ستیٖ ستیٖ۔ گھر اُژان ہیوس سورُے یاد۔ دوٚ اوس لوٚسمُت۔ ژرٕ ہارِ آسہٕ صُبحہٕ پیٹھے ہیتھ آیِن اُژتھ تہٕ کیازِ شیٖنہٕ اوسہٕ تمن تہٕ اُپارِ سیوٕ رتار دیمُت ۔ اُدے اوسہٕ تہٕند شور تہٕ۔

بہٕ ژاو رسُول پتہٕ دِہنُن شین ژادرِ پیٹھ۔ سو آس چیرِ نیٚ لایق گمٕژ۔ فربکھاہ ہیو تروُن زِ پیٹھ چھُنہٕ وونی کینہہ پیوان۔ مگر پتہٕ ڈُلور پہرِ پیٚلہِ ہیر ہیوتن کھسُن۔ وُتھ وُچھُن دِگنہٕ وسان۔ پانہِ شین اوس کملان پتہٕ ژاڈنا و آسس پرہتھ طرفہ گمٕژ۔

گنٛڈکس اکس کوٗنس منز اوس بمار لڑکہ یمس اکھ ژادرٕ پٹ وُرنی آسس۔ بیب آس تس ستیٚ کوٗتس منز۔ شرٛپھرِ پتہٕ سو تیمہٕ یتھ پاٹھی تارس پیٹھ اوسکھ تیلہٕ دادِ ژونگ دزان دزان ہیوٚ تمُت سو تنُ۔ بی بہٕ وُچھ خانہٕ دارس پتہٕ چھیوٗرس رنگ ہیوٚ۔ بڑے یس ہمت ہش۔ رسول دِژ یمِس کوٗتس کُن نظر۔ یمہٕ نس بیا کھ کیٚ ہمن پتہٕ کجہٕ ہین پیمتۍ آسی۔

"کینہہ آسس دوہس خبر اہ" پرژھنس رسولَن

"کیاہ چھس خبر، یتھ اوس تھتے چھُ"۔ بی بہٕ ووٚنہٕ نس

"شربت چینہٕ ؟ — یتھے زور زارِ گوٚل کھنڈ"

یم آسی کتھ کرانی زِ بمار لڑکس ہیٚژن ژاس یِنۍ تمس ہیوتُن کھ ہٕتو کھر ہٕتو گژھن — "وائے ببا" — "کھوز گوٚبرا ؟ ..... کینہو چھے خبر؟" رسول نیٚونس وُچھس کُن اکھ پتہٕ وُچھُن تمس فور گژھان ونھی ونھی یتھ پاٹھی مورد گر چھُ گژھان وُنھ وُنھی۔ ترٛژ اوس سُنہٕ شاہ اوس گینومُت۔ بیب آس اکھ نظر خانہٕ دارس کُن دِوان پتہٕ بیا کھ بمار لڑکس کُن۔

"تتان تران شرُ کانہہ پروائے چھُنہٕ" رسول کوٚر بی بہٕ تسلی — "اَدِ پیتۍ دوہ دانِس یتھے پاٹھی۔ یوٚت تام سٕری پیٹھ سالاب ییمٕ" بی بہٕ ترووو وش گنٛڈکس ترٛ یمس کوٗنس نیشہٕ اوسُن ہیوتمُت ودشُن۔ ژانٛگس اوس آمُت برود۔ رسول ووتھ ژھو پتہٕ کرِتھ پتہٕ برود کاستھ۔ پرژھُن بی بہٕ — "صمد کاک مے اوس آمُت ؟" — "اہنو،

اُکھتے اوس آمُت جمال کاک تہٕ قادر شیخ تہٕ "

"کیا ووٚنکھ ؟"

" دوٚیکھ رسول ووٚنے ہٕ زِ سُلہ چھُ بیمار گومُت ـــ یہٕ کر یکھ پاہٕ واٚنی کتھ ، دوٚیکھ صُبحس یموٚ ڈاکٹر ہیتھ ، گیا یہٕ وُنی کیہہ ـ مگر سُہ آکھہٕ ، توٚ آسہٕ بجے مژ تہٕ بیٚنیہ اوسنا شِین بیوان ـــ "

" ہہ ہہ ہہ ـــ نتلے ووٚتھ چاوُن شربژ داماہ ". بی بہٕ تروو بیٚنیہ ووٚش " ووٚتھ یا زوٚو ـــ واے خُدا یہ ـــ مُلکس جہانس آیہٕ آزادی ، اُسہٕ آو شکس وُلہٕ "!

" ہہ ہہ ہہ ـــ خُدا کیا کرِ ؟"

بی بہٕ تژوو زور زار سُلس شربژ اوڈ پیالا تمہٕ یہٕ کھیٚنیکھ پانس میٚنڈ زمیٚنڈی بہٕ ـ بی بہٕ پلہٕ ناوٚ خانہٕ دارس بل بُرتر لیف شکراہ تہٕ پاہٕ شوٚنج سُلس لر ـــ رسول تراو ڈاف تہٕ وُرِنس تل ہیٚژن کانگر کھو پر ، تر یومُت اوس جلِ جلِ آیس تہٕ نیٚندر ـ لر پھرُن دِتُن تہٕ بیٚنیس ژانگس کُن نظر ـ یُس وارِ وارِ ہیوٚمُت اوسُن سوتُن ـ ژانگس کُن وُچھتھ آس کھوژُن ہیوٚ ـ برٚے یُس بیٚنیہ پریشانی ـ بیٚنیہ واریاہ کتھ یاد ـ اکِ طرفہٕ اُس پکیچ آزادی تہٕ بیٚنیہ طرفہٕ یہٕ پریشانی ـ یٚمہٕ ددہٕ ہہ نیچوٚو بیمار اوسُس پیومُت تمہٕ ددہٕ ژوٚن یی بہٕ ستیٚ نخ ہرسیٹھاہ شرمند اوس بیٚنس کرتو تُس پیٹھ ـ تمہٕ بے چارِ کوٚرمُت کُس تقصیر اوس ؟ یا گوو زانہٕ مانہٕ اوس تمی کوٚرمُت بیمار ؟ ـــ ذب ہسہٕ لوٚکس بچارِ آس معصوم شرُس آنگنس منز ـ آیس زچہ بچہ بُرنہٕ رَبہٕ ستیٚ ـ تمہٕ کجہٕ تیٚس زچہ ہو کھنا وہٕ خاطر مالی اوسُس تہٕ بیا کھ جور سوٚ مُت یُس تمہٕ وِزِ لاگہِ ہس ـ اَدِ رُود گانٹس کھنڈس نیتھ توٚن تہٕ بیوٚو بیمار ـ

یٚمہٕ کتھ یاد پیوان ژوو رسول گوڈ ووٚش تہٕ یہٕ کھرس لانس بیٹھ ژکھ یٚمی زِن واریاہ کتھ آسس وَنہٕ مژ آزادی متعلق ـ سوچُن تُتندِن لالہ بابن

تہٕ چھایی گرٛژھان؟ تمِس تہٕ چھا گھر تالہِ تالہِ وسان؟ تِمَن تہٕ چھا رٕبہٕ منز دَب لگان؟ — موٹرٕ نے آسہٕ ہکھ تیلہِ اوس مَمکن زِ دیب مالکہِ ہیکھ۔ اَسہٕ ہوٗن چھنے عموماً رٕس گرٛژھان۔ دَب لگان تہٕ زخم لگان۔ مگر اُسی چھہِ برداشت کران تہٕ بٔیہ تھوٚد ووٚتھان۔ تِمَن اگر اکہِ لَٹہِ دَب لگہِ زانہہ وٕوتھَن نہٕ تھوٚدٕ اوترے خشم کھٕرٕ وس گوڈٕ بیٚیہ کیاز کرٕن آس سُر وِتھ کَتھ؟ — بٔیہ کوٚت کال چلیس یہ چالاکی۔ بیشہ گی منجیمس روٗپیہ پانژھ۔ دوٚیمس لڑکہ چھم بیمار تتھ ہیوٚتن یِب۔ زن دراس زُو — یمَن زُو نیرٕن چھُنہٕ بُڈ کتھ۔ اُڈِس اپوٚنسس اگر پھیر چھُس بہان۔ لیڈر یِر چھُس پھیران۔ حالانکہ کُمی چھُس نہٕ۔ کارخانہ اکھ زٕ تہٕ چھس یمَن شراکت چھُس خوجہ سُلطانَس ستی۔ کمیشن ایجنٹی تہٕ چھُ کران۔ گاڑِ پانژھ تہٕ چھُس پٹنہٕ۔ یمہٕ امرتسر پیٹھٕ مال تاران چھُس۔ یُس مال تَتہٕ ہیتھ بے سوزان چھُس۔

ژوٚنگ سوٚتیوٚو۔ کٕٹھس منز آس بلکل خاموشی۔ منٹ۔ ۵ منٹ۔ ۵ آس آکھ خاموشی تھٕر تھٕر ووٚتھان ہوٚتی ووٚپھہ ستی۔ اچانک گیہ بیب ہوشیار۔

" رسُولیا؟ ہشارٕے چھُکھاہ؟ بی بہٕ کرٕنس لوٚتہٕ کرٕ نکھ۔"

" کہے زِ خارٕ پھے؟ رسول پرٕژھنس

" بہا چھس کھوژان۔ مے ہاوُچھ خواب"

" ہہٕ ہہٕ ہہٕ — شوٚنگ کرٕ آرام۔ تلے سُلس وُچھتہ ترٕژ رہمیوسا؟"

رسُول پرٕژھس — سُلس ترٕژ وُچھنہٕ خاطرٕ کڈٕ یی بہٕ ترٕ تہٕ کاژوٚن کرٕن دوٚن گوٚد صدا، دوٚ بنیس، وُنہٕ ہا چھس نگرٕ کمے یہن — مے ہا وُچھ وُلہٕ خواب"

رسول کرٕ خندٕ ہنا تہٕ لی بہٕ ہوٚوُس جل جل قسم " با خدا ہا کھوژن آم۔ از آسی نادیان زِ پگاہ نیر جلوسہٕ دلہٕ (دہلی) تی وُچھم خواب۔ کُکھ وُچھم سیٹھاہ جلوٗسس منز۔ واریاہ زنانہ آسہٕ وَچھ ژیٹان، مے پرٕژھ نکھ۔ کیاز دبہٕ چھوٚ

وَدان؟" دوّیہم" اَسہِ چھِنہٕ شُرٕ اَتھہٕ لیوان۔ یتھہٕ جشنَس منز گرٛھنہٕ لِتہٕ موٗنجہٕ گرٛھنہٕ ۔ وُچھان چھکنا بڈٕ تام چھِہ لِتہٕ موٗنجہٕ گرٛھان"۔۔۔ مےٚ ہا دوٚلپُس" متےٚ ہدی چھُ شُرنا ہموار۔ اَسہِ پیٚلہِ اوس کٲشیر منز آسان مہاراجس زینگ دوہ تہٕ دوہ اوس دریاٸی جلوٗس وَسان۔ سون لڑکہِ اوس ہانزٕ شُرِن ستیٖ شکارِ کیتھ گرٛھان تماشہٕ وُچھنہٕ ۔ اَگَن بوٚٹھِہ ہُستہٕ ہدی اَسی سارنے ناون یتھ رٹان۔ واریاہ شکارِ آسہِ پھٹان۔ بہٕ تہٕ ہدی اَسی تِلہٕ وَ چھِہٕ وَچھِہٕ دوان"۔۔۔ یتھےٚ بییب موکلیاہ خواب ڈٕنتھ۔ رسول سوٗنچ پانَس ستیٖ ۔۔۔ "ژکیاہ زانکھ، تہٕ وُچھتک آزادی ہِندِس جلوٗسَس منز لڑکھ لِتہٕ موٗنجہٕ گرٛھان. مگر یٚمہٕ تہٕ گےٚ تہٕ وُنہٕ سو گت ختم کیٚہنہٕ ۔ وُنہٕ چھُ تمہٕ گتہٕ ہندی اثرات۔ فرق چھےٚ یِہ ژ زِ اَسہِ چھےٚ یہ گت پرٕ والان تہٕ لاس تہٕ تمَس ہیوٗن لوکن ہندِ خاطرٕ چھےٚ یہ گت روٗ ہیٚن ہتر گت۔

رسولس گُھرٕ بیٚنہِ ژکھ، بیوس لالہ بیٚنہِ یاد، یٚم سہٕ ٹاہ کیٚہنہٕ اوسُس وژنمت آزادی متعلق۔ کُنہٕ وَتہٕ آیس تہٕ نیٚندر، لرِ پھرِن اوس دِوان تہٕ سوٗنچان۔ دماغس منز آیس اکھ بڈٕ کتھ۔ دوٚپن بیٚنِس دِلس ستیٖ زِ لائن وژنمت اگر یوٗز چھُ تہٕ تِلہٕ گرٛھِہ یہ میانی کتھ تہٕ باعمل یِنہٕ ۔۔۔۔

لرِ پھرِنی دِوان دِوان آس گاش۔ بییب تہٕ وٗرٛھ نیٚندرِ ۔ سُلَس وُچھن قرس. دوہنی اوسُس کالہِ کھوتہٕ کیٚمے ووتھان۔ کھ بوکھ بوٚ تہٕ اوسُس بیوٗڈھمت ۔ تپ تہٕ اوسُس ہیموٗمت ۔۔۔۔۔

"کیٚہہ چھس خیر یوٗ کہِ کھوتہٕ ؟" رسول پرژھس اَتھہٕ بیٚنہِ پریشانی منز۔ "یوٗ کہِ کھوتہٕ ہا چھس خُدایہ سِندِ فضلہٕ ستیٖ فرتے۔ دپوٗ ہا گرٛھ آزاد اَمہٕ تکلیفہِ نشہٕ ۔ بیٚنہِ دوٚلپُس۔ سو وٗرٛھ شُرِن دوہن ژھنن وُرن پیٹھ کُن تہٕ گیہ خاندارس کیٚنژت ٹیٚوٹھ داماہ کرتہٕ ۔ رسول ہرِ تر داری تہٕ وُچھن شین اوس پیوان بدستوٗر کالہِ کھوتہٕ ژوٚر۔

رگراہ پونشہِ اوس تَلہٕ بیومُت۔ گاشس یِتھ تہٕ آس اَتہٕ گژھِ باسان۔ از باسیو دہ تس
یہٕ شِین نکی نکی کیمی بلکہ باسیوس زِ یِم چھِ ہاوٗ وسان اَسہٕ مُہِتھ بنہٕ خاطرٕ۔ یانس
ہتی دوٗپُن" از آسَن ٹنگ پوش لالہٕ جی نِس بنگلس بیٹھ بہوان"۔

کالکی پاٹھی اوس از بیٹیہٕ ژھہ تہٕ وُنُل۔ نظر اَسنہٕ دوٗر پلان۔ نہ دوٗچھُن
نہ کھوفرُ۔ نہ یِتھ نہ بروٗ نہٕ۔ تمی کوٗر محسوٗس انسانیتس کتہٕ گنڈ گرِ ژھان۔ یِچھ
سڑکہٕ تہٕ کوچن ہنز بجلی تار یِمہٕ سفید گدامی ہشہٕ آسہٕ بوزنہٕ یوان کہ باسے یس
شیشتر و ہانکلہٕ، یِمو سِتی زن تمی سُند گھر بار تہٕ شربار گنڈنہٕ آسی آمتی۔ زندگی
باسے یس رُشیٹھمژ۔ رسوٗلس آو جیر ہیو۔ وو کتھ تھوٗد پریشانی منز۔

"بی بی ۔۔۔ !" بیٹیہٕ دیُتن آلو۔

"کیہوز؟" بیب آیہٕ دوران دوران۔ "کیہوزِ کوٗتوٗ دراکھ؟"

"بہ ہے کھسے امراکدل۔ تور یِتھ چھو تھو!"

"ناصمہ کاک تہٕ قادر شیخ تیتے آمتی آسنے۔ ڈاکٹر تہٕ ما پیاری ژرے"۔
بی بہ دوٗپُس۔

تم تہٕ نمکھ یہٕ یانس ہتی۔ تہند بغار اَندرنہٕ کانہہ ۔۔۔ اَدٕ بوزو ڈاکٹر"
رسول دیُتنس جواب۔

"کوسا کانہہ؟" یہ تعجلی کیہو چھے؟ بیب گیہٕ حاران۔
رسول لوگس تھلہٕ تھلہٕ وُچھنہٕ۔ زن بیٹیہٕ ہندس بُتھس پیٹھ اوس پننِ خیالن
یک جاکرنچ کوشش کران۔ کم تام خیال، کم تام تمنا، کم تام حسرت، اسی ساری اکہ ہے
ارادس بروٗنہہ پکناوان ۔۔۔ اکھ اراد ۔۔ ۔۔ ۔۔

بیبس کُن نظر دِتھ لوٗگ رسوٗل پانسے ہتی وَننہٕ۔ تعجلی چھے ۔۔۔ کانہہ گرژھہٕ
نِندٕ نِ ۔۔۔ بہٕ تہٕ گرژھہ آزاد ۔۔۔ ژونگ سوٗتہٕ نہ تیلہٕ داد ۔۔۔ انگریزٕ ژوٗل تہٕ

شیٖن کوٚہ گوٚل — لالہٕ چھُ بوٚڈ، اَسی کٔم بناوِی لوٚکی — لوٚکی تہٕ گرٛشھن بَڑنی۔ منزلیکُ مارُود منزلی — سُلہٕ تہٕ گرٛشھِ پاتےٚ بوٚڈ — ییٚلہٕ زنٛدہٕ روزِ — ہاہاہا۔ تِمس چھُ زنٛدہٕ روزنُک حق — آزادُکھ چھِنہٕ جل جل مران — فرٛہنگی کوٚہ لوکھٕ مران۔ فرٛہنگ ! — بازیگار — تِہٕ کوٚہ زانکھ — بجھ بڈی بازیگار اَسہٕ چھِ بازی دِتھ نم حیران — مُہتھ مارِتھ نوان — ساٚنی محنت، سون غارت۔ ساٚنی ہمت ! ہمت نٕی نہٕ نی نٕی نہٕ رسولس کھوٚت خشم تہٕ ہیوٚتُن گرٛزُن۔ وُٹھ تہٕ کَن ہیٚتن تیز تیز فورِنی۔ بازیگار دھرِ نہٕ ییٚتہٕ۔ بازیگار چھُ نیرِ کَڈان۔ سُلہٕ روزِ زنٛدہٕ — صمد کاکُن عمہٕ روزِ زنٛدہٕ — قادر شیخُن جان روزِ زنٛدہٕ —" رسول دژاو یِی وَنان وَنان تہٕ بیب لجِس حارانی ستہٕ ژھلِہ ژھلِہ وُچھنہٕ۔

بجن سڑکن آسہٕ لوکَو شینکُ سیٖتہٕ چیرتھ وَتہٕ کَرمٕژ۔ کوٚچَن اوسنہٕ وُنہٕ کانٛہہ پوٚکمُت۔ رسول اوس گوڈنیُک انسان یُس ییٚتہٕ کوٚچ وَتھ کَڈ۔ یوسہٕ وَتھ بجہٕ وَتہٕ ستہٕ میچ۔ تَس باسیوو زَن یمہٕ وَتہٕ آسہٕ آزاد لوکن ہنٛز وَتہٕ۔ یمو انسانیتس کتہٕ گنڈ سیدہٕ نشہٕ موکلار اوس دیتمُت۔ یمو زندگی اَمس شیٹھنہٕ گنشہٕ بچاوِمژ۔ بجلی تارِ دِ پیٹھ ییٚنہٕ شینہٕ ترٛلہٕ۔ رسول دِژ یوٚرکُن نظر۔ سفید گُمادِ وُچھن ژھیٚنہٕ متہٕ — یوٚ بجہٕ پاکھٹ باسیوٚس یہےٚ پیٚھےٚ آزادی ہنٛز وَتھ...... سُہ گوٚو تیز تیز قدم تُلان ...... !

UNIVERSITY RESEARCH JOURNAL

# ANHAAR

## 2002

## *afsaanuk fun*

## *(THE ART OF THE SHORT STORY)*






DEPARTMENT OF KASHMIRI,
UNIVERSITY OF KASHMIR,
HAZRATBAL,SRINAGAR-190006.



ISBN:81-87351-04-7

Printed at:- MAKOFF PRINTERS